# وٕتستا

# کأشُر گرٛامر

مُصَنِف

ڈاکٹر آفاق عزیز

سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹڈیز، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر ۲۰۰۵ء

تحقیقی کاٗم تفویض کٔرنہٕ : سنٹرآف سنٹرل ایشین سٹڈیز، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔

کتابہٕ ہُنٛد ناو : وبتستا کاشُر گرامر۔

مُصنف : ڈاکٹر آفاق عزیز۔

گوڈنیُک چھاپ : سنہ ۲۰۰۵ء

موٗل : 500/-

جدید ایڈیشن : سنہ ۲۰۲۲ء

سرورق : غلام حسن غیور

تیداد : ترٛیٛہ ساس

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میر (ولی دارالکتابت ٹینگن ۔ کشمیر)۔

پریس : پرنٹ ٹریڈرس، سرسید روڈ، دریا گنج، نئی دہلی ۔۲

ناشر : رائٹرس آرگنائزیشن فار رِسرٕچ اینڈ ڈیولپمنٹ، سرینگر۔

کتاب مِلنُک پتاہ:

☆ سنٹرآف سنٹرل ایشین سٹڈیز، کشمیر یونیورسٹی سری نگر۔

☆ غلام محمد نور محمد تاجران کتب، متصل گورنمنٹ پریس، لالچوک سری نگر۔

☆ وطن پبلیکیشنز، شری چندر چنار کمپلیکس، مولانا آزاد روڈ سری نگر۔

☆ عاکف بک ڈپو۔ ۳۲۴۳ کوچہ تاراچند دریا گنج نئی دہلی۔ ۱۱۰۰۰۲

☆ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ لالچوک، سری نگر۔

# ترتیب

# پیش لفظ

کاشُرِ زبانۍ پٮ۪ٹھ گرٛامر لیکھنچ رٕوایتھ گیہِ ۱۹ ہمہِ صدی ہِندِس درمیانس منٛز شروع۔ یتھ منٛز ایجؤرتھ (Edgworth) سُند گرٛامر ۱۸۴۱ء منٛز تہٕ اَمہِ پتہٕ لیچ (Leech) سُند گرٛامر ۱۸۴۴ء منٛز چھپے یہٕ۔ یِم دۆشوَے گرٛامر آسہٕ یورپی سیاحن ہِندِ خاطرٕ۔ یِمن منٛز آسہٕ زیادٕ تر کاشُر لفظ راش تہٕ روزمرٕ استعمال سپدن وٲلی کینٛہہ جُملہٕ درج۔ ایشور کولن سنسکرتس منٛز لیٚو کھمُت ''کشمیر شبدامرتم'' چھُ گوڈنیُک اہم گرٛامر مانٛنہٕ یوان یُس پانٛنی ہِندِس ''اشٹ ادھیاے'' ہِندِس ماڈلس پٮ۪ٹھ سوٗترن منٛز لیکھنہٕ چھُ آمُت۔ یہ آو لیکھنہٕ ۱۸۷۹ء منٛز۔ جارج ابراہیم گریرسنَن کۆر یہٕ ایڈیٹ تہٕ چھوپُکھ ۱۸۸۹ء منٛز۔ گریرسن چھُ اَتھ پزی اَمہِ وقتُک سارِوے کھوتہٕ جان کاشُر گرٛامر ونان۔ گریرسنٕنۍ کاشرِس گرٛامرس پٮ۪ٹھ کٲم چھےٚ أکھ پٮ۪ٹھ مبنی۔ گریرسنن چھوپ کاشرِ زبانۍ ہُند سٹنڈارڈ مینول ۱۹۱۱ء منٛز تہٕ لِنگوسٹِک سروے آف اِنڈیا (جلد آٹھ، حصہ ز) ۱۹۱۹ء منٛز۔ یِمن منٛز تمو کاشرِ زبانۍ ہِندی کینٛہہ صوتی تہٕ گرٛامرِ کی پہلوٗ وِژھناوی۔

یۆ دوَے کاشرِ زبانۍ پٮ۪ٹھ گرٛامر لیکھنچ رٕوایتھ وُہمہِ صدی ہِندِس درمیانس تام

برابر پچھ، مگر نوِ طریقچ گرٛامرن ہنٛز کأم سپز وٗہمہِ صدی ہنٛدِ شیٚمہِ ڈہلہِ پیٚٹھہٕ
شروع۔ باقٕے ہندوستأنی زبانن ہنٛدِس اثرس تل آو کأشرِ زبأنی کُن تہٕ
توجہ دِنہٕ۔ پرٛان ناتھ ترسلہٕ سُند پی۔ ایچ۔ ڈی مقالہٕ اوس ہندی پأٹھی
کأشرِس گرٛامرس پیٚٹھ۔ یہ سپُد پوٗر 1964ء منٛز۔ یتھ منٛز چھُ تمہِ وقتہٕ چہِ
موٗجوٗدٕ نہِ پیٚٹھ کأشرِ زبأنی ہُند صوتی تہٕ صرفی تجزیہ پیش آمُت کرنہٕ۔ برج
بی کاچرو ن کوٚر ۱۹٦۹ء منٛز انگریزی پأٹھی کأشُر ریفرنس گرٛامر تیار۔ یہ ہیکو ن
گوڈنیٚک تفصیلی گرٛامر مأنتھ۔ حالانکہِ اتھ منٛز چھنہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس
ساختس کُن زیادٕ توجہ دِنہٕ آمُت۔ یہنٛزِ دۆیمہِ تدریسی کتابہِ (۱۹۷۳ء) منٛز
تہِ چھِ گرٛامرکی نوٹ درٕج۔

کأشرِ زبأنی ہنٛد بن کینٛژن صرفی، ساختی تہٕ لفظیأتی موضوٗعن پیٚٹھ کوٚر مے
''لِنگوسٹِک سٹڈیز اِن کشمیری'' کتابہِ منٛز رژھاہ ویستارٕ سان ۱۹۷۷ء
منٛز تجزیہٕ پیش۔ اَمہِ پتہٕ گیہِ سنجیدٕ تحقیقی کأم شروع۔ گوڈٕنکی تفصیلی پرچہ چھپے یہِ
''آسپیکٹس آف کشمیری لِنگوسٹکس'' کتابہِ منٛز ۱۹۸۹ء منٛز یوس مے پیٖرٕ ہکس
ستی ایڈیٹ کر۔ اتھ منٛز آسی سأنی کینٛہہ یِکہٕ وٹہٕ لیکھٕمتی پرچہٕ تہِ شأمل۔ اَتھ
دورانس منٛز گیہِ کأشرِ زبأنی پیٚٹھ مختلف یونیورسٹین منٛز تحقیقی کأم شروع۔ کینٛہہ
تحقیقی مقالہٕ آیہِ کأشرِس گرٛامرس تہٕ سمأجی لِسانیأتی پہلوٗون پیٚٹھ لیکھنہٕ۔
گرٛامرس متعلق چھپیو وروٗپ کرشن بھٹ سُند تحقیقی مقالہٕ ۱۹۸۷ء منٛز۔ اَتھ

منز چھُ صوتی تہٕ صرفی تجزیہ ویستارٕ سان میلان۔

گرٛامرن ہندس سِلسِلس منز گوڈنیُک جدید کأشُر گرٛامر یُس کاشی والی تہٕ مےٚ لیوٗکھ، چھپیوو ١٩٩٧ء منز لندنہٕ پٮ۪ٹھ۔ اتھ منز آیہ تفصیل سان کأشرِ زبأنی ہندِ ساخت، صرف تہٕ صوتیاتچ خوصوصیژ وبرٛتھناونہٕ۔ اتھ منز چھُ جدید لسأنیأتی اعتبارٕ پژتھ پہلوٗک تجزیہ پیش آمُت کرنہٕ۔ییمہٕ ستی بڑے یہ عالمی سطحس پٮ۪ٹھ کأشرِ زبأنی ہُنٛز دلچسپی۔ مےٚ تہٕ کاشی والی لیوٗکھ بیاکھ کأشُر گرٛامر تدریسی نوقطہٕ نظرٕ کِنۍ یُس زَن "ماڈرن کشمیری گرٛامر" ناوس تحت جلدٕ ے امریکہ پٮ۪ٹھ چھپہِ۔ کأشرِس لسانیأتس ستی وابستہٕ چھپہِ بیاکھ کتاب "کشمیری" ناوس تحت یوس پیرٛ ہگن تہٕ مےٚ تیار چھےٚ کرمٕژ۔ اتھ منز چھُ کأشرِ بن صرفی تہٕ ساختی خوصوصیژن ہُنٛد جأیزٕ آمُت ہینہٕ باقی ہندِ آریأیی زبانہٕ نظرِ تل تھأوِتھ۔ یہ چھپہِ جلدٕ ے ٹوکیو جاپانہٕ پٮ۪ٹھہٕ۔ کأشرِس گرٛامرس ستی وابستہٕ چھپےٚ یہٕ زٕ پی۔ ایچ۔ڈی مقالہٕ حال حالے۔ اکھ چھُ سید محمد سیدٕ سُنٛد تہٕ بیاکھ راکیش بھٹُن۔ سیدٕ سنٛز کأم چھےٚ کراوتین متعلق تہٕ بھٹٕ سنٛز لفظٕ ترتیب تہٕ حالژٕ پٮ۪ٹھ۔ وُنہِ کینٛہ چھِ بیٚیہٕ تہِ واریاہ سُکالر کأشرِ زبأنی ہندن واریاہن پہلوٗون پٮ۪ٹھ کأم کران ییتھ منز کأشری تہٕ غارٕ کأشری سُکالر شأمل چھِ۔

کأشرِ زبأنی منز چھِ سبٹھاہ کم گرٛامر لیکھنہٕ آمتۍ۔ امیُک بوٚڈ وجہ چھُ زِ کأشُر زبان چھےٚ نہٕ لازمی مضمونہٕ رٔنگۍ کشیرِ ہندن سکوٗلن تہٕ کالجن منز پرناونہٕ یوان۔

اختیارٲتی طورِ پرن والین شاگردن ہُند تیداد چھُ سیٹھاہ کم، سکوٗلن تہٕ کالجن منٛز کاشُر پرناون والین وٗستادن ہُند تیداد تہِ چھُ کم۔ کأشرِ زبأنی منٛز گرٛامر لیکھنٕچ روایتھ چھےٚ نہٕ زیادٕ پرأنی۔ ناجی منور تہٕ شفیع شوق (۱۹۷۳ء) تہٕ نشاط انصاری (۱۹۷۹ء) چھِ پنہٕ نِین موخصر گرٛامرن منٛز صوتی تہٕ صرفی اعتبارٕ اکھ موختصر زان کأری پیش کران۔ گوڈٕ نِکس گرٛامرس منٛز چھِ گرٛامرس متعلق اُردو، فارسی زبأنی منٛز مُروج الفاظ کأشراونہٕ آمتی مگر دوٚیمس منٛز چھِ بیٚیہِ تِمے الفاظ آمتی ورتاونہٕ۔ کأشرِ زبأنی منٛز گرٛامرس متعلق مواد فراہم کرنٕچ کوٗشش چھےٚ بروٚنہہ کُن بڑاوِمٕژ رتن تلاشی تہٕ عادل کاکن (۲۰۰۲ء)۔ مگر یِم تریشوَے کامہِ چھےٚ نہٕ گرٛامرِ کین صرفی تہٕ ساختی پہلوٗن ہنٛز تفصیلی وِزھنے کران۔

کأشرِ زبأنی منٛز تہٕ کأشرِ بن گرٛامرن ہِندِس سلسلس منٛز ہیکو أسی ڈاکٹر آفاق عزیزُن "وِتستا کأشُر گرٛامر" اکھ اہم کأم مانِتھ۔ یہ چھُ کأشرِ گرٛامرِک تہٕ زبأنی سٟتی وابستہٕ باقی صِنفن ہُند اکھ سیٹھاہ کارآمد دستاویز۔ یہ چھُ کأشرِ زبأنی ہِندِ بن طالب علمن تہٕ وٗستادن ہنٛز واریاہس حدس تام ضروٗرتھ پوٗرٕ کران۔

تمہیدس منٛز چھےٚ یِمو کأشرِ زبأنی ہِندِس بولن وأِلس علاقس، زبأنی ہِندِس آگرس تہٕ بروٚنہہ لیکھنہٕ آمتین گرٛامرن تہٕ لسأنیأتی کامہِ ہنٛز زان کأری دِژمٕژ۔ یِمو چھُ کأشرِ زبأنی ہِندِس مختلف اسلوٗبیاتی نظریاتن دل دِتھ۔ حالانکہِ کأشرِ زبأنی

ہٕنٛدِس آ گرس، آسٹرک تہٕ دڑاوڑلسانی رِشتن پٮ۪ٹھ چھےٚ مزید کام کرٕنۍ بے حد ضرورتھ۔

یتھ گرٛامرس منٛز چھےٚ صوتی نظامس تہٕ گرٛامرس متعلق مختلف پہلوٗون ہٕنٛز وبرٛ ھنے۔ مثلن صوتی خوصوٗصیژ، جمٗلن ہٕنٛز ساخت تہٕ قسم، بوٕلنکی جز، ناوِتی، کرٛاوِتی، ہُر کرٛاوِتی، باوِتی تہٕ تہنٛدی قسم، کالہٕ ورتاو، لفظ بناوٕٹھ، لگی نِظام وغارٕ شامل۔ گرٛامرِ علاوٕ چھُ بُنیادی لفظ راش، کرٛاوتین ہُنٛد فرِس، دٔپتی، اہم جُملہٕ، چٕٹھہِ، مضمون تہٕ ادبی صِنفہٕ تہٕ تہنٛز وضاحتھ شامل۔ یتھہٕ کٔنی ہیکہٕ یہ گرٛامر ورتاونہٕ یتھِ کاشرِ زبانٕی پٮ۪ٹھ مزید تحقیق کرنس منٛز تہِ۔ یمہِ گرٛامرٕچ اکھ بڈ خوٗبی چھےٚ گرٛامرس متعلق استعمال سپدن والین کاشرٕ اوٕ یتین الفاظن ہِنٛد استعمال تہٕ موافِق مثالو ذٔریعہٕ تہنٛز وضاحتھ۔ یمو چھُ گرٛامرس تہٕ زبانٕی ہٕنٛدِس تدریسس منٛز کامہِ یِنہٕ والین کینٛژن اہم پہلوٗون کُن خاص توجہ دِتٕمت۔

مےٚ چھےٚ پوٗرٕ وومید زِ کاشرِ زبانٕی تہٕ ادبکی طالبِ علم کرن یمہِ گرٛامرک رُت استعمال۔ اَمہِ علاوٕ روزِ یہِ کاشرِ زبانٕی تہٕ ادبہٕ کین وہستادن ہِنٛدِ خاطرٕ اہم وتہٕ ہاوٗک۔ کاشرِس منٛز کاشرِ زبانٕی پٮ۪ٹھ تحقیق کرن وٲلی تہٕ ٹلن یمہِ گرٛامرک پوٗرٕ فائدٕ۔ یتھہٕ کٔنی سپدِ کاشرِ زبانٕی منٛز یمہِ کتابہِ ستی گرٛامرٕکس سوچس منٛز ہُربر۔ بہٕ چھس ڈاکٹر آفاق عزیزس دِلی مبارکباد دِوان زِ تمو کٔر محنتہٕ تہٕ بوز شوژِ

سان کأشرِ زبأنی تہٕ ادبہٕ کینہ طألب علمن تہٕ وستادن ہنٛز ضروٗرتھ واریاہس حدس تام پوٗرٕ ۔ مےٚ چھےٚ وومید زِ کأشرِ زبأنی ہنٛد ىُژ کر در، أدیب تہٕ دأنشور کرن ییمہِ کتابہِ ہُنٛد وژھہِ وأنجہِ استقبال۔

۹ر جنوری ۲۰۰۵ء

پروفیسر اومکار این کول

چیرمین

اِنسٹیچیوٹ آف انڈین لینگویجز۔ دلی

# کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد سنتھر

<u>کأشُر بولن وول علاقہٕ</u> : کأشرِ زبأنۍ چھُ تِتھے کُنۍ پَنُن بولن وول علاقہٕ یِتھہٕ پأٹھۍ عالمہٕ چِھنہٕ بیشتر زبانن چھُ۔ کٔشیٖرِ منٛز بسن وأنۍ سأری لۄکھ چھِ کأشُر بولان ا۔ لداخ کِس کرگِل علاقس منٛز تہٕ چھیٚہ کأشر زبان بولنہٕ یوان۔ جۄمی صوبس منٛز چھُ پڑنیو، راجوری، بھدرٕواہ، کشتوار، رام بن، بانہال، گۄل، گولاب گڈھ تہٕ کٹھوہ کیٚن اِکثر علاقن منٛز کأشُر بولن والین ہُنٛد جان تیداد موجود۔ کٔشیٖرِ ہِنٛدِس أندی پکھس منٛز چھیٚہ کأشر زبان دۄردۄر تام بولنہٕ یوان۔ پأکِستأنۍ مقبوضہٕ علاقہٕ خاصکر باغ، کوٹلی، میر پور، مظفرآباد تہٕ چکوٹی چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد گڈھ مانہٕ یوان۔ ہونزاہ، نگر، چِلاس، گِلگت، یاسین، داریل، غذر تہٕ پوکھلی منٛز تہٕ چھُ کم کاسہٕ کأشُر بولن وأنۍ لۄکھ آباد ۲۔ پاکستانکیٚن کیٚنٛژن علاقن خصوصی طور سندھ، لاہور، پشاوُر تہٕ راولپنڈیہٕ منٛز چھِ کأشرِبن ہُنٛد جان تیداد موجود یم پننہٕ ماجہ زیٚوِ رأچھ چھِ کرِتھ۔ بقولہٕ عبدالرشید کابلی:

---

ا۔ اِدتم بٹہٕ، مسلمان یا سِکھ چھِ۔ سِکھ چھِ پنجأبۍ بولنس سٟتۍ سٟتۍ بہترین تہٕ صحی کأشُر بولان۔ گُجری تہٕ پہأڑی لۄکھ چھِ پننہٕ ماجہ زیٚوِ لرِ لۄر عام لۄکن سٟتۍ کأشری پأٹھۍ کتھ کران۔ کٔشیٖرِ منٛز بسن وأنۍ یا عارضی طور روزان وأنۍ لدأخۍ چھِ اصل کوٗشُر بولان۔ یِمیُک نتیجہ واضح چھُ زِ کأشرِ زبأنۍ چھُ یِمن سارِنے بولین پیٹھ زبردست اثر ترٛوومُت۔ ۲۔ یِمن چھُ پأکستأنکۍ شمالی علاقہٕ جات وَننہٕ یوان۔ مُلک تقسیم گوژھنہٕ وِزِ أسۍ یِم سأری علاقہ مُتحدٕ کٔشیٖرِ ہُنٛد حصہٕ۔

"لاہورس منز بسن وول کأشر بن ہُنٛد اکھ جان تید اد چھُ

"دراگہٕ کأشرٕ" ناوٕ مشہور............"[1]

یَمن کیازِ چھُ دراگہٕ کأشرٕ وَننہٕ یِوان تتھ متلق چھٔنہٕ کانٛہہ تحقیق سپُد مُت۔ تاہم چھُ قیاس یِوان کرنہٕ زِ "دراگہٕ کأشرٕ" چھِیہٕ یَمن ریٛتھ کڈنہٕ آمٕژ یِیلہِ یِم از برونٛہہ ؤری ہتھ تارٕ کٔشیرِ منز دراگ ووتھنہٕ کِنِ ژٔلِتھ آسن۔

سائنس مُلکس منز چھِ کأشُر بولن وٲلی لوٗکھ طرفاتن چھکٕرِتھ۔ ہماچل پردیش، کولکتہٕ، ممبے، دِلہِ تہٕ اَمِکِس أندی پکھس منز چھُ کأشُر بولن والین ہُنٛد تید اد ہناہ ژوٗ رُے پہن۔ ۱۹۹۰ ءکیٛت یِیلہِ کٔشیرِ منز سیأسی افراتفری ؤژھ، آبادی ہُنٛد جان تید اد ژوٗل گرِ بارٕ ترأوِتھ۔ یَمن منز بٹہٕ کیٛوٗ مسلمان شأمل أسی۔ البتہٕ اوس بٹن ہُنٛد تید اد اَتھ منز سبٹھاہ زیادٕ یعنی دوٗن ژور لچھ یِیلہِ زَن مسلمانن ہُنٛد تید اد لگ بھگ پنٛژ (۲۵) ساس اوس۔ کینٛہہ سِکھٕ گرِ تہٕ وأتی ژلان ژلان جوٗم تہٕ کینٛہہ بسے یِہ پنجابس منز[2]۔ یتھہٕ پأٹھی گوٗ وباقے علاقن منز کأشُر بولن والین ہُنٛد دأیرٕ وسیع۔ یتھ منز، جوٗمی شہر، لُدیانہٕ، جالندھر، پٹیالہ، دِلی، نویڈا، فریدآباد، غازی آباد، بنگلور، آلہ آباد، کولکتہٕ، مُمبے تہٕ بییہٕ تہٕ کِتی شہر

---

[1] عبدالرشید کابلی صأب چھُ پرون سیاستدان۔ یِم روٗدی وارِیاہس کالس سرٛنگیر بڈگام انتخأبی حلقہٕ پٮ۪ٹھہٕ لوٗک سبھایہٕ منز لوٗکن ہنٛز ترجمأنی کران۔ یِم چھِ ازکل بیٛون تنظیم "نیشنل ڈیموکریٹک فرنٹ" چلاوان "دراگہٕ کأشرٕ ہن" ہنٛز ذِکر کٔریمو ۳/ اکتوبر ۲۰۰۳ ءکیٛت سرینگرس منز اَکِس غأررسمی کتھ باتھِ دوران۔ [2] یِمو منٛز گندرے یِہ واریاہ سِکھ۔ یَمن منز راقم الحروف ہِنٛدِس ہمسایہ گام دھرم سالہِ سنگاٹک سردار جنک سنگھ تہٕ شأمل اوس یُس کتھِ پٮ۪ٹھ دستگیر صأبُن قسم ہاوان اوس۔

شائمِل چھِ۔

کاشُر بولن وألی لوٗکھ چھِ عالمکین باقے حصن منز تہٕ بوٗد باش کران۔ یتھ منز امریکہ، برطانیہ، سعودی عرب، عرب امارت، ملیشیا، انڈونیشیا تہٕ آسٹریلیا بیترِ تہٕ شائمل چھُ۔ اکہِ سرسٔری اندازٕ مطابق چھُ سعودی عربس منز کأشرین ہُنٛد تید ادڈھاے ہتھ کھوتہٕ تہٕ زیادے پہن یمن منز بیشتر نفر پتی موپنٛژہ ہوٕری یو پتھٕ اَتکی مستقل باشندٕ بنے ٚمتی چھِ۔ یم سأری کأشری چھِ گرن منز پنٛنی ماجہِ زبٕوے استمال کران۔ عرب امارات تہٕ عمانس منز چھِ تقریباً ہتھ کأشری بوٗد باش کران یم اتہِ عارضی طوررٕ زِتھ چھِ۔ امریکہ تہٕ انگلستانس منز چھُ کاشُر بولن والین ہُنٛد سارے کھوتہٕ ژوٗر تید اد بسان۔ چھرامُلکہِ برطانیہس منز چھِ ساسہٕ بُدی کأشری بوٗد باش کران۔ اتہِ کِس مشہوٗر شہر لیڈسس (Leeds)[۱] منز چھُ کأشرین بسکینٛدرن ہُنٛد تید ادا کھ ساس تام ووتمت۔ اتھ تید ادس منز چھُ سارڈشبہ ہتھ سِراج زأژہٕ ستی تعلق تھاون والین لوٗکن ہُنٛد یم اتہِ پتی موژورودٕہلو پتھٕ مستقل سکوٗنت گرِتھ چھِ۔ یم سأری چھِ انجینیر تہٕ ڈاکٹر۔ یُہنٛد آبأئی وطن سِراج کالونی راج باغ سرینگر کشمیر چھُ۔ اگرچہ پورٕ دُنیہس پتھ انگریزی زبأنی پننہِ جاریتگ سِکہٕ چھُ بہنو وُمت تہٕ فردن فردن چھُ امہِ زبأنی ہُنٛد بوٗت سوار گوٗمت مگر کشیرِ ورأے پورٕ دُنیہس منز ییتہٕ تہٕ کأشری بسان چھِ تِمو چھیہ پنٛنی ماجہِ زبو پننہِ روزمرٕ زندگی ہنٛزٕ لأزمی جُز بنأوِمو۔ خاصکر

---

۱ لیڈس (Leeds) چھِ انگلستانک اکھ مشہور کرکٹ گراونڈ تہٕ

لیڈس شہرس منز روزن والیو کأشرٕ ۔ یہندی بچہ چھِ کأشُر بولان تہٕ پرٕتھ تہٕ ہبکان ۔ یِمو یعنی لیڈس شہرس منز روزن والیو کأشرٕ کوٚر ۲۰۰۳ءمنز کأشُر انگریزی اکھ قأیدٕ تہٕ چھاپ یُس یِم پنٕنین بچن پرناوان چھِ ۔ یِم کأشرِ چھِ خاندر بیترِ پانہٕ وأنی کران ۔ تمام رسم ورِواج چھِ خاندرن بیترِ پیٹھ تِتھے آسان یِم کشیرِ اندر نأفظ چھِ ۔ یِم چھِ خاندرن پیٹھ گیوان تہٕ ونِ وان تہٕ ۔ تُمبک نأرتہٕ نوٚٹ تہٕ چھِ خاندرن پیٹھ وایان خاصکر مأنزِ رأژ دوہہٕ ۔ وازٕ وان چھُ عأن تہٕ غأن کأشرُ ے آسان ۔

گرن منز چھُنہٕ انگریزی بولنُک رِواج بلکہِ کأشُر ، خاصکر بچین ہِتی ۔ لندن خصوصی طور لیڈس منز روزن والین کأشرٕن ہنٛز میٹنگ چھیہٕ پرٕتھ ہفتہٕ سپدان یتھ منز یِم باقیو مسأیلو علاوٕ کأشرِ زبأنی ، ادب تہٕ کأشرس کلچرس پیٹھ سران سونچان چھِ تہٕ اَمچہِ ترقی تہٕ حفاظتہٕ باپتھ چھِ یِم رنگہٕ رنگہٕ کأم کران[۱] ۔ ہالینڈس منز روزن والیو کأشرٕ چھیہٕ کشیمر یکہِ بقا خأطرٕ ''اتھہِ واس'' ناوٕچ اکھ تنظیم بنأومٕژ یوسہٕ خصوصی توجہ کأشرِ زبأنی تہٕ تمدنس کُن دِوان چھیہٕ تہٕ مادری زبِٕ ہنٛز رأچھ راوٕٹھ کرنہٕ باپتھ چھُ اَمہِ تنظیمہٕ پنٕنین بچن پرائیویٹ طور کأشُر پرناونُک سنٛز کوٚرمُت ۔ تِتھے پأٹھی چھِ کأشُر بولن وألی لوٗکھ عالمکین بیئہِ تہٕ

---

[۱] یہ واقفیت گرمیہٕ ڈاکٹر عبدالمجید تہٕ ڈاکٹر بشیر احمد سراج ولد عبدالرحمان سراج (ساکنہ سراج کالونی راج باغ سرینگر کشمیر حال لیڈس انگلستان) صأبن أکِس تحقیقی بحثس دوران فراہم یُس کأشرِس کلچرس تہٕ زبأنی پیٹھ چلان اوس ۔ سنہ اوس ۲۰۰۳ء تاریخ ، ۱۷ اچھلے تہٕ مقام لالچوک سرینگر

کینژَن ہِھن منز بود باش کران۔ تتھ منز ایران تہٕ شامل چھُ۔

## کاشِر زبانٕۍ ہُنٛد آگُر

اختلاف کرُن چھُ انسانس سُنٛد پیدایشی حق۔ اتھ پٮ۪ٹھ گوٚھن نہٕ ڈبکس گیٚنہٕ کھسنہٕ تہٕ نہ گوٚژھ اختلاف تضادُک بایِث بنُن۔ وون یٮ۪لہِ اختلاف ادبی نوٗعیتُک آسہِ تیٚلہِ چھُ تتھس اعتراضس قلمہٕ ستی جواب دیُن بہتر روزان۔ دپان چھس بہ تہِ ژھنہٕ ہاکھشرِ پاچہِ منز زنگ تہٕ لاگہٕ ہابجہِ بجہِ کتھہٕ کرنہٕ۔ کھوژان چھس خبر تگہٕ نمہِ اُڈی پوٗری تراوِنی۔ وِنیسے چھنہٕ کوٗشش کرنس کانٛہہ ہرج۔ دپان سنہ اوس ۱۸۸۵ء۔ یٮ۪لہِ یوٗرپُک اکھ تحقیق کرن وول یہ تجویز ہیتھ بروٚنٛہہ کُن آو زِ کاشُر زبان چھےٚ پرانہِ پراکرت زبانٕۍ ہنٛز زُر[1]۔ یہ محقق اوس اَتھ زمانس منز ”چرچ مشینری سوسایٹی“ ستی وابستہٕ آسنہٕ موکھ کشیرِ منز روزان۔ یُسُنٛد ناو T.Russell wade اوس۔ کتھ رُکے یہ نہٕ اُتی بلکہِ چھُ بیا کھ اکھ یورپی محقق پروفیسر ارنسٹ اَمہِ پتہٕ صرف ترےٚ وہری بیا کھےخیال ہیتھ بروٚنٛہہ کُن یوان زِ کاشرِ زبانٕۍ ہُنٛد خاندانٕۍ رشتہٕ گوٚژھہِ دردٕ زبانن ستی آسُن یِمہٕ دردستانس[2] منز بولنہٕ چھےٚ یوان۔ اُتھی دوران سپدٕ یورپی سُکالرن ہنٛز اکہِ چھوکہِ ڈسی ہندوستانچن زبانن پٮ۪ٹھ تحقیق شروع تیٚچ سربراہی جارج

---

[1] ٹی۔ آر۔ وِیڈ، ”اے گرامر آف کشمیری لینگویج“ ۱۸۸۸ء، لندن، ص۔ ۸۱۔

[2] دردستان چھِ تتھ پہاڑی علاقس ونان یُس ازکل ہندوستان، پاکستان تہٕ افغانستانکس قبضس منز چھُ۔ ہونزا، نگر، چِلاس، پکھلی، یاسین، گلگت، غذر، گریز، کرگل، نورستان، یاغستان، غور تہٕ کافرستان عترٕ علاقہٕ چھِ دردستانس ستی گنزرادنہٕ یوان۔

ابراہیم گریرسن کران اوس تیمۍ ماباقے ہندوستانۍ زبانن لرِ لوٚر کاشرِ زبانۍ تہٕ
ادبک سرٛ ون مطالعہٕ کوٚر۔ مطالعس دوران میوٗل تس پنڈت اشور کولن سنسکرت
گرامر "کشمیر اشبدامرتم" تہٕ یُس گریرسنن ۱۸۹۷ ہس منز ایڈیٹ کٔرِتھ کولکتہ
(پرون ناو کلکتہ) پیٹھہٕ چھاپ کوٚر۔ گریرسن تہٕ اُمِ ہِندِ بوسٲتھی سُکالرو ویٚلہِ
شُمٲلی ہندوستانچین اکثر زبانن ہنٛز تحقیقی سروے اند واتناوٕ، اِد آو اَتھ جمع
گٔرِ ہٕنتس مواد س پیٹھہٕ لسٲنی تھیوری نظرِ تل تھاوِتھ شُد تہٕ سان سرنہٕ سونچنہٕ۔
تو پتہٕ آو فٲصلہٕ ہنہٕ زِ کاشرِ زبانۍ ہُند لسٲنی رِشتہٕ چھُ دردزبانن ستۍ رلان تہٕ
یوہے گژھِ کاشرِ زبانۍ ہُند آگُر مانہٕ یُن۔ گریرسنہٕ سربرٲہی منز تحقیقی کام
کرن واجنہٕ ہِند یورپی کمیٹی کوٚر یہِ دعویٰ تہٕ پیش یُس پتہٕ صحی ٹھہراونہٕ آو زِ درد
زبانن چھُ پنُن خودمختیار لسٲنی خاندان یُس ہر صورتس منز ہند آریا زبانن پتہٕ
تہٕ ایرٲنی آریا زبانن بروٚنہہ وجوٗد چھُ پراوان۔ یہِ کتھ تہٕ آیہِ واضح کرنہٕ زِ یم
سٲری خاندان چھِ ہند یورپی لسٲنی خانداکی شاخ تہٕ یہُند لفظِ راش تہٕ چھُ
مشترکہ۔ اَمہِ پتہٕ آو "لنگوسٹک سروے آف انڈیا" ناوس تحت ڈوڈ درجن
پیٹھی کتابہٕ چھاپنہٕ یمن منز اکثر زبانن ہُند آگر ہِند یورپی لسٲنی خاندان قرار
دِنہٕ آو یمہٕ شُمٲلی ہِندوستان تہٕ اَمکس گردنواحس، ایران تہٕ اَمکس اَندی پکھس
تہٕ یورپی مُلکن منز بولنہٕ چھیہٕ یوان تہٕ کیازِ یمہٕ سارے چھیہٕ ژکہِ آریا قومچہِ
زبانہٕ۔ یمن والیوٗمن منز چھُ پوٗرا اکھ جلد دردزبانن مُتلق لیکھنہٕ آمت۔
گریرسن چھُ صوتیاتس تہٕ ساختیاتس بُنیاد بناوِتھ کاشرِ زبانۍ ہُنٛد آگر درد



پارٔ ژھ ہت ہنواہ

خاندان مُقرر کران۔ درد خاندانس خاصکرِ تھ کاشُر، شِناتہٕ کوہستأنی زبأنی منز یمہٕ خأصیژ تہٕ خوٗبیہٕ گریرسنس مشترکہٕ لبنہٕ آیہٕ تموٕ ستی ہیکہٕ وٕ کأشرِ زبأنی ہُند آگر دردٕ ٹھہرأوِتھ کِنہٕ نہ، تتھ متلق چھُ یِتے وُنن کأفی زِ کینژن پہلون منز چھیہ درد زبانن پانہٕ وأنی نزدیکی ہِش باسان۔ تاہم چھنہٕ یہٕ قُربت تمن پہلون ستی تیژ واضح تہٕ جھول، یہندس بل بوتس پیٹھ اکہٕ زبأنی ہُند رِشتہٕ بیٚیس زبأنی ستی وابستہٕ چھُ یِوان کرنہٕ۔ تہٕ زن گوٚو زبأنی ہُند صرف ونحو تہٕ ساختی اوٗصول چھِ زبانن ہِندی رشتہٕ قائیم کرنس منز بُنیأدی تہٕ اہم رول ادا کران۔ اگر درد خاندانچین زبانن حرفی یا مارفمیأتی نوکتے نظرِ کِنہٕ وُچھو، تمہٕ رٔنگی چھُنہٕ یمن منز موثر ہِشر درینٹھی یوان۔ یتھے پأٹھی چھیہ ناوِتی حالژن منز تُنی تفاوت لبنہٕ یوان۔ اِشارٕ ناوتمن منز چھُنہٕ سو، تمہٕ، ہُہ، ہُم، ہُمہٕ، تموتہٕ ہُمو ہِشہِ کراول تہٕ کرووٕتی حالژ نہ شِناتہٕ نہ کوٚہستأنی زبأنی اندر موجوٗد یِیلہٕ زن کأشرِس اندر یِم تِتھے کُنی موجوٗد چھیہ۔ یتھہ پأٹھی ہِند یورپی زبانن منز یِہُند چلے جاوِ چھُ۔ ویسے چھُنہٕ مِلکیتی حالتُک تہٕ کہنے اِشارٕ ناوُت شِناتہٕ کوٚہستأنی زبأنی اندر موجوٗد یِم زَن کأشرِ زبأنی اندر رأتج چھِ مثلاً میأنی، میانہِ، سأنی، سانے، سانہِ، چأنی، ژہنٛد، تُہنز، تِمُ سُنٛد، تِمُ سٕنز، ہِمی سٕنز، یِمن ہُنٛد، ہُمن ہِنزٕ بیترِ[1]۔ نحوی اعتبارٕ چھُنہٕ کأشرِ زبأنی ہِنزٕ کہنے خصوصیت درد زبانن ستی رلان۔ لسأنی خاندان مقرر کرنس

---

[1] وُچھو راقم الحروف سٕنز پی ایچ ڈی تھیسز یمیُک عنوان ''درد خاندانچین مختلف زبانن (خاصکرِ تھ کاشُر، شناتہٕ کوٚہستأنی) ہُند اکھ تقابُلی مطالعہ'' چھُ (غأر مطبوعہ) یُس ۱۹۹۵ء کُیت کشمیر یونیورسٹی ہِندس سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹڈیز ڈِپارٹمنٹس منز مکمل آیہٕ کرنہٕ، ص۔ ۸۵-۹۷۔

منز چھُ زبانٕی ہنٛدس لفظ ترتیبس کلیدی رول۔ یؠ تام کاشرِ زبانٕی ہُنٛد تعلق چھُ، امیُک لفظ ترتیب چھُ SVO [1] میٛلہِ زن درد زبانن SOV چھُ۔ مثلن شِنا زبانٕی ہُنٛد لفظ ترتیب وُچھو:

ا۔شاہدس    توم مون ژ    مُلائی    گنی گی (شنا) [2]

شاہدن    پننہِ کھوٕنہِ منز    لڑکی    رٹ/رٹیہ (کاشُر ترجمہ)

۲۔توا    کوتوی    وَتھو    (شنا)

تُہو    کتہِ پیٹھ    آمتۍ چھِو    (کاشُر ترجمہِ)

۳۔اَچوبلبہ    شبدلَی    جیک    حال ہَن (شنا)

ازکل    سردی ہُنٛد    کیاہ    حال چھُ (کاشُر ترجمہِ)

کوہستانٕی زبان ہُنٛد لفظ ترتیب:

ا۔ بچے باپ کدِ مانو    ۲۔ماپہل تھو

تچھوی مأِلس ووٚن    بہ پوہل چھس [3] (کاشُر ترجمہِ)

صوتیاتس متلق اگر کتھ کرو، تمہِ رٔنگی تہِ چھنہِ کاشرِ زبانٕی ہُنٛد مضبوط رشتہِ درد خاندانس سِتۍ ثابت گوٚھان۔ کاشرِ زبانٕی ہنٛز یمہ آوازٕ چھنہِ شنا زبانٕی منز

---

[1] SVO گوٚو سبجکٹ (S) یعنی کراول، وی (V) گوٚو وٚرب یعنی کرہٕوت تہٕ او(O) گوٚو اوبجکٹ یعنی کرووٗمت۔ [2] ڈاکٹر شجاع ناموس، "گلگت اور شنا زبان" ۱۹۶۱ء، بہاولپور، پاکستان، ص۔ ۲۱۷۔ [3] گریرسن "لنگوسٹک سروے آف انڈیا" ۱۹۶۸ء دہلی، جلد ۸، پارٹ، ۲، ص، ۵۱۵۔

مۆلے موجوٗد مثلن اُ، اِ، اِ، او، اوآ[1]۔ییلہِ زن کوٚہستأنی زبأنی منٛزأ، اِ، اُو تہٕ او آ آوازٕ بولنہٕ چھنہٕ یوان[2]۔ تاہم چھِ کھ، تھ، پھ، چھ تہٕ ژٕ اَچھر تریشوٕنی زبانن منٛز مُشترکہٕ۔ نی تو دردز بانن ہُنٛد حوالجأتی نظام۔یوٚ تام حقیقی ناوتمن ہُنٛد تعلق چھُ، کہنے ناوٗت چھنہٕ پانہٕ وأنی رلان۔ ماسوایہِ یم زٕ لفظ گُنہِ حدس تام۔ مثلن دردزبانن منٛز چھِ مأٖلس، 'مالوٗ'تہٕ رازس 'را' ونان۔ یم لفظ چھِ رژھاہ پیٛوٗنتہ اورٕ یور بدٕلتھ بیشتر دردٕ زبانن منز ہوِی یعنی 'مالوٗ'گوٚو کاشُرِ پأٹھی مول تہٕ 'را' چھُ رازٕ، سُہ تہِ زیادٕ کاشُری بٹہٕ ورتاوان۔ حالانکہ یہِ لفظ چھُ سیدِ سیوٚد سنسکرت آگرُک۔ تِتھے پأٹھی چھِ دردٕ زبانن منٛز پیٛترٕ، پیچھینٛز، موج، باتھر، پوتھر، پوتھُر، مامہٕ تُربیترِ ہی حقیقی ناوٕتی بلگلے نایاب۔یہِ کتھ تہِ چھیٚہ اہم زِ کاشُرِ زبأنی منٛز چھِ حقیقی ناوٕتی پرکھاوٕنکی واریاہ اُصول تہِ زن گوٚ ویم ناوٕتی 'اُ' آوازِ پیٹھ ختم گوٚھان چھِ تم سأری چھِ حقیقی ناوٕتی مثلاً زامُتر، سأجو، نیچو، پوپھو، ژھاوُل، کوتُر بیترِ ییلہِ زَن اُتھی آوازِ پیٹھ ختم سپدن وأٖلی اکثر لفظ صِفتکس زُمرس منٛز یوان چھِ مثلن گاٹُل، کاژُر، زأوِیل، کھشُر بیترِ تاہم چھنہٕ یمہٕ خأصیُو باقٕی دردزبانن منٛز۔اَمی آوازِ ہِشُر دُچھی تو یمہٕ خوٗبیہِ تہِ۔ اگر ''اُ'' آوازِ ستی 'در' لوگ رلاوَو، یم مُذکرٕ بن بارسس مثلن کانٛدر،

---

[1] جارج ابراہیم گریرسن، ''لنگوسٹِک سروے آف انڈیا'' ۱۹۶۸ء دہلی، جلد ۸، پارٹ، ۲، ص ۱۴۱۔

[2] ڈاکٹر شجاع ناموس، '' گلگت اور شنازبان''، ۱۹۴۱، بہاولپور، پاکستان، ص ۱۳۸۔



[2] گریرسن ''لنگوسٹِک سروے آف آنڈیا'' ۱۹۶۸ء دہلی، جلد ۸، پارٹ، ۲، ص ۵۳۳۔

واندُرتہٕ کادُروغاٲرمگر یمو سارِوے خٲصیو وِنشہِ چھےٚ باقٕے دردزبانہٕ قریبن قریبن مُبراتہٕ پاک ۔ یوٚ تام جمع بناوٕنکۍ اوٚصول چھِ تمن ہُنٛد تیداد چھُ کاشُرِس منٛز واریاہ مگر ہشر چھُنہٕ یمن اوٚصولن کلی تین تہِ دردزبانن ستۍ ۔ وون اگرلفظٕ راشہِ حسابہٕ وُچھوتمہٕ رٕنگۍ چھُ زیادے ژھربر دردزبانن ہنٛدِس ہشرس منٛزلبنہِ یوان ۔ اتھ مقابلہٕ چھیٚہ یہِ کتھ زیادٕ وزن دارتہٕ پٔزٕ زِ کاشُرِ زبانۍ منٛز چھُ سنسکرت لفظن ہُنٛد اکھ جان تیداد موجوٗد ۔

یم سارۍ نوکتہٕ نظرِ تل تھٲوِتھ چھُ کاشُرِ زبانۍ ہُنٛد آگُر ہر لحاظہٕ مزید تحقیق منگان تہٕ اِدٕ ہیکو کانٛہہ مُکمل نتیجہٕ اخذ کٔرِتھ ۔ حالانکہ یتھ حقیقتس گوژھِ نہٕ کٲنسے اِنکار آسُن زِ کینٛہہ زبان چھنہٕ کُنہِ زبانۍ منٛز نیران بٔلکہِ چھیٚہ زبانہٕ اکھا اکس نِشہِ اثر قبول کران تہٕ أکس زبانۍ چھُ بیٚیس زبانۍ ستۍ کم یا زیادٕ ہشر آسان یتھ کُنۍ زن عالمکۍ لسانی ماہر تسلیم کران چھِ ۔ کاشُرِ زبانۍ ہُنٛد شہرہ آفاق لسانی ماہر پروفیسر اُمکارناتھ کول چھِ امی خیالکۍ پاروکار تہٕ أتھۍ خیالس چھِ پروفیسر شفیع شوق تہِ گوڈ بران ۔ آ ، یہِ کتھ چھیٚہ ضروٗری وٕنٕی زِ دون زبانن درمیان کمہِ کمہِ قسمُک ہشر چھُ ۔ صوتیات چھا پانہٕ وٲنۍ رلان ، صرف ونحوس منٛز چھا قُربت ، لفظیاتہٕ رٕنگۍ چھا ہشر کِنہٕ بیٚیہٕ کُنہِ رٕنگۍ چھیٚہ زبانن درمیان یکسویی ، غرض یوٚت ہشر زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پہلون منٛز نوٚن آسہِ ، زانُن گوژھِ یمہٕ زبانہٕ چھیٚہ کرتام یکہٕ وٕنہٕ بود باش کران آمِژٕ ۔ تہٕ کہ یہِ ممکنہِ چھیٚہ زِ یمہٕ زبانہٕ

چھـٕ اکھ اَکس تھنہٕ پیٹھ، یہِ زَن عام محققن ہُند خیال چھُ۔ یہِ کتھ تہِ چھـٕ وٕنۍ ضروٗری زِ یِیلہِ گریرسنن کأشرِ زبأنۍ ہُند آگُر دردِ قرار دیُت، مختلف سُکالرو کوٚر وِزِ وِزِ اختلاف ظأہر تاہم روٗدی اکثر اعتراض کرن وألی صرف یِتے ونان زِ کأشر زبان چھـٕ سنسکرتہٕ منٛز درأمٕژ تہٕ کینٛہہ لُکی ہوا ہس گیٛجہِ گنٛڈِتھ اتھ عبرأنۍ زبأنۍ ہنٛز لَنٛڈ قرار دِنہِ۔ اَمہِ قسمچ رائے زٕنۍ کرن وألی سُکالرروٗدی زیادٕ تر لفظیاتن پیٹھ زور دِوان نہ کہ زبأنۍ ہنٛدِس ساختیاتس پیٹھ۔ حالانکہ گریرسنن اوس گوڈے وٚنمت زِ لفظیاتہٕ رٕنٛگی چھـٕ کأشر زبان سنسکرت الفاظو سٟتی مالامال۔

یہِ چھُ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِ آگرُک اکھ پہلوٗ یُس پٟتِ مہِ سوادہتہٕ وٚریہِ پیٹھ موضوعِ بحث روٗدمُت چھُ۔ تاہم چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُند بُنیاُدی پہلو بلکِلے رأوِس تل یتھ کُن سارِنے سُکالرن زن تہٕ پچہِ چھُن گنٛجمُت۔ اتھ کیٛاہ وجہ ہیکہِ أستھ تھ أنزی منٛزی گرٛھُن گو اَکھ زیوٗٹھ بحث ٹلن۔ البتہٕ چھُ یِی فکرتران زِ کأشرن چھـٕ بیٚتھے ہأل گمُت کھنبس۔ اگر پیٚتھے آسہٕ کھ، سُہ گیوٗ نوٗرن علیٰ نور۔ ووٚنۍ چھُ کأشرن منٛز بیاکھ کلچرتہٕ ودتہٕ بولبان سُہ گوٚیہ زِ اگر کانٛہہ ژأپتھے دِیہ بکھ، کأشری کرِ ہانس کینٛژس کالس غولأمی تہِ۔ یِم چھِنہٕ ہرگز تہِ سنان زِ کُمی نفرن کیاہ وٚن تہٕ کیازِ وٚنُن۔ صحی چھاونان کِنہٕ غلط۔ اگر سَنن تہِ مگریمن منٛز چھِنہٕ بدوٗشہ گہِ یانٛژ پأٹھی کانٛہہ کتھ دمٕک یا بیٚش کوٚمک جُرأت۔ گریِسنن گُر

کاشُر زبأنی ہنز کتھ۔ اِدٕ صحی کرن یا غلط۔ اتھ گژھہِ نہٕ ووٚنی کانٛہہ اتھہٕ لاگُن۔ ہرگاہ اتھ متعلق کانٛہہ کتھ کرنٕچ کوٗشش کرِتس چھِ ونان ''دراو اٚلہِ منز روٗنگ''۔

کہنے محقق چھِنہٕ یتھہ کتھہِ سنان زِ اگر کاشرِ زبأنی ہُند آگر درد مانوتمہٕ ستی ماچھُ گٔشیرِ ہٕندِس لسأنی توأرٟیخس سٕتیا ناس گوٗھان۔ گریرسنہٕ رایہِ ستی اٚچھ وٕٹتھ اتفاق کرن وأل ماہرِ لسأنیات چھِنہٕ اتھ کتھہِ پٮ۪ٹھ تہٕ غور کران زِ اَمہِ ستی ماچھِ تم پأنی پانے تضادپأدٕ کران۔ تِہُند توجہ چھُنہٕ یتھ کُن تہِ گژھانے زِ درد چھُ بُنیأدی جغرافیأیی ناونہ کہِ لسأنی تہٕ نہ چھِ یم محقق یتھ پہلوس سنان زِ درد چھِ اصلی آریا قومکی لوٗکھ۔ یہِ کتھ تہِ چھِ مشُراوان زِ آریاوأتی مستند شہادتو مطأبق زِ ساس تا پنداہ شتھ قبل مسیح دوران شُمالی ہندوستان کُن۔ یہِ چھِنہٕ واضح زِ آریا کرآیہِ گٔشیرِ، یہنٛز گیٛجہِ کاشرِ زبأنی ہُند آگر گنڈٕنہٕ چھُ آمُت۔ بہ فرضِ محال اگر مذکورٕ دورٕ ے گٔشیرِ منز آریالوٗکن ہُند وأرِدسپدُن مانوتمیک مطلب چھُ یہِ تہِ نیران زِ گٔشیرِ اندر چھِنہٕ ۱۵۰۰ قبل مسیح کہنے بُستی اٚسمٕژ تہٕ اَمہِ مطأبق ما گوٗھہِ کٔشیرِ ہنٛز ابتدأیی زبان سنسکرت آسنٕژ۔ قأرٕین تھٲوی تن مذکورٕ سوالات ذٕہنس منز تہٕ کینہٕ کالہٕ باپتھ پھِری تن پٔتن توجہ بیٚیہ اٚکِس پہلوس کُن۔ تہٕ زن گوٚو:

برصغیر چین قدیم توأرٟیخن خاص کٔرتھ مہابھارت، پرانن، نیل مت پُران تہٕ

راج ترنگنی منز چھُ واضح پأٹھی لیکھتھ زِ ناگ چھِ کٔشیرِ ہِنٛدی ابتدأیی بسکین آسۍ متۍ[1] یِمن پٔنُن اکھ مُنفرِد کلچر چھُ اوسمُت۔ ناگ آسۍ نہٕ صِرف کشیرِ اندر بود باش کران بلکہِ اوس یِہُند مسکن شمأ لی ہندوستانٕکی بیشتر علاقہٕ۔ ناگن اُس پٔنٕنۍ الگ زبان یوسہٕ آسٹرک ناوٕ زانٕنہٕ چھیٚ یِوان[2]۔

کٔشیرِ منز چھُنہٕ قدیم آثارن ہُنز تہٕ کھٔنۍ کمی۔ یِم یہِ زانٕنہٕ تہٕ مانٕنہٕ باپتھ کأفی چھِ زِ کٔشیرِ ہُند کلچر چھُ وارِیاہ پرون۔ یِہأری تہٕ نظر تراوو، پرأنی آثار چھِ وننہِ یوان۔ بُرزہامہِ کلچر چھُ پانٛژھ ساس ؤری پرٛون۔ سمتھن، گوپھ کرال، پاریٚ ہمے تہٕ باقٕے کٕرٛ اہم جایہِ چھیٚ قدیم تُمدنٕچہٕ زٕند مثالہٕ۔ ایچ ڈی سنکالے چھُ ۱۹۷۱ء منز رؤسہٕ پیٹھہٕ یتھ لیدر روادی (پہلگام) تہٕ پرٕنگ (سونہٕ مرگ) جایہِ کھُدایہِ دوران اوزارن ہُنز اکھ صنعت دریافت کران یِمہِ کہ مُطالعہٕ ستۍ واضح چھُ گژھان زِ کٔشیرِ منز چھیٚ تتھبن اوزارن ہُنز صنعت ایشأیچ گوڈنیچ[3]۔

---

[1] نیل مت پُران، ۱۹۶۸ء سرینگر، ص۔۱۶۔

[2] ناگ قوم اوس چین، مصر، افریقہ، ہندوستان تہٕ وسط ایشیاکین بیشتر علاقن منز تہٕ روزان۔ ایل بی کنی چھُ ناگن دراوڑ تہٕ فرٕگسن تورأنی نسلکی قرار دِوان یِیلہِ زن گریرسن یِمن ہونزاتہٕ نگرٕکی بسکین مأنتھ یِہنز زبأنی بروشاسکی مانان چھُ یہِ زن پُوز چھنہٕ۔ تہٕ کیازِ ناگن اُس پٔنٕنۍ اکھ الگ زبان یتھ آسٹرک ونان چھِ یوسہٕ ازتہٕ اَمی ناوٕ زانٕنہٕ چھیٚ یِوان۔ اتھ چھیٚ درجنہٕ واد بولہِ یِمہِ ہندوستانس منز بسن وألی ناگ ازکل تہٕ بولان چھِ۔ ناگن متعلق یُس تہٕ تحقیق ازتام بروٗنہہ کُن آمُت چھُ تِمہِ تلہٕ چھُ یِی فکرِ تران زِ ناگ چھِ بُنیأدی جنوبی منگولیا تہٕ مشرقی تُرکستانس منز بالغ سپدِتھ شمأ لی ہِندِ کین سارِنٕے علاقن کُن پھأ لے متۍ۔ وُچھو راقم الحروف سُند تحقیقی مقالہٕ Ancient Kashmir an Anthropo-Linguistic Analysis یُس کشمیر یونیورسٹی ہِندِس سنٹرل ایشین سٹڈیز س منز ۱۹۹۸ء کٕیت مکمل کرنہٕ آو۔

3.H.D Sankalia,"New Evidence for early man in Kahsmir," Current Anthropology,University of Chicago, Vol 12, No.4-5, 1971. P.P 558-562.

سوال چھُ پاڈٕ سپدان زِ یمن قدیم تہذیبن ہنٛز بُنیاد تراون واٲلی کم ٲسۍ تہٕ یم کوسہٕ زبان ٲسۍ بولان۔

## آسٹرِک رشتہٕ

اگر کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس توأریخی لِسأنیاتس غورٕ سان سَنتنہٕ ییہِ، سأری ہیے پتھ کالس لگہِ وۄکھرٕ تہٕ لأ زِمن ژٕلہِ وٚتھۍ گمٕون زِبانن شاپھ تہٕ تم ہمن پأنی پانے بولُن زِ تمن کرتہٕ کم لُکھ ٲسۍ بولان۔ اَمہِ قسمچ شہادت چھیٚہ تمہِ ساتہٕ فراہم سپدان ییلہِ کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس لسأنی توأریخس الغأبہٕ زیر چھیٚہ لگان۔ یہِ آو گوڈٕ تہٕ وننہٕ زِ باتے کینٛژن اصولن ہٕتۍ ہٕتۍ چھُ لفظہٕ ترتیب تہٕ کُنہِ زبأنی ہُنٛد آگر مقرر کرنس منٛز اہم رول ادا کران۔ یۄٚ تام کأشرِ زبأنی ہِنٛدِ لفظہٕ ترتیبُک سوال چھُ، شمأ لی ہندوستانچہِ کُنی آریا زبأنی ہٕتۍ چھِنہٕ اَتھ ہِشر۔ بامے سوٚسنسکرت، اُردو، ہِنٛدی، پنجأبی یا بنگأ لی چھیٚہ۔ یۄٚ تام گریرسَنتنن درٕ زبانن ہُنٛد تعلق چھُ، تمن منٛز چھُ سُے لفظ ترتیب یُس شمأ لی ہندوستانچین باتے زبانن منٛز لبنہٕ چھُ یوان یعنی Sov۔ تاہم اگر شمالی ہندوستانس منٛز کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس لفظہٕ ترتیبس کُنہِ ہٕتۍ ہِشر لبنہٕ چھُ یوان، سُہ چھُس آسٹرِک زبانن ہِنٛدِس لِسأنی خاندانس ہٕتۍ۔ مثلاً

| آسٹرِک جُملہٕ | او | لاپٹھ | رُوہ |
|---|---|---|---|
| امیٚک روٗمن | Uo | Laphet | ruh |

| | | | | |
|---|---|---|---|---|
| امیُک انگریزی | He | ran | | also |
| امیُک کاشُر | سُہ | دوریوٚو | | تہٕ |
| آسٹرک جُملہٕ | او | لادن | ہا | لِنگکھاہ |
| امیُک رومن | Uo | La-don | ha | Lyngkha |
| امیُک انگریز | He | Was | In | Field |
| امیُک کاشُر | سُہ | اوس | مٔنز | مأدانس |
| آسٹرک جُملہٕ | او | اِم | ار | نگت |
| امیُک رومن | U | em | ar | ngut |
| امیُک انگریزی | He | had | two | persons |
| امیُک کاشُر | تِمِس | أسی | زٕ | نفر |

زبانن ہُنٛد بیا کھ اکھ پہلو چھُ انسأنی رِشتن ہنٛدی ناوِتی۔ یِمن رِشتی ناوتین درمیان ہشر آسُن تہٕ چھُ زبانن ہنٛدِ آگرُک اکھ اہم اصوٗل مانہٕ یِوان۔ اَمہِ قسمُک ہشَر چھُ آسٹرک تہٕ کأشرِس درمیان باقے آریاتہٕ دردٕ زبانو کھوتہٕ نُمایاں۔ مثلاً

| آسٹرک | کاشُر | آسٹرک | کاشُر | آسٹرک | کاشُر |
|---|---|---|---|---|---|
| ابو | ابوٚ | امی | أمی | مامی | مأمُز |
| کول | کولے (زنانہٕ) | لوٚک | لوٚکٹ | کاکا | کاکھ |

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| ابا | ابا | ماما | مام | پوپھا | پوپھو |
| بھولے | بوے | چیہ | چیچہ | پوپھو | پوپھ |

آسٹرک تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدبن عام ناوٕتین درمیان تہٕ چھُ ہشر لبنہٕ یوان۔

مثالے

| آسٹرک | کأشُر | آسٹرک | کأشُر |
|---|---|---|---|
| مانو/مہنوا | مہنیو | گدِرا[1] | گدٕر |
| دُترا[2] | دٕتُر | چن[3] | چن پیالہٕ |
| چو[4] | ژوٗر | مکو[5] | مکھ |
| کاتِک[6] | کارتِک | کاوٗو[7] | کاو |
| لوٗری[8] | لوٗر | نال[9] | نال |
| پُدنا[10] | پُدٕنہٕ | گرُو[11] | گگُر |
| کوکھر[12] | کوٗکُر | گورا[13] | گُر |
| بالا[14] | بال | دت[15] | دتھ |
| پہ[16] | پکو | گٹ[17] | کوٗٹ |
| اُتی[18] | اتھہٕ | لام[19] | لائمنۍ |

۱ آسٹرک تہٕ کأشرِ زبأنۍ منز چھِ گدِرا یا گدٕر لوکٹس بچس وَنان۔ ۲ دٕتُر لچھُ وانگن کُلس ہیوٚ آسان۔ پیٹھہٕ کنہٕ چھُ اتھ اکھ گنڈٕ دار ڈوٗن آسان۔ یتھ منز دٕجری بول آسان چھُ۔ یہ چھُ دوا بناونس لگان۔ دندوأدِس چھُ زیادٕ دوا۔ ۳ آسٹرک زبأنۍ منز چھِ چن، پیالس وَنان تہٕ کأشرِ بأشہِ چھُ اَتھ لفظس سٟتۍ پیالہٕ تہٕ ورتاونہٕ یوان۔ ۴ چو گوو ژوٗر۔ ۵ مکو یا مکھ لفظُک معنہٕ چھُ تمہٕ ییٚس کشیپ ہنٛدن بالأیی علاقن منز استعمال سپدان چھُ تہٕ مکو چھُ عام طورٕ تہٕ ورتاونہٕ یوان۔ ۶ کاتِک یا کارتِک چھُ کأشرِ رتگ۔ ۷ لوری کاوٗ گژھ کارتِ۔ ۸ لوٗری گیہٕ لوٗر۔ ۹ نال چھُ گرِس لاگنہٕ یوان۔ (باقی بییس صفس پٹھ)

| | | | |
|---|---|---|---|
| ٹمنگ [20] | ٹینگ | گی [21] | گپن |
| کوٗل [22] | کُل | گھ [23] | کھ |
| ڈُے | ڈِے/ڈِی | پَٹ | پٹاوٗن، پٹیوٗو |
| پھٹ | پھٹ، پھٹن | مو | موٗاٹ |
| لوٗپ | لیوٗب | میان | میین (میئن) |

آسٹرک تہٕ کاشُر زبانٲ درمیان ہکبن بینہٕ تہٕ کتی قریبی رِشتہٕ تہٕ ہشر ثنۍ نیرتھ، اگر تم ساری اصوٗل مُکمل پاٹھی ورتاوس منز انہٕ ییٚن ییم کاتھہ زبان ٹنہٕ خاندانس ستی منسوٗب کرنہٕ خاطرٕ عالمی سطحس پیٹھ تسلیم کرنہٕ چھہٕ آمتی۔

## دراوڑ رشتہٕ

ناگ قومچہٕ آسٹرک زبانٲ لرِ لوٗ ریم عُنصر کاشرِس منز بدٕ چھہٕ نیران تمن منز چھُ دراوڑ لسانی خاندانچن زبانن ہُند اہم روٗل۔ دراوڑ تہٕ کاشرِ زبانٲ درمیان لِسانی رِشتن ہُند ثبوٗت چھُ مُختلف طریقو میلان۔ یتھ منز ناوٕ تی لگو تہٕ مرکب

(پتہٕ مہٕ صفہٕ پیٹھ برونہہ) [10] پُرنا گوپُرنہٕ۔ [11] گرُد چھہٕ گلرِس ونان [12] کوکُر گوکوکُر۔ [13] گور لچھہٕ گرِس ونان۔ [14] بالا چھہٕ بالس یا پہاڑس ونان۔ [15] دَت چھہٕ زمینس ونان تہٕ دَتھ گیہٕ زمینہٕ دَتھ۔ [16] پہ چھہٕ پلون ونان۔ [17] بجس چھہٕ آسٹرک زبانٲ منز گٹ تہٕ کاشرِ پاٹھی کوٹ ونان۔ [18] اُتی لفظس چھُ معنہٕ اتھہٕ۔ [19] آسٹرک زبانٲ منز چھُ لام لفظک معنہٕ زمین تہٕ کاشرِ پاٹھی گرد تہٕ پوٗدیایہٕ زمین یُس ٹنہٕ ہالہٕ دامنس تلہٕ کنہٕ آسہٕ۔ [20] ٹینگ چھہٕ بالس یا تھزرِس ونان۔ [21] چار دآے۔ [22] کوٗل چھہٕ کُلس ونان۔ [23] وشونی زبانٕ منز چھہٕ گھ یا گھ دوٗ بس، گرہ برس یا سعرس ونان۔

لفظیاتن ہُند عمل دخل تہٕ شامل چھُ۔ مثلاً دراوڑ لِسانی خاندانک آر، یا آرو لفظ چھُ کول تہٕ دٔریاوٕ کس معنیس منز ورتاونہٕ یوان۔ اتھ لفظس چھُ کأشرِ زبأنۍ منز تہِ یوہے معنہِ۔ دراوڑ خاصکر تامل زبأنۍ منز چھُ آریا آرو لفظ بطور پوٗت لۆگ تہٕ گوڈلۆگ تہِ ورتاوس منز انہٕ یوان۔ جاین ہِند بن ناون منز چھُ امیُک خاص چلیے جاو۔ مثالے اتاروتہٕ آرِ کوٗ وغارٕ۔ کأشرِ زبأنۍ منز چھُ آر، آرو یا آرِ لفظ گوڈٕ لگِتھ کأم دِوان۔ مثالے أری گام، أری پانتھن، أرزال، آرِبل تہٕ آرٕ وہن بیترِ۔ آرِ گوڈٕ لگِتھ مزید وچھنے چھِ یمہٕ اقتباسہٕ سِتۍ سپدان:

"...... بوزوَے یہِ اصطلاح چھِ أزۍ کین دون شودبن کأشر بن لفظن ہنز سومبرن باسان۔ یعنی آرِ تہٕ کاٹھ۔ "آرِ کاٹھ"۔ آرِ گو پہاڑی نالہٕ تہٕ کاٹھ گولکرِ ہُند انبر یعنی ون تہٕ کأشرس منز چھِ یم ازتہِ أتھی معنیس منز ورتاونہٕ یوان۔ ژکہِ چھا یم کأشرۍ لفظ کِنہٕ نہ۔ تتھ سنہٕ بروٗنہہ چھُ یہِ مانُن ضرٗری زِ یم، چھِ تأمل زبأنۍ ہِندی زِ لفظتہِ تہٕ آرِ کاٹ اصطلاح چھِ تأملس منزتہِ بلکل یوہے معنی تھاوان[1]"

یمن لفظیاتن سنہٕ سِتۍ نیرِ شاید کتھِ بیہِ ہن گینی۔ مثلن پُنال لفظ وُچھی تو۔ پُنال گوٚو دراوڑ زبأنۍ منز آب۔ پُنالر چھُ جنوبی ہِندِس منز اکہِ علاقُک ناو تہٕ۔ ییتہِ کأفی مبقدارس منز آب میسر چھُ۔ ممکن چھُ زِ کأشرِ زبأنۍ ہِندِ پونی لفظُک ماخذ ہیکہِ یوہے پُنال اُستھ۔ کُنۍ چھُ دراوڑ زبأنۍ ہُند بیاکھ لفظ۔ امیُک

---

[1] محمد یوسف ٹینگ، ۲۰۰۲ء "راش"، سرینگر، ص۔ ۱۲۔

مطلب چھ قلعہٕ۔ کرناٹکس منز چھُ کوٹا گا، کوٹیشورہ تہٕ کوٹاگ کٹاواجایہٕ ہندی
ناو۔ کأشرس منز چھُ کُٹہٕ، کُٹی لفظُک زٕ ریٚمیک معنہٕ "خام پش دِتھ لوٚکٹ گرٕ،
کُٹھ یا کوٹھٕ"[1] چھُ۔ کشیرِ منز چھُ کُٹہٕ واریاہن بُستین ہُند لوٚگ۔ مثلن۔ کُٹہٕ
بل، کُٹہٕ ہار، کنہٕ کوٚٹ، گُٹھی پوٚر، ییچھِ کوٚٹ ہیتر بیترٕ۔ تامل زبأنی منز چھُ کُٹی
لوکچہٕ بُستی تہٕ ونہٕ یوان[2]۔ دراوڑلسأنی خاندانک کونڈ الفظ چھُ تیلگو تہٕ مُلیالم
زبأنی منز عام۔ ییمیک معنہٕ پہاڑ چھُ۔ دراوڑ تہٕ کأشرس منز چھُ یہٕ لفظ جاین
ہندبن ناون ستی منسوٗب۔ جنوبی ہندٕکس وزگ ضلعس منز چھُ کونڈا آگرا
ہارم، تُمکرس منز کونڈ یادی، کرشنا ضلعس منز کونڈ اپالی تہٕ گنتوٗرس منز کونڈ اوڈو،
کونڈاگوڈ لگہِ ستی شروع گژھان تہٕ کأشرس منز چھِ کونڈ ناوٕ کی واریاہ گام
یتھ منز کونڈ تہٕ کونڈٕر تہٕ شأمل چھُ۔ یتھے پأٹھی چھُ تلا لفظ یُس زیادٕ تر مُلیالم
زبأنی منز رأیج چھُ۔ اَمہِ لفظُک معنہٕ چھُ کلہٕ۔ کأشرِ پأٹھی چھِ تلا بدلہٕ تال لفظ
استمال کران ییمیک ماخذ تلا لفظس منزٕ درینٹھی چھُ گژھان۔ کیرلا
ریاستِکس الاپی ضلعس منز چھُ تلایارا کہِ بُستی ہُند ناو۔ دراوڑ زبأنی ہُند بیا کھ
اکھ لفظ چھُ وتم ییمیُک معنہ گول یعنی Circle چھُ۔ کأشرِ زبأنی منز چھُ وتم لفظ
وتن بنیومُت[3]۔ دان لأوِس یا گاسہٕ لأوِس ییمہٕ گاسہٕ کھیٚشہِ ستی گنڈ چھُ کرنہٕ

---

1.K.M. George; 1986, "Place-Names of Southern India," Trivandrum. P-113.

[2] لسأنی تبدیلی، کنہِ چھُن (N)، ب (b)، پ (P)، و (v) تہٕ م (m) اَکھر پانہٕ وأنی بدلان روٗدمُت ییمہٕ کنہِ
دراوڑ م (m) کأشرس منزٕ ن (n) اَچھر چ جاے چھُ رٹان۔

[3] محمد یوسف ٹینگ ۲۰۰۲ء "راش" سرینگر، ص ۱۲۔

یوان، تتھ چھ وتن ونان ۔ تتھے ہیوٗ بیا کھ لفظ چھُ پتھا (Patha) ییُس زیادٕ تر کنز زبانٔی منز بولنہٕ چھُ یوان ۔ امہِ لفظُک معنہ چھُ وتھ یا سڑک ۔ لفظُک گوڈنیُک اَچھُر پ (P) چھُ زمانہٕ گنڈرنس سٟتی سٟتی و (v) اچھرس منز تبدیل گوٚمُت ۔ییمہِ کنی پھتا، وتھ لفظس منز بدلیومُت چھُ ۔لفظہٕ راشہِ علاوٕ چھیہ صوتی اعتبارٕ تہِ دراوڑ تہٕ کاشرِ زبانٔی ہِنٛدٕ بن رِشتن منز اُستوارٔ ری لبنہٕ یوان ۔ کاشرِ زبانٔی منز چھیہ کینٛہہ ژھوچہ آوازٕ یِہنٛد ورتاو زیادٕ پہن لفظس منزس سپدان چھُ ۔ییمہٕ آواز چھیہ اَ، اِتہٕ اُ ۔ یِمن ژھوچن آوازن ہُنٛد چلے جاو چھُ دراوڑ زبانو علاوٕ آسٹرک زبانن منز تہِ ۔ مُنڈا، بونڈا تہٕ کول زبان چھیہ ناوٕہنبس لایق[1] ۔ 'اُ' آواز چھیہ تتھے پأٹھی کاشرِس منز پوٚتس تہِ ورتاونہٕ یوان خاصکر جاین ہِنٛدٕ بن ناون سٟتی تتھہٕ پأٹھی دراوڑ زبانن منز امیُک رواج چھُ امہِ سٟتی چھُ یہ تہِ واضح زِ جاین ہِنٛدی یِم ناوٕتی 'اُ' آوازِ پتھ اند چھِ واتان، تِہنٛد ماخذ چھُ دراوڑ لِسأنی خاندان ۔ اَمہِ قسمکین ناوتین منز چھُ ژوڈُر، ووڈُر، ووصر، لوجر، صووٚر، ہوٚشُر، زووٚر، کوٚزُر بیترِ بیترِ ۔ تتھے پأٹھی چھِ بییہِ تہِ کتی پہلوٕ یِہنز وکھنے کرنہٕ سٟتی کاشرِ تہٕ دراوڑ زبانٔی ہِنٛدی مشترکہ رشتہٕ بدنیرنٕکی امکانات روشن چھِ ۔

آسٹرک تہٕ دراوڑ زبانن سٟتی سٟتی چھُ کاشرِ زبانٔی ہُنٛد سروٚن رشتہٕ سنسکرت تہٕ فارسی زبانٔی سٟتی تہِ ییتھ مُتلق کم کاسہٕ کأم تہِ سپزٕ ہو چھیہ ۔ کاشُر زبان چھیہ اکھ زندٕ زبان ییتھ منز وو پر لفظٕ راش شروٗ پراوٕنک زبردست ہِتُر چھُ ۔ ییلہِ

---

1. Sudhibuhushan Bhattacharya, , 1975, " Studies in comparative Munda Linguistics" Simla, P.P. 69-70.

اَمہِ کِس لفظِ راشس یا بییہِ گُنہِ لسأنی پہلوس وۄکھر چھُ لگان، قدیم رِشتن ہُنٛد نیب چھُ یوان۔ کأشُر چھیہِ سو زبان ییٚمۍ لسأنی توأریخ تادم تحریر أوِس تل چھیٚہ۔ ہرگاہ لسأنی محقق اَمہِ زبأنی ہِنٛدِ ارتقأیی سفرِ چ توأریخ بِدکڈنچ کوٗشش کرن، ممکن چھُ زِ کأشرِ زبأنی ہُنٛد بُنیأدی سبتھُر نیرِ نوٗن تہٕ اَمِچ صورتھ پراوِ پٔنن اصلی رۄٗپ یُس اتھ رووُمت چھُ۔

## کأشرِ گرٛامر

کأشرِ زبأنی متلق چھِ وارِیاہ گرٛامر لیکھنہٕ آمتۍ ییم سنسکرت، انگریزی تہٕ ہیٚندی پأٹھی چھِ۔ انگریزی زبأنی منٛز کأشرِس گرٛامرس پیٹھ کأم کرن والین منٛز چھِ ٹی آروید، جارج ابراہیم گریرسن تہٕ برج بہاری کاچرو تہٕ شأمل۔ یِمن گرٛامرن منٛز اگرچہ کینٛژن پہلون ہنٛز تشنگی روزمٕژ چھیہِ مگر پروفیسر او این کول تہٕ پروفیسر کاشی ولی سُنٛد "کشمیری: اے کاگنیٹیو گرٛامر" چھُ گرامرِ کیٚن اکثر پہلون وحاژ کران۔ یوٚ تام کأشرِ پأٹھی گرٛامر لیکھنکھ تعلُق چھُ، اتھ منٛز آیہِ وارِیاہ کوٗششہِ کرنہٕ۔ ۱۹۷۰ءمنٛز چھُ غلام رسول طاہر[1] صأبس گوڈنچہ لٹہِ

۱۔ غلام رسول طاہر اوس کاپۆر، پکھرپور (پلوٗدم) روزان۔ ذاتھ اُسکھ وأنی۔ مألِس اوسُس عبدالاحد وأنی ناو یُس گامُک مقدم تہِ اوس۔ طاہر صأبن پۆر دۂہمہِ جماعژ تام۔ اوبس تہٕ سیاسٹس منٛز اوس طاہرس زبردست لگاو۔ طاہر صاب اوس اخبارن منٛز منٛزی منٛزی مضمون بیتر تہٕ لیکھان۔ اُتر پردیش منٛز قأیم اکہِ ادبی تنظیمہِ ہُنٛد شاخ کور طاہر صأبن کشیرِ اندر تہٕ قایم۔ یتھ ترقیات علوم شرقیہ" ناو اوس۔ ۱۹۶۹ءمنٛز لوگ یہِ ماشتر۔ طاہر اوس گوڈٕ پیٹھے "محاز رائے شُمأری" ہُنٛد سرگرم کارکن۔ تاہم اوس اُمۍ سُنٛد مول زبردس کانگریسی۔ مألۍ پُترن درمیان اوس اکثر سیاسی تکرار سپدان۔ ییمُک نتیجہ یہِ دزاوِ زِ طاہرس آو پرتھ دِنہٕ تہٕ سہ آو منقولہ وغار منقول ملکیو نِشہِ بے دخل کرنہٕ۔ طاہرن کور پہلی پور راجپور پلوامہ خاندر تہٕ کینہہ کالس اوس تتۍ بسان۔ اَمہِ پتہٕ گوو سہ کنگن گاندربل بسنہِ۔ زبردست بیمار سپدنہٕ کِنۍ آو سہ دلہِ ہنٛدس آل انڈیا میڈکل انسٹوٹس منٛز داخل کرنہٕ تہٕ ۱۹۹۶ءکیت سپد سُہ فوت۔ (یہِ انفارمیشن کرمہٕ حاجی محمد اکرم ڈار صأبن فراہم۔ یُس ڈلون، پکھرپور روزان چھُ تہٕ یُس حال حالے بطور پرنسپل ہائرسکینڈری سکول سبکدوش سپد)۔

کاشُر پاٹھی گرٛامر لیکھنس کُن ظوٗن گوٚڈان یتھ ''لولہٕ کُل'' ناو اوس۔ ۱۶×۳۰×۲۰ سایزُک یہِ گرٛامر اوس دوٚیہ ترٛہن صفن پیٹھ مشتمل۔ اگر چہ اتھ منٛز گرٛامرٕ کی بیشتر پہلو وبۄدناونہٕ چھِنہٕ آمٕتۍ مگر تمہِ باوجوٗد چھیٚہ اتھ گرامرس سنٛگِ میلچ حٲثیت حاصل۔ یہ کتھ چھیٚہ الگ زِ اتھ ونہٕ وِ تہٕ گرٛامرٕ سٕہ بحث پننہِ جایہِ۔ گرامرس منٛز چھیٚہ تِمے اصطلاح ورتاونہٕ آمٕژٕ یِمہٕ اُردو تہٕ فارسی زبانن منٛز رٲیج چھیٚہ مثلن۔ کلمہٕ، مہمل، اسم، فعل، حرف، جامد، مصدر، مُشتق، اسم فاعل، اسم مفعول، اسم ظرف، اسم تفصیل، اسم آلہ، اسم حالیہ، حاصل مصدر، اسم معرفہ ونکرہ، اسم علم، اسم ضمیر، فعل ماضی، ماضی بعید وغاٮ۔ اَمِہِ پتہٕ چھُ ناجی منورٕ تہٕ پروفیسر شفیع شوق ۱۹۷۳ء منٛز کاشُر گرٛامر لیکھنکھ بیاکھ تجربہٕ کران یُس ۱۶×۳۰×۲۰ سائزِکِس کاکدس پیٹھ چھپاونہٕ آو۔ أکِس ہتس تہٕ ژورن صفن پیٹھ مُشتمل یہ گرامر اوس ہر لحاظٕ کاشُر تہٕ مربوٗت۔ گرامر چہٕ بیشتر اصطلاح آسہٕ نفیس پاٹھی کاشراونہٕ آمٕژٕ۔ یہِ گرامر اوس پننہِ نوٚعیتُک نموٗنہٕ یُس سبٹھاہ موثرٕ تہٕ باگہِ بوٚرُت آسنہٕ علاوٕ کاشرِ گرٛامرٕ چ وبۄ ھے دوٗرکران روٗد۔ ۱۹۷۹ء منٛز چھُ نشاط انصاری صاب ۱۶×۳۰×۲۰ سایزس پیٹھ ژوٚیہ شیٹن صفن ہُند ''نوٚو کاشُر گرامر'' چھاپان یتھ منٛز اُردو، فارسی اصطلاح استمال کرنہٕ آیہِ۔ یِمہٕ کِنہ اتھ عوامچ پزٕی رٲہی میج تہٕ نہ ووت یہِ گرٛامر طاہر صاٮ۪نہِ لولہٕ گُلکی پاٹھی عام لوٗکن تام۔ کاشرس منٛز ''تذکرِ تانیث'' ناوٕک گرامر چھُ ڈاکٹر بشر بشیرن ۱۹۸۱ء منٛز لیوٗکھمت۔

۸/۲۲/۱۸ سایزُک یہٕ گرٛامر چھُ أکِس ہَتس تہٕ شیٚہِ ترٛہن صفن پٮ۪ٹھ مُشتمل۔ یہٕ گرٛامر چھُ ناوتٕمن، باوتٕمن تہٕ کراوتٕمن بیترِ ہُنٛد تذکرِ تانیث واضح کران تہٕ اتھ گرٛامرس چھیٚہ تِتھے پأٹھی کأشرِ زمین یتھٕ پأٹھی جناب ناجی منورتہٕ پروفیسر شفیع شوق صأبن کأشرِ گرامرِ چ بُنیاد کأشرِ موادٕ ستی کشیرِ ہنٛدِ ہِے پٮ۪ٹھرس پٮ۪ٹھ ترأوِمژٕ أس۔ ڈاکٹر رتن لال تلاشی تہٕ ڈاکٹر عادل کاک چھُ ۲۰۰۳ہٕ کیٚت ''کأشر زبان اکھ گرائمری وبوٗھنے'' ناوِ چ کتاب لیٚکھان یتھ منٛز باقی پہلون لرِ لوٚر ناوِتی، کراوِتی، باوِتی، کال تہٕ لگی نظامچ وکھنے لِسانی اعتبارٕ کرنہٕ چھےٚ آمژٕ۔

یوٚ تام دردست وپھتا کأشرِ گرامرُک تعلق چھُ، اگرچہٕ اتھ متعلق مُصنف سٕنٛز رائے زأنی کرِنی ویوٚٹھے پہن گوٚژھِ تاہم چھُنہٕ یہٕ وَنہٕ نَس منٛز کانٛہہ ہرج زِ کأشر پأٹھی لیٚکھنہٕ آمتٕمن سأبقہٕ گرامن مقابلہٕ چھُ یہٕ گرامر ہر لحاظہٕ باگہِ بوٚرُت تہٕ کار آمد یتھ منٛز کأشُر بولن وول علاقہٕ، کأشرِ زبأنی ہنٛد آگُر، صوتی نشانہٕ، صوتیات جُملہٕ، جُملچ ساخت، جُملن ہندی قِسم، ناوتٕمن ہنٛدی قِسم حالتھ، کراوِتی، باوِتی، سیوٚ دتہٕ ورگہِ کتھہِ، حرکتھ تہٕ بے حرکتھ جُملہٕ، کالہٕ ورتاو، لفظہٕ بناوٹھ، لگی نظام، لہجہ نشان، چِھہِ، مضموٗن، تہٕ اِستعارِ بیترِ ہوٗ بن موضوعن پٮ۪ٹھ قلم تُلنہٕ چھُ آمُت یٚیمہِ کِنی یہٕ ووٚمید پأدٕ چھیٚہ گژھان زِ یہٕ گرامر کرِ علمی، ادبی تہٕ تحقیقی ذوق وشوق تھاون والین طلبہ ارن ہنٛز ضرورتھ واریاہس حدس تام پوٗرٕ۔ وپھتا کأشُر گرامر مکمل کرنس دوران روٗدمےٚ کأشرِ زبأنی ہنٛد بن خأر

خاہن ہِنٛد خاطِر خامہِ ژُ کی درن ہُنٛد مکمل اچھ واس آیتن، یہنٛد بہٕ سبٹھاہ مشکور چھس۔ سارِنٕے بروٚنٛہہ چھُس بہٕ پروفیسر او این کول صأبُن تہٕ دِل شکریہ ادا کرُن پٔنُن اولین فرض زانان یموٚ زبردس مصروفیا تو باوڑ جود یٚیمہِ گرامرُک پیٚشِ لفظ لیٚوکھ یٚیمہٕ سٟتؠ مےٚ زبردس حوصلہٕ افزأیی سپز۔

بہٕ چھُس سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹڈیزٕ کِس ڈائریکٹر پروفیسر مُشتاق احمد کاو صأبُن بے حد مشکور یِم مےٚیہ وقتہٕ وقتہٕ رٟتؠ مشورٕ دِوان روٚ دۍ تہٕ درِدس گرامرس متعلق کرِ پروفیسر موصوفن مُنأسب وقتس پیٹھ کینٛہہ اہم، موثر تہٕ فأید بخش تجویز پیش یِمہٕ مےٚیہ فوری طور باعمل اَنہِ یِموٚ سٟتؠ مےٚ ہر لحاظٕ فاید ووت۔ بہٕ چھُس پروفیسر گلشن مجید صأبُن تہِ شکر گذار یِم مےٚ گرِ گرِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرنُک تلقین کران چھِ۔ ڈاکٹر اعجاز احمد بانڈے صأبَن پھیُر گرامرس منٛز درج کینٛژَن تیکنیکی پہلون کُن میون ظون یٚیمہِ باپتھ بہٕ یہنٛد زبردس مشکور چھُس۔ تِتھے پأٹھی چھُس ڈاکٹر شیخ طلال صأبُن تہِ شکریہ ادا کرُن پٔنُن فرض زانان یٚمؠ انگریزی پروف ریڈنگ منٛز پوٚرِ پوٚر اتھ واس دیٚت۔ پنٕنؠن دوستن جناب شوکت شفیع مسعودی، جناب طارق کابلی، ولی محمد میر تہٕ غلام محمد ماگرے صأبُن تہِ چھُس مشکور یِم مےٚ یہ گرائمر تیار کرنس پتہٕ اَسی لگِتھ۔ شکریہُک یہ سلسلہٕ روزِ توٚ تام نامکمل یوٚ تام نہٕ بہٕ پٔننہِ شریک حیات نیلوفر آراء سُنٛد شکریہ ادا کرِ یوٚسہٕ یٚیمہِ گرامرٕ چ نہ صرف کأپی کران اُس بٔلکہِ دِژٕن کھ پروف ریڈنگ ہنٛز کأم تہٕ انجام۔

۲۵ اپریل ۲۰۰۵ء
حیات پوٚر، ژوڈُر، کشمیر

ڈاکٹر آفاق عزیز
سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹڈیز
کشمیر یونیورسٹی، سرینگر

# صوتی نِشانہٕ

انسانہٕ ہِنٛدِ حلقہٕ منٛز چھِیہٕ مُختلف آوازٕ نیران یِمو سٟتی حرف اَدا چھِ یوان کرنہٕ۔ حرف ادا کرٕنی تہٕ حرفن مٟیل کرنٛچَن آوازن چھِ نظامِ حرکت وَنان۔ نظامِ حرکتس منٛز یُس حرف حرکت کرِتھ چھِ متحرکِ وَنان۔ یِمہٕ حرکژ چھِیہٕ مختلف زبانن منٛز مختلف قسمن ہنٛز۔ کینٛژَن زبانن منٛز چھُ یِمن حرکژَن درمیان ہشر تہٕ لبنہٕ یوان۔ الگ الگ نِشانو یا علامژ ذٕریعہ چھِیہٕ حرکژن ہنٛز نِشاندہی کرنہٕ آمِژ۔ کاشُر زبانٕ منٛز چھِیہٕ اَمہٕ قسمچہٕ وارِیاہ علامژ موجوٗد یِمو سٟتی حرف ادا چھِ کرنہٕ یوان مثلن :

۱۔ ( ـَ ) :- اَتھ نِشانس چھِ گرائمرِ لِحاظہٕ زَبَر وَنان۔ اَمِچ جاے چھِیہٕ حرفس پیٹھہٕ کنہٕ مُقرر۔ مِثالے اَل، بَر، پَر تہٕ وَر بیترِ۔

اگر زبر ناوِچ آواز زیٹھر اُتھ ادا کرنہٕ یِیہ، تتھ صوٗرتس منٛز چھِیہٕ اَمِچ شکل الف (ا) بنان یتھ سیٚود (وودنہٕ) زبر وَنان چھِ۔ لفظس منٛز چھُ اَمیُک استعمال یِیمہٕ آیہٕ سپدان۔ مثلن بادام تہٕ شام بیترِ۔

۲۔ ( ـٓ ) :- اتھ علامژ چھِ "مدٕ" وَنان۔ اَمیُک استعمال چھُ الف اَچھرس پیٹھہٕ کنہٕ سپدان۔ یِہ چھُ زیٹھر اُتھ تہٕ ورتاونہٕ یوان تہٕ پرنہٕ تہٕ۔ اَمِچ آواز چھِیہٕ زیٹھ آسان تہٕ اَمیُک استعمال چھُ یتھہٕ پأٹھی سپدان۔ آرام، آباد، آب، آنگُن، آوٗر، آگُر بیترِ۔ مدِ نِشانہٕ سٟتی یوسہٕ آواز نیران چھِیہٕ تمیُک استعمال چھُ لفظس منٛز بأگ تہٕ سپدان تاہم چھُنہٕ مدٕ نشانہٕ منٛز بأگس حرفس سٟتی

ورتاونہٕ یِوان بَلکہِ چھیٚہ یہِ آواز درمیٲنی اَچھرس منٛز قوٗدرتی طور موجود آسان۔ مثلن دلارام، جام، گام، مام، سام، رام بیترِ۔

۳۔ [ ٕ ] :- اتھ علامژ چھِ کاشری پأٹھۍ "ہمزٕ" ونان (پتھٕ ہمزٕ تہٕ ہیکوس وٕنتھ) یُس اَچھرس پتھٕ کنہٕ بناونہٕ چھُ یِوان مثلن أچھ، ژٔر، کٔر، لٔر، گر بیتر۔

۴۔ [ ٔ ] :- ہمزٕ ناوٕ چ علامت (ٕ) ییٚلہِ ذٕچھنہِ طرفہٕ پتھٕ کھوٗرٕ کُن زیٚٹھر اوٚ، اکھ نوٚو نشانہٕ چھُ بارسس یِوان یعنی (ٔ) اَتھ ہیکوٚ "سیٚو دہمزٕ مد" وٕنتھ۔ یہِ نشانہٕ چھُ ہمزٕ علامژ مقابلہٕ زیٚٹھ آواز دِوان مثالے اَوِج، زأوِج بأدی یانہٕ بیترِ۔

۵۔ [ ِ ] :- اَتھ نشانس چھِ "زیرٕ" ونان۔ یہِ چھیٚہ اَچھرس تلہٕ کنہِ آسان۔ مثالے اِمام، کِمام، بستر، سِر، دِس بیترِ۔ "زیرٕ" علامت (ِ) چھیٚہ زیٚٹھر اَوِتھ اِی (ی) آواز دِوان۔ اَمیُک استمال چھُ یتھٕ پأٹھۍ کرنہٕ یِوان مثلن۔ کٔشیر، قریب، سیر، تیر، گیر، پیر، چیر، میر۔

۶۔ [ ٕ ] :- یہِ نشانی چھیٚہ حرفس تلہٕ کنہِ آسان۔ اَتھ اگر "تل یا بون ہمزٕ" ونو، ہرج چھنہٕ۔ اَتھ چھیٚہ ژھوٚٹ آواز نیران مثلن گرٕ، پأدٕ، حوالہٕ۔

۷۔ [ ٕ ] :- یہِ علامت چھیٚہ حرفس تلہٕ کنہِ ورتاونہٕ یِوان۔ زیٚوٚٹھ "بون ہمزٕ" چھِ اَتھ ونان۔ یہِ نشانی زیٚٹھر اَوِتھ ادا کرنہٕ ستی چھیٚہ زیٚٹھ آواز وجودس منٛز یِوان مثالے ترٕ (سردی)، پرتھ (آرایش) بیترِ۔

۸۔ [ ُ ] :- اَتھ نشانس چھِ کاشری پأٹھۍ "پیش" ونان یُس اَچھرس پتھٕ کنہِ آسان چھُ مثلن کُس، سُہ، چھُس، شُس، ہوٗر، ووٗر۔

۹۔ [ ٗ ] :۔یِیلہِ پیش نشانٕچ آواز زیٹھر آوِتھ ورتاونٕی آسہِ، پیش (ُ) چھُ اُلٹہٕ شکل (ٗ) اختیار کران۔تتھ کأشری پأٹھی پھرِتھ یا اُلٹہٕ پیش وَنان چھِ۔وُچھوۓمن لفظن منز اُلٹہٕ پیشک ورتاو۔مثلاً موٗل، ٹھوٗل، نوٗل، ہوٗل، یوٗری، پوٗری، گوٗر، ٹوٗر۔

۱۰۔ [ ٛ ] :۔کأشر پأٹھی چھِ اَتھ نشانس اَٹھ وَنان تہِ کیازِ یہِ چھُ اَٹھس ہیوٗ ے۔یہِ چھُ دون کانسونٹ (اصد آے) اَچھرن میٖل کرنہٕ باپتھ حرفس پیٹھہ کنہِ استمال کرنہٕ یوان۔یِمہِ کِنۍ اَتھ گنڈ نشانہٕ وَننہٕ یوان چھُ۔اَمکہِ ورتاوٕ ستۍ چھُ دون اَچھرن درمیان واوِل موجود نہ آسنک اشارٕ میلان تہٕ یہِ نشانہٕ چھُ واوِلیچ کأم دِوان۔مثلاً بنٛد، دنٛد، میٛل، دیٛت بیترِ۔یہِ علامت چھیہِ اُلٹہٕ تہِ استمال سپدان تہٕ کأشر پأٹھی چھِ اَتھ علامژ اُلٹہٕ اَٹھ تہٕ (ٜ) وَنان۔اَمکہِ استمالہٕ ستۍ چھیہِ ژھوٚٹ آواز نیران۔مثالے نوٚٹ، موٚٹ، ہوٚٹ، موٚت بیترِ۔

۱۱۔ [ ٖ ] :۔یہِ علامت چھیہِ کانسونٹ اَچھرن تلہٕ کنہِ استمال سپدان۔ کأشری پأٹھی چھِ اَتھ گول نشانہٕ وَنان۔اَمہِ ستۍ چھُ اَچھرُک تالرُن (Palatalization) منز باگ لفظن منز نوٚن نیران۔مثالے دبٕد، گٕمل، دٕمل بیترِ۔

۱۲۔ [ ی ] :۔اَتھ چھِ تالرِ آواز وَنان۔یہِ علامت چھیہِ بیشتر پأٹھی لفظکِس اَخری کانسونٹ اَچھرس تالراوان مثلاً گولاب۔اَمیُک 'ب' اَچھر چھُ تالرنہٕ یوان تہٕ یہِ چھُ اسمِ بادات (صفت) بنان مثالے گولابۍ۔ اِقرار لفظ چھُ

قرِ مزی یادوب چھُ دوبِ لفظس منز تالرنہٕ یوان۔

## صوتیات

صوتیات چھِ انسانٔی آوازَن ہِنٛدِس مُطالعس وَنان۔ ہٹہٕ پیٹھہٕ اَسس تام کمہِ تانہٕ ستی کوسہٕ آواز چھیٚ نیران، تہٕ زاننہٕ باپتھ چھیٚ آوازٕ ترٕہن حصن منز تقسیم کرنہٕ آمٕژ مثلن

۱. سمعیأتی آوازٕ ۲. سماعٔی آوازٕ ۳. تلفظی آوازٕ۔

۱۔ سمیأتی آوازٕ:- اَسہٕ منزٕ نیرنہٕ وِزِ یمہٕ لہرٕ ہَوہَس منز پأدٕ چھیٚ گژھان تمن چھِ آوازٕ لہرٕ وَنان۔ مختلف آواز وستی چھیٚ مختلف لہرٕ بنان۔ یمہٕ آوازٕ چھیٚ کاغذن پیٹھ لیکھنہٕ یوان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ یہنٛد تجزیہِ سپدان تہٕ چھیکرس چھیٚ یمن آوازہنٛزٕ خصوٗصیتٕ مقرر یوان کرنہٕ۔ آوازن ہِنٛدِس اَتھ مُطالعس چھِ سمعیأتی صوتیات وَنان۔

۲۔ سماعٔی آوازٕ چھِ تمن آوازَن وَنان یمہٕ کنَن ہنٛد بو پردٕ و مدتہٕ صدا بند کرنہٕ چھیٚ یوان تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ دیماغکہِ خصوٗصی صلاحیتہٕ والہِ حِصہٕ "سرِ بڑٕ مہٕ" ذٔریعہِ یمن آوازن ہِنٛد تجزیہِ سپدان، یہِ زَن لِسانٔی ماہرو اَمہِ باپتھ ضروٗری قرار چھُ دیُت مُت۔ یمہِ ستی آوازن ہِنٛد بُنیأدی سنبتھر مُتعین چھِ سپدان۔

۳۔ تُلفظی آوازٕ:- تال، وُٹھ، زٔو، ہوٚٹ تہٕ دندو بیترِ ستی چھیٚ مختلف آوازٕ پأدٕ گژھان۔ یمن صوتیاتس منز کلیٚدی رول نباوُن چھُ پیوان۔ یموتانوٗ ذٔریعہ یمہٕ آوازٕ ادا چھیٚ سپدان تمن چھِ بولن تان وَنان۔ آوازٕ چھیٚ اِنسانہٕ سنٛدِ شہہ کھالنکہِ نظامچ اکھ مُتفق تہٕ اچانک عمل۔ بولن تانَن ہُنٛد صوتی مُطالعہ چھُ شیشہٕ

نارِ پیٹھ شروع سپدان۔ حالانکہِ آوازٕ پأدٕ کرنک بُنیأدی طاقت چھُ سینہٕ تہٕ امچہِ حرکأتی عملہِ سِتۍ فراہم سپدان۔ مگر تہِ کرِتھ تہِ چھےٚ شیشہِ نارِ پیٹھ زیٚو پیٹھِس تامکین حِصن منز سپدن واجنہِ حرکژ صوتیأتی تہٕ لِسأنی مأہرن ہِنٛدِ خأطرٕ مرکزی حیثیت تھاوان۔

شہہ ہینہٕ وزِ یُس ہواشیشہِ نارِ منزٕ نبر چھُ نیران، تتھ منز چھےٚ باقے بولن تانو سِتۍ سوتبدیلی یوان۔ یِمہِ سِتۍ آوازٕ چھےٚ بنان تہٕ یِہے چھےٚ سو آواز۔ یتھ گوڈٕ بۆلی تہٕ پتہٕ زبان ونان چھِ۔ کانٛہہ آواز یوسہٕ أسی محسوس کرِتھ ہیٚکو، چھےٚ تمہِ ساتہٕ پأدٕ سپدان۔ یِیٚلہِ شہہ کھالنہٕ وِزِ گُنہِ قسمچ رُکاوٹھ یِیہِ۔

شیشہِ نارِ پتہٕ یُس ''کتھہِ تان'' بُتھ چھُ یوان، تتھ چھِ آوازٕ داو (صوتی تانت) ونان۔ آواز داوٕ چھےٚ زٕ۔ یِم دوشوٚے (حصہٕ) چھِ درواز س پیٹھ زن تہٕ پرٕ دِلکتھ۔ یِمِس سِتۍ وابستہٕ یِم پرٕ نُما حِصہٕ چھِ حرکت تہِ کران تہٕ یِم چھِ شہہ کھالنہٕ وزِ مُکمل بندتہِ تہٕ یِلہِ تہِ، تہٕ اڈٕ ژھے تہِ ہیٚکان رۆزِتھ۔ شہہ کھالنہٕ وِز پردن ہنٛز یہِ صورتحال چھےٚ داون منز تھرتھرٕ (Vibration) پأدٕ کران۔ امہِ تھرتھرٕ سِتۍ چھےٚ کأفی آوازٕ پأدٕ گوٚھان۔

یِیٚمہِ ساتہٕ ''آوازٕ داون'' ہِنٛدی سو سراے کرن وألی پرٕ پۆرٕ پأٹھی بند روزن، تمہِ ساتہٕ پأدٕ گژھن واجنین آوازن چھِ ہٕٹی آوازٕ (Glottal) ونان تہٕ یِیٚلہِ آوازٕ داوٕ سو سراے کرن، امہِ ساتہٕ پأدٕ سپدن واجنین آوازن چھِ مسموع آوازٕ ونان۔

آوازٕ داوَو پتہٕ چھُ شہہ سینہٕ تہٕ ہٹہِ منزی بأگی پکن والہِ نارِ منزی نستہٕ تہٕ أسچہِ

وتہٕ نبر نیران تہٕ مختلف قسمچہ آوازٕ چھیٚہ زایٖسن لبان۔ مثلاً ڈنڈی آوازٕ، نسی آوازٕ، تالرِ ی آواز، ہٕنٹ آوازٕ تہٕ یِمن ہنٛدی بیٚیہٕ تہٕ کتی قسم۔ اَمہِ قسمچہ آوازٕ چھیٚہ پرٛتھ گُنہِ زبأنی منٛز موجوٗد یِہُنٛد مطالعہٕ علم صوتیاتس منٛز سپدان چھُ۔ وٕتھی پوٚتھی پأٹھی چھِ صوتیاتس زٕ حصہٕ۔ اکھ گوٚو واوبل تہٕ دوٚیمس چھِ کانسونٹ ونان۔
کأشرِ زبأنی ہُنٛد صوتی نظام تہٕ چھُ دوٚن حصن پٮ۪ٹھ مشتمل۔ ۱۔ صدآوی صوتٕلی (Vowels) تہٕ ۲۔ ژھوپأوی صوتٕلی (Consonants)۔

۱. صدآوی صوتٕلی (Vowels):- صدآوی صوتٕلی چھِ تم یِمن پٮ۪نٛزٕ آواز آسہِ۔ بیٚیہِ آسن شہہ ہنٛبس ہتی گُنہِ رُکاوٹہٕ روٚس نیران۔ یِمن صوتلبن یا آوازن چھِنہٕ گُنہِ قسمکہِ مدتک ضروٗرتھ۔ یِمہٕ آواز چھیٚہ زیو، تال، وُٹھ، گبٕک یا بیٚیہِ گُنہِ حلقی تانٛک مدتھ حأصل کرنہٕ ورآے بے پھروٗک پأٹھی نبر نیران۔
اَمہِ قسمہٕ چین آوازن ہُنٛد تعداد چھُ کأشرِ زبأنی منٛز شراہ (۱۶)[۱]۔ یِہنٛز ترتیب، نشأنی تہٕ لفظی استمال یتھہٕ کٔنی چھیٚہ:

| نمبر شُمار | صوتٕلی نشانہٕ | لفظس منٛز آوازن ہُنٛد ورتاو |
| --- | --- | --- |
| ۰۱ | اَ | دَن، ہَن، وَن، سَن، اَن، رَن، گَن، مَن۔ |
| ۰۲ | آ | آب، آرام، آباد، آنگن، آم، آو۔ |
| ۰۳ | أ | أچھ، ژأر، کأر، لأر، نأر، ڈأر، گأر، بأر، ذأر۔ |

---

[۱] کأشرزبأنی ہنٛز آوازٕ چھیٚہ مجموعی طور شراہ۔ پروفیسر شفیع شوق تہٕ ناجی مُنور چھِ یِہُنٛد تعداد یتے لیکھان۔ یِیلہِ زَن پروفیسر برج کاچروٗ یہ تعداد صرف ۱۴ ہاوان چھُ۔ کاچروٗ صأب چھِنہٕ ایٚنے تہٕ اے آوازن ہُنٛد ذکر یے کران۔ یِیلہِ زَن گریرسن ہُنٛد تعداد وُہ (۲۰) چھُ لیکھان۔ مگر کأشرین آوازن ہُنٛد تعداد چھُ شراہ بشمولہِ دآ۔

| | | |
|---|---|---|
| ۴۔ | اٗ | عاٗقل، اٗوِج، اٗدی، اٗر، اٗوِیٖل، لاٗل، ساٗل۔ |
| ۵۔ | اِ | اِمام، کِمام، بِستر، وِر، ہِر، پھِر، چِر۔ |
| ۶۔ | ای (آ) | سیٖر، گیٖر، تیٖر، پیٖر، شیٖر، گشیٖر، تدبیٖر۔ |
| ۷۔ | إ | ٲگر، ٲسر، ٲکر، حوالہٕ، فأیِد، قاٗیِد، پاٗدٕ۔ |
| ۸۔ | إ | ترٕ، إں (یقرار) دُر، یعنی (دُری۔ اکہِ گامُک ناو) پرتھ۔ |
| ۹۔ | اُ | سُہ، کُس، چھُس، تُلرٕ، کُنز، کُج، پُج۔ |
| ۱۰۔ | اوٗ | نوٗل، ٹھوٗل، اوٗری، توٗری، گوٗری، سوٗری۔ |
| ۱۱۔ | اۆ | اۆن، نۆٹ، مۆٹ، ہۆٹ، کۆٹ، ژھۆٹ، لۆٹ۔ |
| ۱۲۔ | او | مول، گول، دود، بوے، اوترٕ، لونچہِ، چونچہِ۔ |
| ۱۳۔ | او | سول، کول، دود، لوپَن، کھور، ہور۔ |
| ۱۴۔ | وآ | سوآد[1] |
| ۱۵۔ | ایٚ | بیٚیہِ، پیٚیہِ، کھیٚیہِ، چیٚیہِ، لیٚکھہِ۔ |
| ۱۶۔ | اے | تیز، تیزان، بیل۔ |

یِمو آواز علاوٕ چھیٚہ تالرن آوازٕ (Palatalization) تہٕ کاشُر زبانٕ منٛز۔ اکھ چھیٚہ لفظس منٛز باگ یِوان تہٕ زَن گوٗو (ہ) مثلن دبد۔ تہٕ بیاکھ چھیٚہ لفظس پۆتُس یِوان یعنی ی۔ مثالے شُر لفظہٕ شُری، کُر لفظس بنہٕ کُری بیترِ۔

۲۔ ژھوپاٗوی صوتلی (Consonants):- ژھوپاٗوی صوتلی گیہِ تِم یِمن پنٛنہٕ

---

[1] وآ آواز چھیٚہ صرف اٗکِس لفظس یعنی سوادس منٛز استعمال سپدان۔ ونیکتام چھنہٕ لمہٕ آوازٕ ستی دوٚیم کاشُر لفظ بد کڈنہٕ آمت۔ اَتھ حمایت چھُ پروفیسر کاچرو (۱۹۶۹) تہٕ ڈاکٹر پیارے لال ہنڈو (۱۹۷۳) تہٕ کران۔ تاہم چھنہٕ ڈاکٹر روٗپ کرشن بٹ (۱۹۸۷) وآ نشانس کاشرِن واوٕلِن منٛز گنزراوان۔

کِہنے آواز چھِنہٕ آسان بَلکہِ چھِ بولن تانِن ہِنٛزِ گَھرِ تہٕ صدأ وِی جورنہٕ سِتی ادا سپَدان۔ یِمن چھِ اَصدأ وی تہٕ ونان۔ کأشِرس منٛز چھُ عربی فارسی ہیتھ ژھوپأوی یا اَصدأ وی آوازن ہُنٛد کُل تیداد ۴۲ مثلن

ا ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث

ج چ چھ ح خ

د ڈ ذ رٹھ ز ژ ژھ

س ش ص ض ط ظ

ع غ ف ق ک کھ گ

ل م ن و ہ ی ے

کأشرِ زبأنی منٛز ح، خ، ث، ذ، ص، ض، ط، ظ، ع، غ تہٕ ق عربی فارسی اَچھر آسنَس چھُ جیالال کول، عبدالاحد آزاد، پروفیسر پی این پشپ، پروفیسر برج بہاری کاچرو، پروفیسر شفیع شوق تہٕ ناجی مُنور تہِ حمایت کران۔ گریر سَنَس حِمایت کران چھِ یِم سأری مُحقق دعوا کران زِ یِمن عربی فارسی اَچھرن مُقابلہٕ چھِ کأشرِس منٛز پننی اَچھر موجوٗد تہٕ کأشرِ چھِ یِمن اَچھرن پننیو اَچھرَو ذُریعہ اَدا کران۔ عربی فارسی اَچھرن یِم کأشری اَچھر کم کاسہٕ ہم آواز چھِ تِہُنٛد تفصیل چھُ یتھہٕ کَنہٕ:

| کأشری اَچھر | عربی فارسی اَچھر | کأشری اَچھر | عربی فارسی اَچھر |
|---|---|---|---|
| / س / | / ث، ض / | / ہ / | / ح / |
| / ز / | / ذ، ض، ظ / | / کھ / | / غ / |

/ط/ /ت/ /ق/ /ک/

/ع/ /ا/ /غ/ /گ/

تجزیہِ تلہٕ چھُ ننان زِ اکہِ زبانہِ ہندی اَچھر چھِ بێیس زبانہِ منز استمال سپدان روزان۔ اَمہِ قسمہٕ کمن اَچھرن چھُ بہرحال تَمہِ زبانہِ ہنٛدِ صوٗتی قائدٕ تہٕ پھورِ مُطابق بدلُن پیوان، یتھ زبانہِ منز یم استمال کرنہٕ یِن۔ یہے صورتحال چھێیہ کاشرِ زبانہِ اندر عربی فارسی اَچھرن بیترِ تہِ۔ تاہم چھُنہٕ گریرن تہٕ تیٚنٛدِ بن حمایتی سأتھین ہُنٛد یہِ وَنُن کُنہِ تہِ لحاظہٕ صحی ثابت سپدان زِ /ت/ تہٕ /ص/ اَچھرٕ چ کأم کیٛاہ دِیہِ /س/ پڑتھ جایہِ یا یتھے کنٕ /ع/ تہٕ غانٛچ کأم کیٛاہ وسہِ /ا/ تہٕ /گ/ اَچھرٕ ستی ہر جایہِ نکھہٕ بلکہِ چھێیہ صورتحال اَمہِ نشہِ مختلف۔ تہِ زَن گۄو عربی فارسی اَچھر /ع/ ستی عالی یا علم لفظ بجایہِ کأشرس منز آلی تہٕ الم لیکھُن چھُنہٕ معیأری تہٕ نہ چھُ جدید روٗٹ تھیوری مُطابق یہِ کرُن ممکن تہِ کیازِ اَمہِ ستی چھُ لفظُک مولہٕ آگُر ختم گژھان یمہِ ستی زبانہِ ہنٛدِس لفظ آگرس عہٕ صرف دَدارِ واتان چھُ بلکہِ چھُ لفظُک مۄلہٕ سبتھُر راوان۔ بہتر چھُ یہِ زِ کأشرِس منز تہِ یِن وو پر لفظ باقے زبانن ہندی پأٹھی پننہِ بُنیأدی شکلہِ منز تھاونہٕ تہٕ کأشر واوبل تہٕ ادا پکہٕ وَٹہٕ رلأوِتھ ہیکن یم لفظ کأشرِس سانچس منز بہتھ مثلن عأل تہٕ عٲلم۔ یتھے کنٕ چھُ /غ/ اَچھرٕ ستی غفور لفظ لیکھنہٕ یوان۔ ہرگاہ /گ/ اَچھرٕ ستی /غ/ اَچھرس مقابلہٕ گفور (غفور) لیکھنہٕ یِیہ، لفظُچ مۄلہٕ رانٛٹھ تہٕ معنیأتی عمارت گژھِ مسمار۔ اتھ بجایہِ چھُ یہِ لفظ کأشرِ بن واوبلن تحت تہٕ پھۄرِ مطأبق پیش کرُن تاکہ لفظ آگرس تہٕ معنیأتی نظامس واتہٕ نہٕ

دَدارِ تہٕ نہ راوِزبأنی ہُنٛد اَچھٕرٕ آگُر۔ اَمہِ سٟتی ییہِ کأشُر زبان عربی، فارسی تہٕ اُردو تہٕ ماباقی زبانن ییٚہِ ہن قریب تہٕ اَتھ میلہِ نوٚو زُو زیتہٕ۔ مگر اَمیُک مطلب گژھنہِ گُلی یتین تہِ یہِ آسُن زِ کأشُر زبأنی ہُنٛد بُنیأدی لِفظ راش ییہِ نظر انداز کرنہٕ ییہِ کرنہٕ سٟتی راوِزبأنی ہُنٛد بُنیأدی آگُر تہٕ میچھر تہِ۔

عربی فارسی اَچھر اوٚک طرف ترأوِتھ چھِ کأشرۍ ژھوپأوۍ یا اَصدأوۍ اَچھریم۔

پ پھ ب م و

ت تھ د ن ل

س

ژ ژھ ز

چ چھ ج ے

ر ش

ک کھ گ ن ہ

بھ، جھ، دھ، ڈھ تہٕ گھ ہشہِ ہندِ آریأیی زبانن ہنزٕ آوازٕ چھنہٕ کأشرِس منز سیٚدِ سیوٚد استمال سپدان بلکہِ چھیٚہ یمہٕ آوازٕ ملأیم یا نرم (Soft) طریقس منز استمال سپدان مثلن:

| ہندِ آریا اَچھُر | ہندِ آریا لفظ | کأشُر اَچھُر | کأشُر لفظ |
|---|---|---|---|
| ڈھ | ڈھال | ڈ | ڈال |
| گھ | گھاس | گ | گاسہ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| گھ | گھر | گ | گر |
| جھ | بھاگ | ج | جاگ |
| بھ | بھگوان | ب | بگوان |
| بھ | بھائی | ب | بۄے |
| دھ | دھن | د | دَن |
| دھ | دھوم دھام | د | دُم دام |
| ڑھ | پڑھائی | ڑ | پڑاے |

وون گوٚو، پھ، چھ، تھ، ٹھ تہٕ کھ ژھو پأوی اَچھر چھِ سیٚد سیوٚد استعمال گرژھان مثلن

پھ = پھوٚر، پھیوٚک، پھوس، پھوٚ پھ، پھو پھبر، پھوکھ۔

چھ = چھل، چھال، چھج، چھان، چھاپر، چھانُن، چھائی، چھس، چھس۔

تھ = تھارُن، تھر تھر، تھتھر اے، تھَل، تھج لوٚد، تھج وور، تھزر۔

کھ = کھکھر، کھوس، کھور، کھوٚشی، کھووُر، کھرِ او۔

ٹھ = ٹھول، ٹھوٚل، ٹھُپ، ٹھوٗس، ٹھوٗس دِین۔

تِتھے پأٹھی چھُ/ ژ / تہٕ ژھ تہٕ گنہٕ تبدیلی روٚس استعمال سپدان مثلن

ژ = ژالن، ژادِر، ژأنج، ژامن، ژونگ، ژور، ژنجی۔

ژھ = ژھاوِج، ژھاوُل، ژھوگ، ژھیپے، ژَھل، ژھانپھ۔

## جُملہٕ کتھ چھُ وَنان (What is sentence)

آوازِ واوَن (Vocal Cards) یا صوتی تارن ہوچھ ریپہ لکہٕ تہٕ تہٕ چھیٚ مختلف

آواز نیران۔ یِمن آوازن یِیلہِ پانہٕ وأنی میُل چھُ گوٚھان، اِدٕ چھِ لفظ بنان۔ یِم لفظ یِیلہِ زبأنی ہِندِ بو گرائمری اصوٗلو مُطأبق ترتیب دِنہٕ یِن مختلف جُملہٕ چھِ بارسس یِوان یِم نہ صرف بامعنی آسنۍ گژھن بٔلکہِ چھُ یہِ تہِ ضروری زِ یِم گژھن زبان بولن والین قبول تہِ آسنۍ۔ مثلن

☆ رۄدٕ چھُ پیوان۔ ☆ میہ کھیوٚو بتہٕ۔ ☆ کُٹھ چھُ صاف۔

☆ رستم گوٚ سکوٗل۔ ☆ دانہِ چھُ نیوٗلے۔ ☆ چاے چھیہ تیار۔

## جملچ ساخت (Structure of sentence)

بیشتر زبانن ہندی پأٹھی چھےٚ کأشرِ زبأنی تہِ پننۍ جُملی ساخت۔ جُملہٕ یِیمہِ قسمک تہِ آسہِ تتھ چھِ وٕنٛھی پوٚٹھی پأٹھی تہٕ لأزمی طور زِ حصہٕ آسان۔ أکِس چھِ کراول تہٕ بیٚیس کروٗمُت وَنان۔

۱. کراول (Subject):- شخص، جاے یا چیز ییٚمچ جُملس منٛز ذکر آسہِ کرنہٕ آمُت، تتھ چھِ کراول وَنان۔

۲. کروٗ ومُت (Predicate):- کروٗمُت چھُ جملُک دوٚ یِم حِصہٕ آسان یتھ منٛز کراولس مُتلق کتھ چھیہ کرنہٕ یِوان مثلن

| کراول (Subject) | کروٗ ومُت (Predicate) |
| --- | --- |
| ☆ رام جی | چھُ باغس منٛز گِندان۔ |
| ☆ زن و مرد | چھِ زمینس منٛز کأم کران۔ |
| ☆ سُہ | چھُ پڑان |

یِم سأری جُملہٕ چھِ کراولس مُتلق کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ ونان ٕتہٕ جُملہٕکس پزٕ بتھ کُنہِ

ہِسس چھُ مکمل معنہٕ تہٕ مفہوم یِمٕکُ آسُن ضرٗ وری چھُ۔ جملس منٛز چھُ رام جی

کراول تہٕ اَتھ منٛز چھُ رام جیس مُتلق کیٚنٛہہ باونہٕ آمُت۔ دوٚیمس جملس منٛز

چھِ زن ومرد کراول تہٕ ''چھِ زٔمینس منٛز کأم کران'' چھُ کرٛ ومُت (Predicate)۔

یوٚ تام تریٚمہِ جمٛلک سوال چھُ ، اتھ منٛز چھُ کراول ''سُہ'' تہٕ ''چھُ پُران''

کرٛ ومُت۔ یعنی لفظ ''سُہ'' چھُ باوَتھ کران پرٛنچ۔ یہِ کتھ تہِ چھیٚہ ژٕیٚتس

تھاوٕنی لایق زِ جُملہٕکس کروٗمتی ہِسس منٛز چھُ کراوت (فعل) تہِ شأمِل

آسان یتھہِ کُنی زَن گوڈٕنکس جُملس منٛز گِندان، دوٚیمس منٛز کران تہٕ

ترٛیٚیمس منٛز پران واضح چھُ۔

## جُملن ہٕنٛدۍ قسم (Kinds of sentences)

مختلف آوازٕ ستی یِم بے شُمار لفظ وجودس منٛز یوان چھِ تِم چھِ دوٚیہ طرٕیقٕکۍ۔

اکھ گوساد (simple) تہٕ بیاکھ چھُ مُرکب (Compound)۔

**۱۔ سادٕ جُملہٕ** (Simple sentence):- اَتھ جُملس منٛز چھُ اَکے Predicate or object آسان یعنی اتھ منٛز چھُ کُنے کراوٗت (Verb) آسان۔ مثلن

ا۔ تِمۍ کھیوٚ و۔ ۲۔ سُہ ژوٚل۔ ۳۔ ژونگ مَہ زال۔

**۲۔ مُرکب جُملہٕ** (Compound sentence):- ییٚلہِ زٕ سادٕ جُملہٕ بنٛدُت (Conjunction) لفظ یعنی اگر، تہٕ، یا، اَدٕ لفظہٕ ستی رلاونہٕ یِن، اکھ مرکب جُملہٕ

ییہِ بارسس مثلن

ا۔ مہوشِ گیہ مألس۔

۲۔ابھی ناش چھُ گرِ بہتھ ۔

یِم دوشوَے جُملہٕ چھِ آزاد تہٕ مُکمل ۔ دوشوٕنی منز چھُ کراول تہٕ تہٕ کرووُمت تہٕ ۔یِم جُملہٕ ہکو کھ أسِ یتھہٕ پأٹھی رلأوِتھ مثلن

مہوِش گیہِ مأکس تہٕ ابھی ناش چھُ گرِ بہتھ ۔

انسان چھُ دوہ دِینچہِ زندگی منز مختلف کتھہِ کران ۔ یِمن مختلف روٗپ چھِ آسان ۔ یِمے کتھہِ چھیہٕ مختلف جُملہٕ بارحسس انان ، یِم مکمل تہٕ بامعنہ آسان چھِ ۔یِمن کتھن یا جُملن چھِ وارياہ قسم ۔ مثلاً

۱۔ یقرأری جُملہٕ (Positive sentence):- اَتھ جُملس منز چھُ اعتمادٕسان گُنہِ کتھہِ ہُنْد یقرارِیوان کرنہٕ مثلن ۔

☆ سون مُلک چھُ خوبصورت ۔

☆ کأشری بیشتر لیڈر چھِ ناخوانٕد ۔

☆ میہٕ کھیوٚو بتہٕ ۔

۲۔نکأری جُملہٕ (Negative sentence):- یہِ چھُ جملک سُہ قسم یتھ منز گُنہِ کتھہِ ہُنْد نکار آسہِ مثلن ۔

☆ کامران چھُنہٕ ژاٹہٕ ہال گوھانے ۔

☆ سُہ چھُنہٕ کوج کھوان ۔

☆ تمُ چھس نہٕ بہٕ زِہنے تہٕ وُچھمُت ۔

۳۔سوألی جُملہٕ (Interrogative sentence):- اَتھ جُملس منز چھُ سوال

پڑ ژھنہٕ یوان۔ مثالے

☆ ژےٚ کیاہ چھے ناو۔

☆ یہِ کتاب کتہِ بنہٕ میٚہ۔

☆ ژٕ کتہِ اوسکھ راتھ۔

۴. حأرتہٕ جُملہٕ (Exclamatory sentecne):- ییٚلہِ اچانک تیُتھ جُملہٕ زیوٚ چھُ نیران ییتھ منٛز خوشی، غم تہٕ ناراضگی ہنٛز باوتھ آسہِ کرنہٕ آمٕژ یا تیٚژھ کتھ ییٚہ کرنہٕ ییتھ منٛز حأرانگی ہِنٛد اظہار آسہِ، تتھ چھِ حأرتہٕ جُملہٕ وَنان مثلن

☆ الٰا ے اَسہِ ہازیوٗن ہیچ۔

☆ سُہ ہے اوس راتھ وارٕ کارٕ۔

☆ میٚہ أس نہٕ پتہٕ سُہ چھُ یوٗت ظالم۔

۵. یوٚہن جُملہٕ (Optative sentence):- ییٚلہِ اِنسان کینٛہہ یوٚہان آسہِ، اگر تتھ یژھنس سُہ شُدتہٕ سان أکِس جُملس منٛز بیان کرِ، تتھ چھِ یوٚہن جُملہٕ وَنان مثلن

☆ گوژھ ژےٚ اوٗرجان تہٕ دوٗر کوٚٹھ۔

☆ سُہ گوژھِ بجا گوٚژھن۔

☆ دَے کُرِ نَے رأچھ۔

۶. گذأرشہِ جُملہٕ (Request sentence):- اَمہِ قسمِکِس جُملس منٛز چھیٚہ کُنہِ چیز یا کتھ ہنٛز گذأرش کرنہٕ یوان مثلن۔

☆ ژٕ پیٚہ زِ مہربٲنی کٔرِتھ تورٕ۔

☆ خدایہ ہِنٛدِ پاسہٕ ژٕلِ تہٕ ووٚنی تھچھ۔

☆ مہربٲنی کٔرِتھ لیکھ سیوٚد۔

۷. حُکمہٕ جُملہٕ (Commanding sentence):- کانٛسہِ اِنسانس کانٛہہ کٲم کرنٕک حُکم دِیُن یا کُنہِ کتھہِ ہنٛز حُکمہٕ باوَتھ یتھ جُملس منٛز آسہِ تتھ چھِ حُکمہٕ جُملہٕ ونان۔ مثلن

☆ فوجی افسرن دیُت گوٗلی چلاونٕک حُکم۔

☆ چھَل پلو جَلد پہن۔

☆ یِم چیز واتناوِ گرِ۔

۸. شرطہٕ جُملہٕ (Conditional sentence):- شرطہٕ جُملہٕ چھِ تتھ ونان یتھ منٛز کُنہِ کتھہِ ہُنٛد شرط یِیہِ تھاونہٕ۔ اَمہِ قسمٕکِس جُملس چھیٚہ زٕ چھلہٕ آسان۔ گوڈنیُک چھل چھیٚہ دوٚیمہِ چھلہِ ورٲے نامکمل تہٕ بےمعنہِ۔ مثلن

☆ اگر ژٕ میٚہ پننی کِتاب سوزکھ تیٚلہِ ملہٕ بہٕ چون۔

☆ یوٚتام نہٕ تس فون کرکھ، سُہ ییی نہٕ۔

☆ بوز ویٚلہِ سُہ گرٕ یِیہِ اَدٕ ووتھِ اتھ بوٚچھ۔

۹. نصیحتہٕ جُملہٕ (Sentence of Advice):- اتھ جُملس منٛز چھےٚ ژوٚہ کتھ وَننہٕ یِوان۔ یتھ منٛز نصیحت آسہِ۔ مثلن

☆ أزِچ کٲم گوٚھہ نہٕ پگاہ پیٚٹھ تراوٕنی۔



☆ ژوٗر لگہِ نہٕ کرٕنی۔

☆ زیادٕ کھینہٕ نِشہٕ گوٚھہِ پرہیز کرُن۔

مشق کٔرِو:۔

۱. جُملن کُرٕ قسم چھِہ۔تِہندی تعریف کٔرِو۔

۲. جُملچ ساخت کٔرِو بیان۔

۳. یِم کم جُملہٕ چھِہ، جواب دِیو۔ مثلن

۱. میٚہ کھیٚو ونہٕ بتہٕ۔ (أنکاری، نکاری)۔

۲. بہٕ چھُس نہٕ بتہٕ کھیوان۔ (نکاری، أنکاری)۔

۳. میٚہ چھا تو ری ینُن۔ (نکاری، سوالی)۔

۴. واہ! بڈٕ اصل۔ (حأرتہٕ، سوالی)۔

۵. ژٕ آکھ تو ری مہربأنی کٔرِتھ (حأرتہٕ، گنڈأرثُم)۔



## بوٗلنکی جُز (Parts of speech)

مختلف قِسمکین جُملن ہنٛز وبوٗھنے کرنہٕ پتہٕ کرو جُملن منٛز استمال سپدن والین لفظن ہنٛز ذِکر۔ لفظ چھِہ جُملہٕ بناونس منٛز بُنیادی رول ادا کران۔ لفظ چھُ اٚحساسات تہٕ خیالاتن بنان تہٕ پرٛیتھ کانٛہہ لفظ چھُ جملک جُز، تہٕ جُملہٕ چھُ زبأنی ہٕنٛد اکھ حِصہٕ۔ لفظن چھیٚہ الگ الگ کأم آسان یِہُند مُطالعہ مارفیمیات (Morphology) ہِنٛدِس شعبس منٛز سپدان چھُ۔ گرائمری اصوٗلو مُطأبق چھِہ جُملن منٛز استمال سپدن وألی لفظ اٚٹھن قِسمن ہِندی یِمن کأشری پأٹھی بوٗلنکی جُز (Parts of speech) وَنان چھِہ۔ مثالے

☆ ژٕ پیہ زِ مہربأنی کٔرِتھ تو ری۔

☆ خدایہ سٕندِ پاسہٕ ژٕل تہٕ ووٚنی تھپھ۔

☆ مہربأنی کٔرِتھ لیٚکھ سیوٚد۔

۷. حُکمہٕ جُملہٕ (Commanding sentence):- کأنسہِ اِنسانس کانٛہہ کأم کرنک حُکم دِیُن یا کٔنہِ کتھہِ ہٕنٛز حُکمہٕ باوتھ۔ یتھ جُملس منٛز آسہِ تتھ چھِ حُکمہٕ جُملہٕ وَنان۔ مثلن

☆ فوجی افسرن دِیُت گوٗلی چلاونک حُکم۔

☆ چھَل پلو جلد پہن۔

☆ یم چیز وا تناو گرٕ۔

۸. شرطِ جُملہٕ (Conditional sentence):- شرطہٕ جُملہٕ چھِ تتھ وَنان۔ یتھ منٛز کٔنہِ کتھہِ ہُنٛد شرط یِیہ تھاونہٕ۔ اَمہِ قسمکِس جُملس چھِیہ زٕ چھلہٕ آسان۔ گوڈنِچ چھل چھِیہ دوٚیمہِ چھلہِ ورأے نامکمل تہٕ بے معنہٕ۔ مثلن

☆ اگر ژٕ میہٕ پنٕنی کِتاب سوزکھ تیلہِ مانہٕ بہ چون۔

☆ یوٚ تام نہٕ ژٕ تس فون کرکھ، سُہ ییٚ نہٕ۔

☆ بوز وینِلہِ سُہ گرٕ ییہ اد ووتھِ اتھ بوٚ کمرٕ۔

۹. نصیحتہٕ جُملہٕ (Sentence of Advice):- اتھ جُملس منٛز چھےٚ رتو کتھ وَننہٕ یِوان۔ یتھ منٛز نصیحت آسہِ۔ مثلن

☆ اَزِچ کأم گوژھِ نہٕ پگاہ پیٚٹھ تراوٕنی۔

☆ ژوٚلہِ لگہٕ کرٕنی۔

☆ زیادٕ کھبنہٕ نشہٕ گوٗھہِ پرٕہیز کرُن۔

مشق کرِو:۔

۱. جُملن کَرٕ قسم چھِ۔تِہندی تعریف کرِو۔

۲. جُملچ ساخت کرِو بیان۔

۳. یِم کم جُملہٕ چھِ، جواب دِیو۔مثلن

۱. میٚہ کھیٚو نہٕ بَتہٕ۔ (اَنکاری، نکاری)۔

۲. بہٕ چھس نہٕ بَتہٕ کھیوان۔ (نکاری، اَنکاری)۔

۳. میٚہ چھا توری یُن۔ (نکاری، سوالی)۔

۴. واہ! بڈٕ اصل۔ (حیرتہٕ، سوالی)۔

۵. ژٕ آکھ توٚری مہربانی کرِتھ (حیرتہٕ، گذارشہٕ)۔



**بوٗلنکی جُز (Parts of speech)**

مختلف قسمکین جُملن ہنٛز وبوٗھنے کرنہٕ پتہٕ کرو جُملن منٛز استمال سپدن والین لفظن ہنٛز ذِکر۔لِفظ چھِ جُملہٕ بناونس منٛز بُنیادی رول ادا کران۔لِفظ چھُ ایٚحساسات تہٕ خیالاتن بنان تہٕ پزٕ بہ کانٛہہ لِفظ چھُ جملک جُز، تہٕ جُملہٕ چھُ زبانی ہُند اکھ حِصہٕ۔لِفظن چھیٚہ الگ الگ کام آسان یِہنٛد مُطالعہ مارفیمیات (Morphology) ہِنٛدِس شعبس منٛز سپدان چھُ۔گرائمری اصوٗلو مُطابق چھِ جُملن منٛز استمال سپدن والی لِفظ اَٹھن قِسمن ہِندی یمن کاشُری پاٹھی بوٗلنکی جُز (Parts of speech) ونان چھِ۔مثالی

۱۔ناوُت (Noun) ۲۔اِشارٕ ناوُت (Pronoun)

۳۔کراوُت (Verb) ۴۔ہُر کراوُت (Adverb)

۵۔باوُت (Adjective) ۶۔مِلوُت (Preposition)

۷۔بندُت (Conjunction) ۸۔ژھٹُت (Interjection)

۱. ناوُت[۱] (Noun):- جُملس منزٕ یُس تہٕ ناوُت استمال کرنہٕ یِیہ، بامے سُہ اِنسانہٕ سُند آسہِ یا جانہٕ ورسُند، کُنہِ جایہِ ہُند آسہِ یا کُنہِ چیزُک، تتھ چھِ ناوُت ونان۔ مثلن

☆لل دید اۘس سمپورٕ چ۔ ☆ملکھاہ چھُ کٔشیرِ ہُند بوٚڈ مرگزار۔

☆لالٹین گرژھیتہٕ۔ ☆کوکرناگ چھُ خۄ بصورت سأیل گاہ۔

لل دید، سمپور، ملکھاہ، کٔشیر، لاِل ٹین تہٕ کوکرناگ چھِ ناوِتی۔

۲. اِشارٕ ناوُت[۲] (Pronoun):- جُملس یا عبارژ منزٕ کانٛہہ لفظ بار بار استمال کرُن چھُ زبأنی ہنٛدِس تحریری کیٛو بولن حُسنس منزٕ قبوح مانہٕ یِوان۔ مثلن کلہن اوس کٔشیرِ ہُند اکھ ناماوار مورخ۔ کلہن چھُ راج ترنگنی ناوچہِ کتابہِ ہُند مصنِف۔ کلہن اوس اۘکِس وزیرسُند اولاد۔

یِمن جُملن یا اَتھ عبارژ منزٕ چھُ لفظ کلہن اکہِ کھوتہٕ زیادٕ پھِر ورتاونہٕ آمُت۔ یہٕ لفظ بییہِ تہٕ بییہِ استمال کرنہٕ نِشہِ بچنہٕ خأطرٕ ہکو اۘسی یہٕ طریقہٕ ورتأوِتھ مثلن۔ کلہن اوس کٔشیر ہُند اکھ ناماوار مورخ۔ سُہ چھُ راج ترنگنی ناوچہِ کتابہِ

---

۱. ناوُت گوٚو کأشُری پأٹھی ناوتہٕ اُردو پأٹھی اِسم۔ کأشُری پأٹھی تہٕ چھِ لفظس (کلمس) اۘٹھ قسم تہٕ انگریزی پأٹھی تہٕ۔ یِم قسم چھ کأشرِس تہٕ انگریزِیس منزٕ کٔنی۔

۲. اُردو پأٹھی چھ اشارٕ ناوتس اِسم ضمیر ونان

ہُنٛد مُصنِف ۔ سُہ اوس أ کِس وزیرسُنٛد اولاد۔

اتھ عبارژ منٛز کوٚر اَسہِ لِفظ ''سُہ'' اِستمال ییتھ گرائمری اصولو مطأبِق اِشارِ ناوُت وَنان چھِ۔ مطلب چھُ صاف زِ اِشارِ ناوُت گوٚو سُہ لِفظ یُس ناوتہِ بدلہٕ ورتاونہٕ یوان چھُ یِتھہٕ کِنٛز زَن ہیٚر مِنٛز جُملن منٛز ہاونہٕ آو۔

۳. کراوُت[ا] (Verb):- کراوُت (Verb) چھِ تِتھ لفظس وَنان ییتھ منٛز کُنہِ کامہِ ہِنٛز باوَتھ آسہِ تہٕ ییتھ منٛز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ زمانہٕ موجود آسہِ۔ مثلن

ا۔ سُہ چھُ کتاب پَران۔ ۲۔ سو چھیہٕ بتہٕ کھیوان۔ ۳۔ شُری چھِ مأدانس منٛز گِنٛدان۔

پَران، کھیوان تہٕ گِنٛدان لِفظ چھِ کراوِتی۔

کراوتہِ ورأے ہیکِہ نہٕ کانٛہہ جُملہٕ اُسِتھ۔ مثالے

ا۔ سُہ چھُ کتاب پَران ۲۔ سو چھیہٕ بَتہٕ کھیوان۔ اگر ییمو جملو منٛز لِفظ پَران تہٕ کھیوان نیبر کڈَو، جُملن روزِ نہٕ کانٛہہ معنہِ۔

کراوُت چھُ جُملس منٛز حرکت تہٕ ہاوان مثالے

ا۔ مٕیہ گُرکأم۔ ۲۔ مٕیہ چییہٕ چاے۔

گُر تہٕ چییہٕ لِفظ چھِ کراوِتی تہٕ کراوتچ حرکت تہٕ چھِ ہاوان۔

کراوُت چھُ وجوٗد تہِ ہاوان۔ وُچھویمن جُملن منٛز۔

ا۔ تمہ آسن آمٕتی۔ ۲۔ یہ چھُ چون کوٹ۔

---

ا اُردو پأٹھی چھ کراوتس فعل وَنان۔

آسن تہٕ چھُ لفظ چھِ وجوٗدی حالتچ باوتھ کران۔

ملکیٖژ حالتس منز تہٕ چھُ کراوٗت ورتاونہٕ یوان مثلن

۱۔ تس چھِ زٕ مکانہٕ۔ ۲۔ میٖہ چھیٖہ پانژھ قمیضہٕ۔

یمن جملن منز چھُ لفظ 'چھِ' تہٕ 'چھیٖہ' ملکیت ہاوان۔

۴۔ ہُر کراوٗت[۱] (Adverb):- ہُر کراوٗت چھِ تتھ لفظس ونان یُس جملس منز کراوِچ، باوِچ یا بیٖیہ کُنہِ ہُر کراوِچ باوتھ کرِ مثلن

۱۔ تمۍ گینٛد جان۔ ۲۔ گُر چھُ تیز دوران۔

۳۔ بہٕ یمہٕ سُلی۔ ۴۔ سہٕ چھُ لوٚت لوٚت پکان۔

یمن جملن منز چھُ لفظ جان، تیز، سُلی تہٕ لوٚت لوٚت ہُر کراوٗت۔ جان چھُ گینٛد، تیز چھُ دوران، سُلی چھُ واپس تہٕ لوٚت لوٚت چھُ پکان لفظک ہُر کراوٗت۔

۵۔ باوٗت[۲] (Adjective):- باوٗت گوٚو سُہ یُس کُنہِ ناوِچ باوتھ کرِ یعنی ناوِتکۍ تہٕ اشارٕ ناوِتکۍ صِفت کرِ بیان مثلاً

۱۔ موٗدُر بادام۔ ۲۔ کرِہنۍ ژھاوِج۔

۳۔ کاشُر وازٕ وان۔ ۴۔ ژارِچ کانگر۔

یمن جملن منز چھُ موٗدُر، بادامک، کرٕہنۍ، ژھاوجہِ ہُند، کاشُر، وازوانک تہٕ ژارچہِ، کانگرِ ہُند باوٗت یعنی صِفت بیان کران۔

۶۔ مِلوٗت[۳] (Preposition):- مِلوٗت چھُ سُہ لفظ یُس ناوتہِ تہٕ اشارٕ

---

۱ ہُر کراوتس چھِ اُردوہَس منٛز متعلق فعل ونان۔ ۲ باوٗت گوٚو اُردوہَس منٛز صِفت۔ ۳ مِلوٗت گوٚو اُردوہَس منٛز حرف۔ پروفیسر شفیع شوق تہٕ ناجی منور صاأب چھِ مِلوٗت لفظٕ بدلہٕ اَشناوٗت لیکھان یِیلہِ زَن ڈاکٹر بشیر صاأب مِلوٗت لیکھان چھِ۔ تاہم چھنہٕ یمن منز کہنۍ فرق لبنہٕ یوان۔

ناوتہٕ بروٚنہہ استمال چھُ کرنہٕ یوان۔ اَمہِ ستیٖ چھِ دوٚن جُملہٕ چھلن پانہٕ وٲنۍ مِلون گژھان یا ناوچ تہٕ اِشارٕ ناوچ اٰشنأیی تہٕ نیران۔ مثلن

۱۔ کتاب چھےٚ میزس پیٹھ۔ ۲۔ کتاب چھےٚ میزس تل۔

۳۔ کتاب چھےٚ میزس نزدیک۔ ۴۔ کتاب چھےٚ میزس لرِ۔

پیٹھ، تل، نزدیک تہٕ لرِ لفظ چھِ یِمن جُملن منٛز مِلوچ یا اٰشنأیی ہنٛز کام دِوان۔ کتابہِ ہنٛز اٰشنأیی چھےٚ میزس ستیٖ یِموٕے لفظوٕ ہنٛدِ مدتہٕ واضح سپدان۔

۷۔ بندُت (Conjunction):۔ دوٚن لفظن، جُملن، جُملہٕ چھلن تہٕ محاورن یُس لفظ واٹہِ تتھ چھِ بندُت وَنان مثالے۔

۱۔ نہ اوس تتہِ رحمان تہٕ نہ رمیش۔ ۲۔ تٔمۍ ہیوٚت کوٹ تہٕ پتلون۔

۳۔ رانی تہٕ مہوش اٰس تتۍ۔ ۴۔ ادفر تہٕ ایاز چھِ سکول۔

یِمن جُملن منٛز چھُ 'نہ' تہٕ 'بندُت۔

۸۔ ژھٹُت (Interjection):۔ پرٕ ویِم جُملہٕ۔

۱۔ اَلاے! اَسہِ ہازیوٚن۔ ۲۔ افسوس اَسہِ ہور۔

۳۔ واہ! کیاہ خوبصورت پوش۔ ۴۔ اوہو! ہین چھُ ازگری گوٚمُت مُشتھ۔

یِم جُملہٕ چھِ تِتھو لفظوٕ ستیٖ شروع گژھان یِموٕ ستیٖ دِلُک اَندرِم احساس بروٚنہہ کُن چھُ یِوان۔ اَلاے تہٕ واہ چھُ خوشی ہُند اظہار یِیلہِ زَن افسوس غمکس تہٕ اوٚہو حأرانی ہِندِس موقعس پیٹھ ورتاونہٕ چھُ یوان۔

ژھٹُت چھُ سُہ لفظ یِمہِ ذٔریعہ اِنسان دِلکی محسوسات یا جذبات بیان چھُ کران یا نبر چھُ ژھٹان مثالے۔

۱۰ واہ! کیاہ موٗدُر ژوٗنٹھ چھُ۔ ۲۰اوٚ ہو یسے گیہِ۔

۳۰ اَلاے! یہِ کوٗ تاہ ہاتھوٗد میٹھیوٗ۔ ۴۰واے! اگر میہ پتھہ آسہِ ہا مہ ییمہ ہانہ یور۔

## ناوتین ہنٛدی قسم (Kinds of Noun)

گرٛامرٕ لحاظ چھِ ناوتی واریاہن قسمن ہنٛدی۔ تاہم چھِ وٕنٛٹھی پٕٹھی پأٹھی کأشرِ زبأنی منٛز ناوتین ہنٛدی یم پانٛژھ قسم عام طور استمال سپدان۔

۱۰ خاص ناوت (Proper noun) ۲۰عام ناوٗت (Common noun)

۳۰جمأژ ناوٗت (Collective noun) ۴۰مأدی ناوٗت (Material noun)

۵۰اکأیژ ناوٗت (Abstract noun)[1]

۱۰ خاص ناوٗت [2]:- ناو کانسہِ خاص نفرٕ سُنٛد، جایہِ ہُنٛد یا چیزُک آسہِ، سُہ گوٚو خاص ناوٗت۔ مثلن گاندھی جی، شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ، گُلمرگ تہٕ چھرٕ کول۔

۲۰عام ناوٗت:- یہِ گوٚو سُہ ناو یُس اِنسانن، جانہٕ ورن، جاناورن، جاین تہٕ چیزن باپتھ عام پأٹھی استمال سپدان آسہِ۔ مثالے۔ غفار، لڑکہٕ، پوٚنٛژ، کتاب، نوٚٹ، مأدان تہٕ ٹینگ۔

۳۰جمأژ ناوٗت:- واریاہن چیزن یا نفرن ہنٛزِ چھوکہِ چھِ جمأژ ناوٗت ونان۔ مثلن پُلیس، عوام، چاروأے، فوج، سامان، قوم، بأژ بیترِ۔

---

[1] ییمو ناوتیو علاوٕ چھِ انگریزی زبأنی منٛز Concrete، Countable تہٕ Uncountable noun تہٕ ورتاونہٕ یوان۔ ییلہِ زن کأشرِ زبأنی منٛز کنکریٹ ناوتینٛگ رول خاص ناوٗت تہٕ عام ناوٗت، کونٹ ایبل ناوتینٛگ رول جمأژ ناوٗت تہٕ اَن کونٹ ایبل ناوتینٛگ رول مأدی ناوٗت ادا چھُ کران۔

[2] جدید لسأنی ماہر چھِ دعویٰ کران زِ ناوٗت چھُ تمام ناوتیو باپتھ استمال یوان کرنہٕ نہ کہِ صرف جایہِ، نفر یا کُنہِ چیز باپتھے یوت۔

۴۔ماؔدی ناوٗت :۔ تِمن چیزن ہند ناون چھِ ماؔدی ناوٗت وَنان یِم تولنہٕ تہٕ مینہٕ چھِ یوان یا یِموٗ ستۍ مختلف چیز تہٕ بناونہٕ یوان چھِ۔ مثالے۔ دود، شسترٕ، ماز، سون تہٕ کپُر۔

۵۔اکاؔیژ ناوٗت :۔ اکاؔیژ ناوٗت چھِ تِم ناو یِمن نہٕ کانٛہہ ٹھوس شکل چھیٚ بلکہِ چھِ اکاؔیژ ناوٕ اکہِ خاص عملہِ، خاصیژ تہٕ گُنہِ مخصوص مرتبہ یا معیارچ نشاندہی کران مثلن چالاکی، ایمانداؔری، خوبصورتی تہٕ بیماؔری بیترِ۔

| اکاؔیژ ناوتین ہنز بناوٹھ (Formation of abstract nouns) |
|---|

کاشرِ زباؔنی ہندی اکاؔیژ ناوٕتی بناونس منز چھُ عام ناوٗت، باوٗت تہٕ کراوٗت بُنیاؔدی رول ادا کران۔ مثلن

عام ناوتو (Common nouns) نشہِ وجوٗد پراون وألی اکاؔیژ ناوٕتی :- (Abstract noun)

| عام ناوٕتی | اکاؔیژ ناوٕتی | عام ناوٕتی | اکاؔیژ ناوٕتی |
|---|---|---|---|
| یار | یارٕز | پوٚہل | پہلی گی |
| پادشاہ | پادشاہی | واتل | واتل گی |
| دوست | دوستی | مَلہٕ | مَلہٕ گی |
| گریوٚس | گرٛیسی گی | ژوٗر | ژُرٕ گی |

باوتھٕ (Adjectives) زِنشہ بنن وٲلی اکائیژناوِتی :-

| باوُت | اکائیژناوُت | باوُت | اکائیژناوُت |
|---|---|---|---|
| اوٚن | انہٕر | بوٚڑ | بجر |
| اوٗر | اُدژیر | بوچھ | بوچھر |
| اوٚر | اَربر | توٚت | تۄر |
| ایمان | ایمان دار | تھوٚد | تھزر |
| دوٗر | دَربر | ٹیوٚٹھ | ٹیچھر |
| ڈیوٚل | ڈیجر | رُت | رژر |
| زوٗر | زربر | کوٚل | اَگُجر |
| زیوٚٹھ | زیچھر | کھوٚل | کھجر |
| ژوٚک | ژوکیر | کھوٚر | کھرِل |
| ژھوٚٹ | ژھوچر | گاٹُل | گاٹہٕ جار |
| سیوٚد | سبزر | موٚت | مۄر |
| سرٚون | سرٚنبر/سنبر | موٚٹ | موچر |
| شوٚد | شوزر | میوٚٹھ | میچھر |

یوٚتام کراوِتی (Verbs) لفظو پیٹھہٕ اکائیژناوِتی بناوُنک تعلق چھُ، اَمہِ باپتھ چھُ اکھ خاص اصوٗل یہِ زِ کراوِتی لفظس گژھ اُخرس گنہِ "ن" اَچھر ہُر راونہٕ یُن مثلن۔

| اکائیژ ناوت | کراوُت | کائیژ ناوُت | کراوُت |
|---|---|---|---|
| کرُن | گرَ | اَنُن | اَن |
| کھٔن | کھن | اَسُن | اَس |
| گوھُن | گوھ | پرُن | پرَ |
| گیوُن | گیو | ٹلن | ٹل |
| لارُن | لار | ژارُن | ژار |
| مرُن | مَر | ژھارُن | ژھار |
| نٔوُن | نژ | سونچُن | سونچھ |
| وُچھن | وُچھ | شونگُن | شونگ |

مشق کرِو:-

۱۔ ناوتَس کوٚ قسم چھِ۔ مثالہ دِتھ کرِو تِہندی تعریف۔

۲۔ ناوِتی تہٕ اشارِ ناوِتی ژارِو الگ الگ۔ تمُ ، سو، اَل ، وانگن۔

۳۔ خاص ناوِتی ، عام ناوِتی ، مادی ناوِتی تہٕ جماژ ناوِتی کرِو الگ الگ۔
فوج ، لشکر ، سون ، شستر ، کوکرناگ ، شیخ العالمؒ ، گٔنز ، تیر ، گُل ، توٗل۔

۴۔ ماشٹر ، سلطان تہٕ حاکم چھِ عام ناوِتی ۔ یِم کرِی دٔکھ اکائیژ ناوتَس منز تبدیل۔

۵۔ پوٚہل ، اوٗن ، تھوٚد ، رُت ، پادشاہ ، گر ، اوٗز ، کھن تہٕ ژٔل لفظو منز کرِو کراوِتی ناوِتی تہٕ باوِتی الگ الگ۔

۶۔ یتھ یس ناوُت ، کراوُت یا باوُت سپدِ تہٕ ٹھیک روزِ ، سہ کرِو تتھ

استمال۔ مثلاً سفید، کرِہنہٕ، مأدانس، گلمرگ، پہوان تہٕ کھسوان۔

۱ ۔ .................. چھِیہ اکھ خوبصورت جاے۔

۲ ۔ شہین چھُ .................. ۳ ۔ یہٕ چھِیہ .................. گاو۔

۴ ۔ اکھ .................. گاوأس .................. منز گاسہٕ ..................

**جنسہٕ ناوِتی (Gender Nouns)**

بوٕلنکین جُزن (Parts of speech) منز چھِ ناوِتی گرائمری اصوٗلو مُطأبق دوٗیہِ طریقہٕ ورتاونہٕ یوان۔ نَر (مُذکر) تہٕ ماد (مونث)۔ تاہم چھُ باقے زبانن ہِندی پأٹھی کأشرِ زبأنی منز تہِ ترٛیٚیم جِنس یعنی سرٛود جِنس (Common gender) استمال سپدان۔ یِم جنس چھِ ترٛبن الگ الگ ناون تحت ورتاونہٕ یوان۔ مثالے

۱ ۔ حقیقی / اصلی / فطری۔

۲ ۔ غیر حقیقی / غیر فطری۔

۳ ۔ سرٛودی / مشترکہٕ۔

۱ ۔ حقیقی جِنسہٕ ناوِتی :۔ یِم جِنسہٕ ناوِتی چھِ زُوزأژن ہِندِ خأطرٕ استمال سپدان مثلن :

انسان، گٔب، ہانگُل، گُر، ژھاوُل، داند، گاو، کوتُر، بم سِنی، بطخ، کرٛینکہٕ لٹ، پینٛزٕ کأنی، بُلبُل، ہأر، راتہٕ موغُل، کاو، ہاپُت، شال، طوطہٕ۔

غأر حقیقی جِنسہٕ ناوِتی :۔ یِم چھِ بے زُوناوِتی۔ یِمن ناوتین چھِنہٕ نرس مُقابلہٕ ماد یا مادس مقابلہٕ نرآسنُک کہنے امکان بدٕ نیران بٔلکہ چھُ یہُندٕ جِنس قوأعدی

اصوٗلن تحت چلان آمٕت۔ مثلن

پہاڑ، کوٗل، سڑک، دوات، ٹھوٗل، نۆٹ، جنگل تہٕ ناگ بیترِ۔

۳۔ سرٛوٗدی جنسہٕ ناوٕتی:- اَمہِ قسمکی ناوٕتی چھِ دۆشوٕنی صوٗرژن منٛز استعمال

سپدان۔ تہٕ زَن گۆ یِمن ناوتبن چھنہٕ نرٕس مقابلہٕ ماد تہٕ مادس مقابلہٕ نرلبنہٕ

یوان۔ مثلن آر، ژُنن، ژوٗنٹھ، ڈوٗن، سون۔

نَر تہٕ مادٕ ناوٕتی پرکھاونکی کینٛہہ [1]اصوٗل:-

۱۔ یِم ناوٕتی "اُ" آوازِ پتھ اَند چھِ واتان تِم چھِ نر (مذکر، Masculine) جنس ظاہر کران۔ مثلن

سالُر، ژھاوُل، کوکُر، کوتُر، ہۄہُر، پوپھُو، کانٛتُر، خچُر، گنجُر، ٹٔھل، پانٛیُر، رلتہٕ موغُل، زامتُر، ساجو، نچو، آرُم، کانٛیُل، اۆبُر، واتُل، سبتھُر، ندُر، سونُر، موہنیو، مونگُر، گجُر، کاندُر، داندُر، گۆبُر، تیٚہُر، لوٚھُل، ووڈُر[2]، واندُر، راوکھ[3]، ہٕکھُر، ترکُر، وٕکُر، وُتھُر، ڈوکُر، ووکھُل، اوڈُر، دوڈُر، لِکُر، دَتُر، اَتُر، پتھُر، گُتُل، ہُٹُر، بٕتُر، رِکُٹر بیترِ۔

---

[1] بڈ بن لسأنی خاندانن یعنی سامی تہٕ ہند یورپی زبانن منٛز چھُ جنس ترٛٚ قسمی۔ نر، مادٕ تہٕ سرٛوٗد گر مجموعی طور چھُ یہ نظام یِمن زبانن منٛز دون حصن منٛز تقسیم یعنی فطری جنس تہٕ قواعدی جنس۔ فطری جنسچہ مثالہٕ چھیہ انگریزی تہٕ جدید فارسی زبانن منٛز میلان۔ نر، مادٕ یا سرٛوٗد (مشترکہٕ) جنس چھ ناوٕت بروٗنہہ کُن یتھ بدنیران مثلن مرد چھُ نَر، زنانہِ چھیہ مادٕ تہٕ ہانٛگل چھُ سرٛوٗد۔ [2] ووڈُر چھُ اکہِ قسمچ اُبی زوذات۔ [3] تس نفرس چھُ راوکھ ونہٕ یوان یُس دال کھس پتھ گۆھتھ اۆموکھہ بیرِ بیرِ پھیرِ زِسہٕ ڈ چھِ آیادانبس چھا آب بیترِ۔ لگر ماچھس متیومُت یا درۆژ ماچھُ گۆمُت۔ دژوٗڑ چھِ تتھ دنان پیٲری آب اکہِ ڈورِ منٛز بنٛیس ڈورس منٛز تلی تلی ژلان آسہِ یا یُس نہٕ اَتھی آسہِ یوان۔ ووڑ رچھِ مرازس منٛز [illegible] وونان [illegible] تتھ چھ وونان پیٲری معمولی آب نیران آسہ۔

یِم کیٛنٛہہ لفظ تہٕ چھُ "اُ" آوازِ پیٚٹھے انْدواتان تاہم چھِ باوٕتی زُمرس منٛز یوان یعنی یِمن منٛز چھِ صفت بیان آمتی کرنہٕ تہٕ کیٛنٛہہ چھِ عام حالتس منٛز۔ مثلن

لوکُٹ، یوکُت، گاٹُل، کاژُر، پھیرٕ وُن، کادُر، زاُویُل، اُویُل، ئُوھیُل، دوگُل، ہوٚت مُت، گونگُل، بیٚچھِ وُن، کھَشُر، ووتُر، اَپھُر، موگُر، کرٕوُل، موٚدُر، پِتُر، پوپھتُر، ماتُر، ماسہٕ تُر، لیدُر، شُکُر بیتر۔

## ۲۔ "اوٚ" آوازِ پیٹھ انْدواتن واٲلی ناوٕتی تہٕ لفظ چھِ نر:-

یوٚڈ، ووٚژھ، دوٚب، موٚت، پھوٚت، پوٚژھ، کوٚل، ڈیوٚل، پروٚن، کھوٚر، ژوٚر، ہوٚس، اوٚن، نوٚن، چھوٚن، سروٚن، پروٚت، لوٚنگ، کوٚٹ، پوٚٹ، ژھوٚٹ، ژھیوٚٹ، گوٚٹ، اوٚر، دوٚر، موٚر، نوٚر، ووٚر، ژھوٚر، ٹھوٚر، ہیوٚر۔

اَتھ آوازٕ ستی منسوٗب کیٛنٛہہ لفظ چھِ لگی رٹان۔ یِم نر چھِ۔ مثلن

سرانہٕ گوٚر، رؤسی کوٚٹ، واٹن گوٚر، کتھہٕ گوٚر، اوکھ زوٚنگ، وَرٕ ہوٚل، ٹھسہٕ گوٚر، ٹُن زوٚن، وتنہٕ گوٚر، کھراوٕ ہوٚر، بستہٕ گوٚر، ہُرٕسہٕ گوٚر، کوکُر موٚر، لنڈٕ گوٚر، مونجہٕ گوٚر، ژوچہٕ ووٚر، نونوٚٹ۔

## ۳۔ "وول" پوٚت لوٚگ (Suffix) لاگنہٕ ستی چھِ یِم نَر ناوٕتی بنان:-

وانہٕ وول، ٹھُلہٕ وول، گرٕہٕ وول، ڈولہٕ وول، گُری وول، ٹانگہٕ وول، گرٕ وول، دانٕد وول، کنہٕ وول، واین وول، ہمکن وول، ڈُون وول، پھیرِ وول، آسن وول، رزِ وول، کھبنہٕ وول، گاڑٕ وول، ہری وول، شُری وول، کوکر وول، چایہ وول۔

"وول" چھُ انگریزی لفظن ستیٚ رٕلتھ یِم نَر ناوٕتی بناوان:-

ٹیکسی وول، کارِوول، آٹو وول، بسہِ وول، ٹپر وول، ٹر کہِ وول، بیکری وول، ہوٹلہٕ وول، ٹرأفِکہٕ وول، پُلسہٕ وول، مِلٹری وول۔

۴. ''دار'' پۆت لوگ لاگنہٕ ستۍ چھِ یِم نٕر وجودس منٛز یوان:-

کاردار، قرضدار، ذألدار، زۆ دار، تبردار، چکدار، بتھی دار، رازدار، رس دار، مٕز دار، وطن دار، دیہندار، داغدار، خانہٕ دار، حقدار، ہنگہٕ دار، دعوادار، دُکاندار، دِلدار، غدار، مُشکدار۔

۵. ''اِ'' آوازِ پیٹھ اندواتن وألی لفظ چھِ اکثر ماد (مونث) آسان:-

گِر، گگِر، بِلچ، گاٹِج، گوجِ، ژھاوِج کوکِر، کوتِر، زنانہٕ، ہۆکھِر، مونٛگِر، لوکٹ، بوکرٕ، کاژِر، دوجِ، ہۆ ژمِو، اۆبِج، ٹھٹلِج، واتِج، لرٕجھِ، مکِر، دودِر، ئدِر، مکِو، ہاپِر۔

۶. ''نی'' علامو ستۍ ختم سپدن وألی لفظ چھِ ماد آسان۔ مثلن:-

فقرأنی، چھأنی، کأوِنی، عُرِنی، ہأنزِنی، ہأنگنی، وۆنٛتنی، مہرێنی، ہۆنی، أنزِنی، سُری فِنی، گنہٕ ہاپنی، سوٗنٛینی، موغلأنی، کأنی، گُجرأنی، کنجرأنی، پٹھأنی، پرێنی، گأنی، دِرکاکنی، برأنی، رأنی، دأنی، زأنی، سأنی، میأنی، ژٕنی، ڈُنی، نٕنی، چھۆنی، یۆٹنی، ئژنی، نوکرأنی، أنی، آشێنی، سوٗرِنی۔

۷. ''نِ'' علامت چھِیہ لگو رٹنہٕ ستۍ تہِ ماد لفظ بناوان:-

مانہٕ رێنی، دانِد رێنی، کاندرێنی، شِکس لٕدنی، پرٕ ژھێنی، ودِونی، اَسہٕ وِنی، خانہٕ دارێنی، گرہٹہٕ واجێنی، یوگہٕ لٕدنی، رامہٕ ہۆنی، شرمدارێنی، مالِکێنی، باوِلٕدنی، دندأنی، مَستأنی، پنڈِتأنی، مُسلمأنی، سِکہ یأنی، ہێزی یأنی، اَن زأنی،

بأقر خأنۍ ،ننڈِ بأنۍ ،ژھوڑ کأنۍ ،گلی کأنۍ ،گوھ کأنۍ ،تِلہٕ وأنۍ ،سألأنۍ ، پدمأنۍ ، شینہٕ مأنۍ ،شِلہٕ پدمأنۍ ،آرٕمینۍ ،ساوینۍ۔

٨ • "بابے" پٔت لۆگ والنہٕ ستۍ چھِ یم ماد جنسی ناوٕتی بارسس یوان :-

گوٗری بابے ،دوٗبٕ بابے ،واز بابے ،پیر بابے ،گرہستی بابے ،راز بابے ،ژٕر بابے ،مُقدم بابے ،کھار بابے ،ملہٕ بابے ،نأید بابے ،یٔومن بابے ،ہمسایہ بابے ،حأج بابے ،پادشاہ بابے ،تِلوأنۍ بابے ،کاندرٕ بابے ،سأرِکندر بابے۔

انگریزی لفظن ستۍ "بابے" بطورِ پٔت لۆگ استمال کرنہٕ ستۍ چھِ یم ماد ناوٕتی بنان :-

ماشٹر بابے ،ڈاکٹر بابے ،ڈرائیور بابے ،کلرِک بابے ،انجینیر بابے۔

٩• لفظُک پتم اَچھر "ل" چھُ "ج" اَچھرس منز تبدیل گژھان یمہٕ ستۍ ماد بنان چھُ :-

| نَر | ماد | نَر | ماد |
|---|---|---|---|
| گُل | گُج | ٹُل (ٹُلہٕ گُل) | ٹُج |
| ٹھُل | ٹھج | ٹُل (گاسہٕ ٹُل) | ٹُج |
| پھۆل | پھج | شال | شأج |
| نۆل | نۆج | ڈیۆل | ڈیج |
| ژھاوٗل | ژھاوٕج | مول | موج |
| ہۆل | ہُج | گوٗل | گُج |

تِم حقیقی ناو تی یِم صرف بطور نر استمال چھ کرنہٕ یوان :-

ژٕر، گُر، ریوٗنز، بُلبُل، موٗہ، طوطہٕ، پٔش، سَتُت، بوٗمبُر، ہالو، دوٗنژھ، ہتہٕ زوٗنگل، پنہٕ پونپُر، ئسِچھِ پوٹپُر تہٕ کرِیم بیترِ۔

یِم چھِ تِم حقیقی ناو تی یِم صرف بطور مادٕ ورتاونہٕ یوان چھِ :-

زوو، مچھ، ہأر، کزٕینکہٕ لٔٹ، نٔژ، رنگہٕ ژٕر، دُرزٕ، بم سِنٛز، رٮ۪ے، دُیتر، ٹِکر، کنہٕ ہأنژ، کاکنٛز اَتھر، ، کٔنج، رنگہٕ کٔنج، انہٕ رٮ۪ے، کھِر ینہٕ وُٹل، ہأنگنی، پِندٕ چ۔

<u>یِم ناو تی چھِ چھرا نٔر ورتاونہٕ یوان :-</u>

ژوٗنٹھ، ڈوٗن، دأن، ٹنگ، سون، شستر، بادام، کِنک، دُری یاو، گُل، پہاڑ، شین، روٗد، جنگل، وَن، قلم، مکان، درمُن، دود، ہاکھ، مونگ، کونگ، شول، دتُر۔

یِم ناو تی چھِ مادٕ :-

دولت، کتاب، چانٛدی، وِرِکٕنٛز، ٹیکہٕ ہٹٕنٛز۔

یِم ناو تی چھِ نَر :-

ا۔ کٔشیرِ ورأٮ۪ے۔ بیشتر مُلکن، بیشتر بالن، ربتن، گامن، محلن، جنگلن، آرن، ہمأدانن، کئدلن، گامن تہٕ بازرن بیترِ ہندی ناو۔

۲۔ جمعہ بغأر چھِ ہفتکی سأری ناو مادٕ ورتاونہٕ یوان۔

۳۔ زوٗنہِ ورأٮ۪ے چھِ سأری تارَکھ بطور نر استمال سپدان۔

۴۔ بیشتر زبانن ہندی ناو چھِ مادٕ۔

کأشرِن تِمن نرتہٕ مادن ہُند فہرست یُہُند ناو بوٗز تھٕے جنسک تصور بروٗنٹھہ کُن

چھُ یوان۔امہِ قسمکۍ لفظ چھِ حقیقی جِنسہٕ ناوِتی مانہٕ یوان:-

| نر | ماد | نر | ماد |
|---|---|---|---|
| مول | موج | ژھاوُل | ژھاوِج |
| خاوند | زنانہٕ | بوے | بیٚنہِ |
| ہاپُت | ہاپٕژ | کچہِ مونگُر | کچہِ مونگر |
| بب | دبد | مرد | زنانہٕ |
| خر | خرٕنی | بُڈی بب | نانی |
| ہوٗن | ہوٗنی | گُر | گُرِنی |
| پَچھو | کوٗر | کانٛژُر | ژٲر |
| مہراز | مہرٚینز | لڑکہٕ | لڑکی |
| بیۄر | بیاٲر | کاو | کاوِنی |
| پیٚتر | پیچینٛز | سُرپھ | سٲری پھِنز |
| شال | شاٲج | مام | ماٰمنز |
| گگُر | گٕگر | بطُخ | بطٕچ |
| ماس | ماسُو | کوٗتُر | کوٗتٕر |
| مونگُر | مونٛگٕر | رۄن | کوٗئے |
| نۆل | نۆج | ہَکھُر | ہۆکھٕر |
| کاکھ | کاکٕنز | دۄژھ | وَژٕھر |
| پۆنز | پٕنزٕ | کُٹھ | گگٕب |

| | | | |
|---|---|---|---|
| أنز | أنزِنی | کوکرپۄت | کوکرپۄژ |
| کوکُر | کوٕکر | وونٹھ | وۄنٹنۍ |
| پۆپھو | پوٕپھ | ہِنہِ موٚنڈ | ہِنہِ مونڈٕج |

## گرٛنز ناوِتۍ (Noun of numbers)

بوٕلنکین جزن منٛز چھُ ناوتمن ہُنٛد ورتاوگرٛنز حِسابہٕ تہٕ سپدان۔ گرٛنز ناوِتی چھِ دوٚیہِ طریقکۍ آسان۔

۱۔ واحد (Singular)

۲۔ جمع (Plural)

۱۔ واحد (Singular):- واحد (اوٚ گُن) گوسہٕ ناوُت یمیُک مقصد صرف اکھ شخص یا چیز آسہِ مثلن ژوٚٹ، ہأر، مول، نوٚٹ۔

۲۔ جمع (Plural):- جمع (دوٚ گن) چھِ تتھ ناوِتس ونان یُس اکہِ کھوتہٕ زیادٕ شخصن یا چیزن بیان آسہِ کران۔ مثلن زنانہٕ، ترامہِ، ژوچہِ، لورِ، ڈوٗنی، الٕہ، لیٛجہِ، ژرِتہٕ بطخ۔

<u>جمع بناونکۍ طریقہٕ:-</u>

۱۔ حقیقی ناوتمن منٛز ''اِ'' آوازِ ستی جمع بناونکۍ ول:-

| حقیقی واحد ناوُت | حقیقی جمع ناوُت | حقیقی واحد ناوُت | حقیقی جمع ناوُت |
|---|---|---|---|
| کوٗر | کورِ | شأج | شاجہِ |
| موج | ماجِہ | وۄنٹنۍ | وۄنٹنہٕ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| گئب | گبہٕ | موٚنگر | موٚنگرِ |
| ہش | ہشہِ | گگر | گگرِ |
| مہرٛینز | مہرِنہٕ | کوٚتر | کوٚترِ |
| ڈُتر | ڈُترِ | نوٗج | نوٗجہِ |
| بُم سِنز | بُم سِنہٕ | رِنز | رِنہٕ |
| ژُر | ژرِ | رےٚ | ریٚیہٕ |
| ہأر | ہارِ | تُکر | تُکرِ |
| ژھأوج | ژھاوجہِ | کرأج | کراجہِ |
| أنزِنۍ | أنزِنہٕ | وأنج | وانجہِ |

۲۔ ’اِ‘ آوازِ ستۍ غأر حقیقی ناوتمن یا لفظن ہندۍ جمع بناونکۍ قأیدٕ مثلن

| | | | |
|---|---|---|---|
| سپر | سپرِ | کانگر | کانگرِ |
| گاژر | گاژرِ | وُر | ؤرِ |
| دأر | دارِ | ہُر | ہَرِ |
| جاے | جایہِ | لُر | لرِ |
| ڈأل | ڈالہِ | پھُر | پھرِ |
| گُر | گرِ | کأنۍ | کانہِ |
| گُر | کرِ | | |

۳۔ یِم چھِ تِم الفاظ یِہندِس گوڈنکِس حرفس پیٹھ "ے" آواز، "اَ" آواز مژ تبدیل چھِیہ گوہان تہٕ لفظکۍ اُخری اَچھر "ٹ" "چھ" "چ" اَچھرس مژ۔

بدلان۔ تھ ستی "اِ" آواز رٔلتھ لفظ جمع بنان چھُ:۔

| وأحد | جمع | وأحد | جمع |
|---|---|---|---|
| ہٹ | ہچہ | لٔٹ | لچہ |
| کٔٹ | کچہ | ٹٔٹ | ٹچہ |
| پٔٹ | پچہ | یٔٹ | یچہ |
| مٔٹ | مچہ | وُٹ | وَچہ |

۴ . "ے" آواز وأحد ناوِتس یا لفظن پٔتس ہُر راونہٕ ستی چھُ جمع بنان۔ مثلن

| وأحد | جمع | وأحد | جمع |
|---|---|---|---|
| گاو | گاوٕ | لیف | لیفہٕ |
| قبر | قبرٕ | کول | کولہٕ |
| کتاب | کتابہٕ | ٹھول | ٹھولہٕ |
| سون | سونہٕ | زوو | زووٕ |
| خبر | خبرٕ | مونٛڈ | مونٛڈٕ |
| ڈلیل | ڈلیلہٕ | کمَل | کملہٕ |
| دوس | دوسہٕ | بانگ | بانگہٕ |
| ڈانگ | ڈانگہٕ (لوٗ ڈتہٕ موٗٹ لٹر) | ٹنگ | ٹنگہٕ (شالہٕ ٹنگ) |
| تونگ | تونگہٕ (فندوٗن) | سرٛونگ | سرٛونگہٕ |

۵ . لفظُک أخری 'تھ'، 'ت' آوازِ مٕژ بدلنہٕ تہٕ پٔتس اِ ہُر راونہٕ ستی

چھُ جمع بنان۔

| واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|
| وَتھ | وتہٕ | لَتھ | لتہٕ |
| دَتھ | دتہٕ | پتھ | پتہٕ |

۶. لفظکس أخرس پیٹھ 'ی' علامت ہُر راوِنہٕ سِتی چھُ جمع بنان۔ وُچھو "د" اَچھرس پتہٕ کنہِ کتھہٕ گَنی چھیٚہ تالرٕ جمع لفظ بناوان۔

| واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|
| دود | دأدی | پوٚد | پٔدی |
| موٗد | موٗدی | دٔند | دٔندی |
| دوٚد | دٔدی | گوٚنڈ | گوٚندی |
| یوٚد | یٔدی | کھوٚند | کھوٚندی |
| گوٚد | گٔدی | میوٚند | میٚندی |

۷. لفظُک أخری اَچھر "ل" تالراوِنہٕ سِتی چھُ جمع بنان۔

| واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|
| مول | مأڑی | پوٚتُل | پوٚتلی |
| وول | وأڑی | مُہل | مُہلی |
| کھول | کھأڑی | بیٚول | بیأڑی |
| ژھاوُل | ژھاولی | پوہل | پہلی |

۸ . "ر" اچھُر تالرن ہستی چھُ جمع بنان۔ مثلن

| واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|
| شُر | شُری | گُر | گُری |
| کھر | کھری | سُر | سُری |
| پتُر | پِتری | وودُر | ووِدری |
| ہُدر | ہُدِری | لیڈر | لیڈِری |
| ببگُر | ببگری | تور | تأری |
| زوٗر | زٲری | کھوٗر | کھٲری |
| نوٗر | نٲری | ٹونگر | ٹونِگری |

۹ . تالراونہٕ ہستی چھِ یم لفظ تہِ جمع بنان۔

| واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|
| کیوٗم | کیٚمی | موٗت | مُتی |
| ژونگ | ژأنگی | ژھوگ | ژھأگی |
| نوٗٹ | نٔٹی | ژھوٗٹ | ژھوٗٹی |
| کھوٗٹ | کھوٗٹی | پھوٗٹ | پھٔٹی |
| ٹونگ | ٹأنگی | ووٗٹ | وٗٹی |
| ہوٗٹ | ۂٹی | پوٗژھ | پٔژھی |

۹ . یم ناوِتی یا لفظ چھِ تمہِ ساتہٕ واحد یا جمع آسنک باس دِوان ییلہِ یمن ناوِتی حالتکی لگی بدلان چھِ یا یِہُند استمال حالتوٗ نگی سپدِ مثلن دٔریاو، دٔریاون،

ڈ ریاوس، ڈ ریاوٗک، بأژ، باژو، بأژن، قلم، قلمن ہیتر۔

۱۰ • کینٛہہ لفظ چھِ واحد حالتس منز مذکر مگر جمع حالتس منز چھِ مونث بنان۔ مثلاً

| واحد | مذکر | واحد | مذکر |
|---|---|---|---|
| لنگ (کلیٔک) | لنجہِ | ٹنگ | ٹانجہ |
| مَٹھ | مچہ | اوٗن | أنی |

۱۱ • کینٛہہ ناوٕتی چھِ جُمع باسان مگر چھِ دوشوٕنی صورژن منز ورتاونہٕ یوان مثلن ۔ اتھ، کلہٕ، ناٹہٕ، مائہٕ، دود، آب، پلو، روٗد، نوٗن، ماز۔

۱۲ • کینٛہہ لفظ چھِ واحد آسنکھ باس دِتھ جمع آسنکھ مفہوم پیش کران مثالے۔ ڈوٹھ، اوٗبُر، اوٗش، شین، مجلس، لأن، لُکھ، فوج، کھیوٗل، ون، کھیٚج، أتھر، قوم، قافلہٕ، کاروان۔

ووں چھُ کأنٛسہ بن واحدتہٕ جمع لفظیاتن یا ناوتین ہُنٛد اکھ فہرست پیش مثلن۔

| واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|
| اثر | آثار | اڈٕ ڈز | اڈٕ دز |
| بوٗک | بوٗکر | اوول | ألی |
| اوٗن | أنی | اڑکوٗل | اڈٕ کلی |
| بوے | بأے | اوس | أسی |
| ال | الہٕ | ارچوکھ | ارچأکھی |
| بوٗن | بُنی | اڈٕ پھوٗل | اڈٕ پھٔلی |
| انھوٗر | أنہری | آچھر | آچھری |

| | | | |
|---|---|---|---|
| بَچھۆر | بچاُری | اڑدوڈ | اڑدئری |
| اوڈر | اُدرِی | آگُر | آگر |
| ببگار | ببگاُری | اڑزوٗمُت | اڑزٕمتی |
| اڑگوٗر | اڑگرِی | اُڈِج | اُڈجہِ |
| اوٗژھ | اُژھی | اڈم | اڈمہٕ |
| اڑپھُج | اڑپھوجہِ | اُنٹ | آنِچہ |
| اوٗنگج | اوٗنگجہِ | اڑکھوٗل | اڑکھٗلی |
| آتھر | آتھِر | آواز | آوازٕ |
| اُل | اُلہِ | اوٗر | اُری |
| بوٕتل | بوٕتلہِ | بےسوٗم | بےسوٗمی |
| بوٗڈ | بُڈی | بیوٗر | بیاُری |
| بروٗنتھ | براُنتھی | بیُل | بلہٕ |
| بُطھ | بَطھ | پُن | پنٕز |
| بیوٗتھ | بیُٹھی | بُک (اوٗش بُک) | بُکہٕ |
| بُنیل | بُنِلی | بوٗنی | بونہِ |
| پوٗرمُت | پُرِژمتی | پَشر | پَشرِ |
| پتج | پتجہِ | پھیوٗک | پھیکی |
| تمر | تمہ | تگاُری | تگارِ |
| تھالی | تھالہِ | تھوٗب | تھوٗبہ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| تھۆنگ | تھۆنگۍ | بَس | بَسہٕ |
| بانگُر | بانٛگرٕ | بُتھ | بُتھۍ |
| بُم | بُمہٕ | بُہر | بُہرۍ |
| بۆرُت | بٲرتۍ | پراژ | پرإژ |
| پکھ | پکھہٕ | کاشُر | کأشرۍ |
| پاتھُن | پاتھنۍ | پٕتُر | پٕترۍ |
| ترٛٹھ | ترٛٹہٕ | تُج | تُجہٕ |
| تھپ | تھپہٕ | تھۆد | تھٔدۍ |
| تھۆمب | تھۆمۍ | تھۆس | تھۆسۍ |
| ٹۆر | ٹۆرۍ | ٹۆپ | ٹۆپہٕ |
| ٹیۆنڈ | ٹیٛنڈۍ | ٹھُل | ٹھإلۍ |
| ٹوٗٹھ | ٹٲٹھۍ | ٹوٗج | ٹوٗجہٕ |
| گوٗج | گوٗجہٕ | کۆٹ | کٔٹۍ |
| گٔٹ | گٔچہٕ | مٔژ | مَژ |
| موٗنگُر | موٗنگرٕ | موٗنگُر | موٗنگرٕ |
| ہۆت | ہٕتۍ | | |

## حالتھ case

جُملس منٛز ناوُک یا ضمیرُک گُنہِ بێیِس لفظس ستۍ تعلق آسنس چھِ حالتھ

ونان۔ حالتھ (Case) چھےٚ جُملس منٛز ناوِتس تہٕ اشارٕ ناوِتس کراوتہِ مطابق بدلان۔ یِمہٕ حالژٕ چھےٚ مختلف زبانن منٛز مختلف۔ کینٛہہ حالژٕ چھےٚ مشترکہ یِمہٕ سارنے زبانن منٛز ہشے چھےٚ۔ ہِند یورپی زبانن منٛز چھےٚ یِمہٕ حالژٕ ژور، پانژھ، شہ، ستھ تہٕ کینٛژن منٛز اَمہِ زیادٕ تہٕ[1]۔

حالژن ہِندی قسم Kinds of case :- کأشرِ زبأنی منٛز چھِ زیادٕ تریم حالژٕ استمال سپدان۔

۱ . ناوِتی حالتھ (Nominative case)

۲ . کراوِتی حالتھ ( Ergative case)

۳ . کرووٕہتی حالتھ (Dative case)

۴ . مِلکیتھ حالتھ (Possessive case)

۵ . آوازٕ حالتھ (Vocative case)

۶ . وسیلی حالتھ (Instrumental case)

۱۔ <u>ناوِتی حالتھ</u>:- یہ چھےٚ سو حالتھ یتھ منٛز ناوُت یا اشارٕ ناوُت کراوِتس ستی واٹھ چھُ ہاوان مثالے۔

۱۔ لڑکہٕ چھُ پکان۔ ۲۔ سُہ چھُ پران۔

یِمن جملن منٛز چھُ "لڑکہٕ" تہٕ "سُہ" لفظ، "چھُ پکان" تہٕ "چھُ

---

[1] جارج ابراہیم گریرسن چھُ کأشرِ زبأنی ہنٛزن ناوِتی حالوٚن ہُنٛد تعداد ژور لیکھان۔ پروفیسر شفیع شوق، ناجی منور تہٕ پروفیسر بی بی کاچرو تہِ چھُ یہُنٛد تعداد ۵ تے لیکھان۔ پروفیسر او این کول تہٕ کاشی ولی تہِ چھِ ژورن بُنیأدی حالوٚن ہنٛز ذکران۔ تاہم چھِ تم ہیٚنہٕ اُرکس یعنی Vocative حالوٚکن اشارٕ کران۔ یِیلہِ زَن ڈاکٹر روٗپ کرشن بھٹ Vocative حالتھ منسأوِتھ Sociative, instrumental تہٕ Locative حالژن ہُنٛد اضافہ چھُ کران۔

پران'' کراوتمن ءستی واٹھ ہاوان۔

۲ ۔ کرإوتی حالتھ:۔ کرإوتی حالتھ چھِ تتھ وَنان یتھ منز ناؤت یا اشارِ ناؤت کأم کرِنکس حالتس منز آسہِ۔ مثالے

۱۔ تمی پرٕ کتاب ۔ ۲ ۔ بےٚ پرٕ کتاب ۔

اشارِ ناؤت ''تمی'' چھُ ''پرٕ'' تہٕ ''بےٚ''، پرٕ، کس حالتس منز۔

۳ ۔ کرووٕمتی حالتھ:۔ کرووٕمتی حالتھ چھےٚ ناوِچ یا اشارِ ناوِچ سو حالتھ یتھ منز ناؤت کُنہِ کراوتیک کرووُمت بَنہِ یعنی ناوتہِ ذُریعہ چھےٚ کانْہہ نتہٕ کانْہہ کأم شروع سپدان۔ مثالے

۱۔ تمی وڈٕن میٚہ ۔ ۲ ۔ اَسہِ دِژ تمِس گرٕ۔

یِمن جُملن منز چھُ 'میٚہ' تہٕ 'تمِس' کرووٕمتی حالتس منز۔

۴۔ مِلکیتھ حالتھ:۔ مِلکیتھ حالتھ چھِ تتھ وَنان یتھ منز ناؤت یا اشارِ ناوت کُنہِ چیزٕچ مِلکیتھ ہاوان آسہِ۔ مثالے

۱۔ یہٕ چھُ میون سایکل۔ ۲۔ یہٕ چھےٚ میأنی کتاب۔

یِمن جُملن منز چھُ ''میون'' تہٕ ''میأنی'' لفظ مِلکیتھ حالَس منز۔

۵۔ آوازِ حالتھ:۔ اتھ حالتس چھِ مخاطب ناؤت تہِ وَنان۔ کأشرِس منز چھےٚ یِمہِ حالتہٕ ناوٕ تس گوڈٕ تہٕ پتہٕ تہِ ورتأونہٕ یِوان۔ مثلن

۱ ۔ ہتہٕ حض توہہِ کوٚت گژھن۔

۲ ۔ توہہِ مہراہ کوٚت گژھن۔

۳۔ ہتہٕ سہہ نیرِتہٕ ووٚنی۔

۴ . سہٕ آو۔

یِمن جُملن منز چھُ ہتہٕ حضٕ، توہہِ مہرا، ہتہٕ سہ، تہٕ آولفظ آواز یا مخاطب حالتہٕ۔

۶ . وسیلی حالتھ :- وسیلی حالتھ چھِ تتھ وَنان یتھ منز ناوتہٕ حرکت کراوتکِس ماخذس ءستی وابستہٕ آسہِ۔ مثلن

۱ . تِمو مورٕ شُراکہِ ءستی کوٗکُر۔ ۲ . سہٕ اوس ماَمس ءستی۔

۳ . میانہِ ڈٔسی ووتُے ژےٚ تکلیف۔ ۴ . اَسہِ کوٗرُے ژےٚ نوقصان۔

یِمن جُملن منز چھُ شُراکہِ ءستی، ماَمس ءستی، میانہِ ڈٔسی تہٕ اَسہِ کوٗرُے، وسیلی حالتھ۔

لگہٕ رٹنہٕ ءستی تہٕ چھیہٕ ناوِتی حالوٗن منز تبدیلی یوان۔ مثالے

گوٗبُر، گوٗ برس، گوٗ برن، گوٗ بروبیتر۔ مام، ماَمس، ماس تہٕ ماسُو۔

باوِتی (صفتی) ناوتی چھِ لگہٕ رٹنہِ ءستی حالتھ بدلاوان مثلن

کرٛہُن، کرٛہنی، کریہنہِ، کرٛیہنیو، کرٛیہنمن بیتر۔

○

مشق کٔرِو:-

۱ . حالتھ کتھ چھِ وَنان۔ ناوِتی حالتہٕ وضاحت کٔرِو۔

۲ . یِمن جُملن منز کُس لفظ چھُ ملکیتی حالتس منز۔

میون، میانٔی، سون، سانہِ تہٕ چانٔی۔

۳ . میانہِ ءستی، میانہِ ڈٔسی، حمیدنہِ ءستی تہٕ شُراکہِ ءستی لفظ کوسہٕ حالتھ چھِ ظاہر کران۔

۴ . یِمن منز کٔرِو آواز حالتہٕ الگ۔

ہتہٕ حضٕ، ہتہٕ نٔی، ہتہٕ ہہ، ہیو تانہِ سہ، بکیس۔

## اشارٕ ناوِتکۍ قسم Kinds of pronouns

اشارٕ ناوِتی چھِ وٚنٛژھی پوٚژھی پاٛٹھی یِمن قسمن ہٕنٛدی:-

۱ . شخصۍ اشارٕ ناوُت (Personal pronoun)

۲ . ہاوُن اشارٕ ناوُت (Demonstrative pronoun)

۳ . بےٚ شبٕہ اشارٕ ناوُت (Indefinite pronoun)

۴ . رلاوَن اشارٕ ناوُت (Relative pronoun)

۵ . پرژھن اشارٕ ناوُت (Interrogative pronoun)

۶ . بأگرن اشارٕ ناوُت (Distributive pronoun)

۷ . مِلکیتی اشارٕ ناوُت (Possessive pronoun)

۸ . ہیُو اشارٕ ناوُت (Reflexive pronoun)[1]

### ۱ . شخصۍ اشارٕ ناوُت Personal pronoun :-

شخصۍ اشارٕ ناوُت چھُ جُملس منٛز کراوِل (فاعل) جاے رٹان۔ مثلن

۱. مےٚ کھیوٚو بتہٕ۔ ۲. مےٚ پوٚر سبق

یِمن جملن منٛز چھُ لفظ ''مےٚ'' کراول یُس بتہٕ کھینٛچ تہٕ سبق پرٕنٛچ کأم انجام دِوان چھُ۔ لفظ ''مےٚ'' چھُ بُنیأدی اشارٕ ناوُت یُس شخصٕ سِنٛدِ بدلہٕ استعمال سپدان چھُ۔ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھِ شخصۍ اشارٕ ناوِتی ترٕ قسمی:-

---

[1] ٹی، آر، وید چھُ یِمن اشارٕ ناوتن ہُنٛد تعداد کہہ'' لیکھان۔ یِمہ منٛز سہ ہیٚرِ مِسو اشارٕ ناوتو علاوٕ مرکب اشارٕ ناوُت (یُس کانٛہہ، یُس کانٛسہِ ہُنٛد، یُس کانٛسہِ)، باوُت اشارٕ ناوُت (یِتھ، تیٚتھ، کیٚتھ، کوٚت) تہٕ شأمل چھکھ یِمہٕ چھ پرٛزٕ ناوِک اشارٕ ناوتِ، کأشرِ زبأنۍ منٛز گاہے استعمال گژھان۔

١۔ بہٕ تہٕ اَمِچ حالتھ۔

٢۔ ژٕ تہٕ اَمِچ حالتھ۔

٣۔ سُہ تہٕ اَمِچ حالتھ۔

یِمہٕ اشارٕ ناوِتی حالتھ چھےٚ یتھہٕ پأٹھی ورتاونہٕ یوان۔

١۔ قرٖیب اشارٕ ناوِتی حالتھ۔ مثالے۔ یہِ، یِم، یِمہٕ۔

٢۔ دوٗر............ مگر نظرن تل۔ مثلن۔ ہُہ، ہم، ہُمہٕ۔

٣۔ دوٗر............ مگر نظرو ڈٲلتھ۔ مثلن سُہ، سو، تِمہٕ۔

شخصہٕ اشارٕ ناوٕت چھُ وأحد (اوٚکُن)، جمع (دوٚکُن)، نَر (مُذکر) تہٕ مادٕ (مونث) تہِ آسان یِمو مُطأبِق یِہنز حالتھ بدلان چھیہ۔ یِہُنٛد استمال چھُ یتھہٕ پأٹھی سپدان:-

| حالتھ [1] | أکِم شخص | | دوٚیم شخص | | ترٛیم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | وأحد (اوٚکُن) | جمع (دوٚکُن) | وأحد (اوٚکُن) | جمع (دوٚکُن) | وأحد (اوٚکُن) | جمع (دوٚکُن) |
| کراول حالتھ [2] | بہٕ | أسی | ژٕ | تُہی | سُہ، سو، ہُہ | تِم، تِمہٕ، ہُم، ہُمہٕ |
| کروٗ مٕتی حالتھ [3] | مےٚ | أسہِ | ژےٚ | توہہِ | تٔمی، تَمہِ، ہُمی، ہُمہٕ | تِم، تِمو، ہُمو |

[1] حالتھ گیہ تعلق اَسُن یُس کُنہِ لفظُک ناوٕتس یا اشارٕ ناوتس سٕتی۔ مثلن ٹُھبِکُن پٕر کتاب۔ لفظ پٕر چھُ ٹُھبنس تہٕ کتابہِ درمیان تعلق ہاوان۔ انگریزی پأٹھی چھِہ حالتھ کیس (Case) وَنان۔

[2] کراول حالتس چھِہ انگریزی پأٹھی نامہِ نیٹو (Nominative case) تہٕ فارسی کیو اُردو پأٹھی فاعلی حالتھ وَنان۔

[3] کروٗ مٕتی حالتس چھُ فارسی ناو مفعولی حالتھ تہٕ انگریزی پأٹھی چھِس (Objective case) وَنان۔

| | | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| مِلکیو حالتھ[۱] | میون، میأنی، میانہِ میأنی۔ | سون، سأنی سانہِ، سانے۔ | چون، چأنی، چانہِ، چانے۔ | تہُنْد، تُہنٛدی تہنز توٚہنزٕ۔ | تُمی سُنْد، تُمی سٕنز، تُمی سٕنزٕ، ہُمی سٕنز، ہُمی سٕنزٕ۔ | تہُنْد، تمن ہُنْد، ہُمن ہُنْد، ہہُنْد، تمن ہنز، تمن ہنزٕ ہُمن ہنزِ، ہُمن ہنزٕ۔ |

۲ ۔ ہاون اشارٕ ناوُت (Demonstrative Pronoun):-

تتھ اشارٕ ناوِ تس یُس شخصس، چیزس یا جایہِ کُن اشارٕ کرِ، چھِ ہاون اشارٕ ناوُت وَنان۔ اَمہِ قسمکی اشارٕ ناوِتی چھِ یم:- یہِ، یِم، ہُم، ہُہ تہٕ ہو بیترِ۔ مثلن

۱ ۔ یہِ چھےٚ میأنی کتاب۔ ۲ ۔ یہِ چھا چأنی کتاب۔

۳ ۔ یِم چھےٚ میانہِ کتابہٕ۔ ۴ ۔ یِم چھا چانہِ کتابہٕ۔

یہِ تہٕ یِم لفظ بیترِ چھِ حأضر چیزن کُن اشارٕ کران ییٚلہِ زَن ہُہ تہٕ ہُم لفظ دوٗر چیزن یا شخصون کُن اشارٕ چھِ کران۔ مثلن

۱ ۔ ہُہ چھُ چون قلم۔ ۲ ۔ ہُہ چھا چون قلم۔

۳۔ ہُم چھِ چأنی کوکر۔ ۴۔ ہُم چھا چأنی کوکُر۔

یہِ، یِم، یِمہٕ، ہُہ، ہُمہٕ تہٕ ہُم لفظ چھِ أکی جُملس منٛز تہِ ورتاوُنہٕ یوان تاہم چھُیہ اتھ جُملس زٕ چھلہٕ آسان۔ اکھ گیہِ جُملچ موٗلہٕ چھٕل تہٕ دوٚیم گیہِ ماتحت جُملہ چھٕل۔ مثلن

---

[۱] ملکیو حالتھ چھیہ انگریزی منٛز پوزیسیو (Possessive case) حالتہٕ زٕکی زانُنہٕ یوان۔

۱ . یہِ چھےٚ میأنی کتاب بتہٕ ہو چھےٚ چأنی ۲ . یہِ چھُ میوٚن قلم تہٕ ہُہ چھُ چون ۔
یِمن ہاوِن اشارٕ ناوتَن ہُند جنس چھُ ڈٔکھی کراو تہٕ تلہٕ فکرِ تران ۔ وُچھی تو
ہیٚر مِلن جُملن منٛز ۔ چھےٚ ، چھُ ماد تہٕ چھُ ، چھُ نَر ہاون اشارٕ ناوتس کُن اشارٕ ۔

۳ . بےٚ شقہٕ اشارٕ ناوُت (Indefinite pronoun):-

بےٚ شقہٕ اشارٕ ناوُت چھُنہٕ کأنسہ خاص شخصس یا چیزس کُن اشارٕ کران تِکیازِ
اَتھ منٛز چھِ بیشتر اشارٕ ناوتی غارٕ واضح آسان ۔ مثلن

کانٛژھا، کانٛہہ ، سأری ، کہنٛے ، کأنٛسہِ ، کینٛژٕ ن ، دوشوے ، کَتی ، کِتیاہ ، کم ،
وارِیاہ ، باقٕے ، ہر کانٛہہ ، اکھ تہٕ بیاکھ ۔ یِہُند استعمال چھُ یتھہٕ کُنی سپدان :-

۱ . کانٛژھا ہے میٚہ وَنہٕ ہے زِ تتہِ کیٛاہ گوو ۔

۲ . سأری ما چھِ خرابے ، کانٛہہ چھُ جان تہٕ آسان ۔

۳ . سأری گیہِ پانس پانس ، أسی رُو دی وُچھان ۔

۴ . کہنٛے چھُنہٕ دِلچسپی سان کأم کران ۔

۵ . کأنٛسہِ گرٕ ھِہ نہٕ کَنٛس کُن خبر لگنی ۔

۶ . کینٛژٕ ن دیٛتنٛ تو رَ ے آلو ۔ ۷ . شاید چھِ دوشوَ ے لاپتہ ۔

۸ . ییٚتہِ گیہٕ کَتی اتھہٕ ہاوان ۔ ۹ . کِتیاہ لگن چانہِ بلایہِ ۔

۱۰ . کم کم جانانہٕ رُودی نہٕ ۔ ۱۱ . وارِیاہ پیوٚ وہسگُن ۔

۱۲ . باقٕے زانہِ دَ ے ۱۳ . ہر کانٛہہ چھُ انسانٕے ۔

۱۴ . اکھ چھُ ژٔٹان سُم تہٕ ساس چھُ گرٕ ھان کولہِ ۔

۴ . رلاون اشارٕ ناوُت (Relative pronoun):-

رلاوَن اشارٕ ناوُت چھِ تِمن ناوتَن ونان یِم دون جُملن یا جُملہٕ چھلن

پانہٕ وٲنۍ ٲشنٲیی ہاوان چھِ یا رلاوان چھِ۔ یِمہِ کِنۍ یِمن رلاون اشارٕ ناوٕتی ونان چھِ۔ رلاون اشارٕ ناوٕتی چھِ اکثر پٲٹھی ناوٕتس یا اشارٕ ناوٕتس پتہٕ یوان۔ رلاون اشارٕ ناوٕتی چھِ یِم۔ مثلاً

یُس، یَس، یِم، یِمہٕ، تیٚمی، تیٚمِس، تیٚمی سُنٛد، تیٚمی ہٕنٛدی، یُسٕنٛد، یَسٕنٛدی، تیٚمی سٕنٛز، یوس، یوسہٕ، تیٚمی سٕنٛزٕ تہٕ یتھ بیترِ۔

یُس، یَس، یِم، یِمہٕ تہٕ یِمۍ بیتر رلاون اشارٕ ناوٕتی چھِ کراول حالژ (Nominative case) منز۔ مثلن۔

۱۔ سُہ ژۆنٹھ اوس نہٕ مۆدُر یُس ژٕ راتھ اَوُنتھ۔

۲۔ ژٕ کۆرُتھ تَس پیٹھ بھروسہٕ یَس پیٹھ نہٕ کانٛسہ پَژھ چھےٚ۔

۳۔ ژٕ چھکھ تِمے کارکران یِم نہٕ کرنۍ گژھن۔

۴۔ میہ کرٕ ونیوم ژٕ یِمہٕ وِرِ چھنہٕ ژِنس لگان۔

۵۔ سُہ کیاہ زانہٕ اسلام تیٚمی نہٕ زانہہ مُشدِ ہُنٛد درواز ےٕ ڈُچھ۔

۶۔ یہ چھنہٕ سو یوسہٕ مُوہٕش آسان چھےٚ۔

یُس، یَس، تیٚمی، تیٚمِس تہٕ یوسہٕ چھِ اۆگنٕ تہٕ زوزٲ ژَن کیٛو بے زُوزٲ ژَن خٲطرٕ چھِ استمال سپدان یِیلہِ زَن یُس کَر تہٕ یوسہٕ تہٕ یِمہٕ ماہٕ خٲطرٕ ورتاونہٕ یوان چھِ۔ البتہٕ چھُ یَس تہٕ تیٚمی جنسہٕ مطابق دوشوٕنی صورژن منز استمال سپدان۔ تتھے کِن چھُ یِم تہٕ یِمہٕ دۆگنی ورتاونہٕ یوان۔

یِہُنٛد، یِمن ہُنٛد، تیٚمی سُنٛد، تیٚمی ہٕنٛدی، یُسٕنٛد، یَسٕنٛدی، یِمن ہٕنٛز، تیٚمی سٕنٛز، تیٚمی سٕنٛزٕ، یِہنٛزٕ، یِہنٛزٕ بیتر یِم آسی لفظ چھِ ملکیتی حالژ (Possessive case)

مثلن

۱ ۔ سُہ نفر یُسُنْد ژ ونان اوسکھ۔

۲ ۔ یِم چھِنہٕ تِم لُکھ یِمن ہُنْد ژ ٔ ے شک چھے۔

۳ ۔ سُہ چھُ یُورِ پکان تیٚمی سُنْد ونان اوٚسسے۔

۴ ۔ سُے چھُ جلگھا نا تہٕ تیٚمی سندی شُری چھِ۔

۵ ۔ سُہ واتہِ از ضرور یُسُنْد میٚہ انتظار چھُ۔

۶ ۔ تِمی کرنہٕ اکھ کتھ تہٕ یِسندی یِم پکو چھِ۔

یِم رلاون اشارٕ ناوٕتی چھِ تیداد تہٕ جنسہٕ رٕنگی تہٕ بدلان۔

تیٚمِس ، یِمن تہٕ یتھ بیترِ رلاون اِشارٕ ناوٕتی چھِ کرووٕمتی حالتس (Objective case)منز ۔ مثلن۔

۱ ۔ اُمی لُرکن نیہِ میٚہ کتاب تیٚمِس یہ ووزل پتلون چھُ۔

۲ ۔ یِمے چھیٚ تِمہٕ وتہٕ یِمن کُن میٚہ وُچھنس ووندٕ چھِنہٕ یوان۔

۳ ۔ یہِ چھیٚ سوے کتاب یتھ منز وہاب کھارُن بأتھ "ہاشیر سوارو" چھپیومُت چھُ۔

۴ ۔ تس گرٕ ھہِ نہٕ دَکہ دِیُن یُس یتیم آسہِ۔

۵ ۔ تتھ کتھہِ گوٕھہِ نہٕ پارٕ ے دِنی یتھ منز نہٕ بجأیی آسہِ۔

کرووٕمتی حالتہٕ (Objective case)منز چھِنہٕ یِم رلاون اِشارٕ ناوٕتی جنسہٕ لحاظ بدلان۔تاہم چھُ یِمن منز تعداد رٕنگی بدلاوِیوان۔

۵ ۔پرژھن اشارٕ ناوٕت (Interrogative pronoun) :-

پرژھن اشارٕ ناوٕت گوٚ سُہ یتھ منز شخٕص یا شخٕصن کراول (Nominative)،

ملکیژ (Possessive) تہٕ کروٕہتی (Objective) حالژ (Case) مطأبق سوال

پرٕ ژھنہٕ یِن مثلن۔

۱۔ ژٕ کُس چھُکھ۔ ۲۔ یہِ کٔمی ہنز کتاب چھےٚ۔ ۳۔ یہِ گُرکُسُنْد چھُ۔

کُس چھُ کراول، کٔمی ہنز ملکیژ تہٕ کٔمی سُنْد چھُ کروٕہتی حالتس منز۔ تِتھے پأٹھی

چھِ کیٛاہ تہٕ کِمس تہٕ پرٕژھن اشارٕ ناوٕتی۔ یِہُنْد ورتاو یِتھ پأٹھی چھُ

سپداِن۔ مثالے

۱۔ تمِس کیٛاہ چھےٚ روٗ وُمت۔ ۲۔ ژےٚ کِمس اتھِ سوزُتھ بتہٕ۔

یِم پرژھن اشارٕ ناوٕتی چھِ جاندارن خأطرٕ ورتاونہٕ یِوان۔ ماسوایہِ کیٛاہ، یُس

دوشوٕنی ہِنْدِ خأطرٕ ورتاونہٕ چھُ یِوان یعنی جاندار تہٕ بے جان چیزن ہِنْدِ

باپتھ تہٕ۔

## ۶۔ بأگرن اشارٕ ناوٕت (Distributive pronoun):-[۱]

بأگرن اشارٕ ناوٕتی چھِ تِم یِم پرٕتھ کأنسہِ نفرٕ ہِنْد یا چیزٕ باپتھ الگ الگ

ورتاونہٕ چھِ یِوان۔ مثلاً پرٕ بتھ، پرٕتھ کانْہہ، پرٕ بتھ اکھاہ، پرٕ بتھ کینْہہ،

کہٕنْہ، دوشوٕے، کانْہہ، سأری، اکھ، پرٕ بتھ کانْہہ نفر، پرٕ بتھ کانْہہ چیز بیترِ۔

بأگرن اشارٕ ناوتِمن ہُنْد استعمال چھُ یِمن جُملن منز کرنہٕ آمُت۔ مثالے

۱۔ پرٕ بتھ:- پرٕ بتھ کأنسہِ پرٕ ہِنْس وطنس لول برُن۔

۲۔ پرٕ بتھ کانْہہ:- پرٕ بتھ کانْہہ انسان چھُ دیٖن بنوٗمُت۔ پرٕ بتھ کانْہہ اوس

پیاران۔

---

[۱] بأگرن اشارٕ ناوتیچ ذِکرنہٕ چھےٚ پروفیسر شفیع شوق، تاجی مُورتہ نہٕ ڈاکٹر بشیرن کرٕہو۔

۳ . پڑ بتھ اکھاہ :- پڑ بتھ اکھا لوگ پننس پننس مثلس سٟنزِ ۔

۴ . پڑ بتھ کینٛہہ :- تٔمس اوس پڑ بتھ کینٛہہ آیتین، تٔمی پوٚرنہٕ توتہٕ ۔

۵ . کہنٛے :- تتہٕ چھُنہٕ دہ ہلہٕ کہنٛے آسان ۔ کہنٛے چھُنہٕ توریوان ۔

۶ . دوشوٗ ۔ ے :- دوشوٗ ے اٚسی یوٗری آمتۍ ۔ میٚہ ووٚن دوشونی الگ الگ ۔

۷ . ساٚری :- از گٔژھو ساٚری نہمازِ ۔ تتہٕ چھِ ساٚری پران ۔

۸ . اکھ :- اکھ تہٕ آونہٕ از یور ۔ چانیو دوستو منٛزٕ ۆ چھنہٕ میٚہ اکھ تہٕ ۔

۹ . پڑ بتھ کانٛہہ نفر :- تتہٕ اوس پڑ بتھ کانٛہہ نفر کاٚم کران ۔

۱۰ . پڑ بتھ کانٛہہ چیز :- پڑ بتھ کانٛہہ چیز چھُ اصل پاٚٹھی کمرس منٛز ۔

## ۷. مِلکیتی اشارٕ ناوٗت (Possessive pronoun)[۱] :-

یُس اشارٕ ناوٗت ماٚلکانہٕ حقوق یا مِلکیتھ ہاوِ یا اَمہِ خاطرٕ استعمال یِیہِ کرنہٕ، تتھ چھِ مِلکیتی اشارٕ ناوٗت ونان ۔ مثلن میون، چون، سون، تٔہنٛد، تُہُنٛد، یہُنٛد بیترِ ۔ جُملن منٛز چھُ مِلکیتی اشارٕ ناوتن ہُنٛد استعمال ناوتیو (Nouns) پتہٕ سپدان ۔ مثلن

| | |
|---|---|
| ۱ . میون : یہِ سائیکل چھُ میون ۔ | ۲ . یہِ قلم چھُ میون ۔ |
| ۲ . چون : ہُہ مکانہٕ چھُ چون ۔ | ۲ . سُہ قلم اوس چون ۔ |
| ۳ . سون : یہِ زمین چھُ سون ۔ | ۲ . یہِ گُل چھُ سون ۔ |
| ۴ . تٔہنٛد : سُہ قلم چھُ تٔہنٛد ۔ | ۲ . یہِ دُکان چھُ تٔہنٛد ۔ |
| ۵ . تُہُنٛد : یہِ مکانہٕ چھُنہٕ تُہُنٛد ۔ | ۲ . سُہ قالین چھا تُہُنٛد ۔ |

---

[۱] مِلکیتی اشارٕ ناوِتچ ذکر نہ چھ پروفیسر شفیع شوق تہٕ ناجی منور نہٕ دوکرِ تشریح کٔرمِژ ...

۶۔ یِہُنٛد :- یہِ پیالہٕ چھُ یِہُنٛد۔ ۲۔ یہِ کوکُر چھُ یِہُنٛد۔

میٲنۍ، چٲنۍ، سٲنۍ، تِہنٛدی، تِہنٛزٕ، یِہنٛز بیترٕ ملکیتی اشارٕ ناوِتی چھِ ناوتو

(Nouns) بروٚنٛہہ استمال یوان کرنہٕ۔ مثلاً۔

۱۔ یہِ چھیٚہ میٲنۍ کتاب۔ ۲۔ یہِ چھُ سون باغ۔

۳۔ یِم چھِ سٲنۍ گٕلۍ۔ ۴۔ یِم چھِ تِہنٛد پلو۔

۵۔ یِمہٕ چھےٚ تِہنٛزٕ گاو۔ ۶۔ یِمہٕ چھیٚہ یِہنٛزٕ ژھاوجہِ۔

یِم مِلکیتی اشارٕ ناوِتی چھِ ناوتو بروٚنٛہہ استمال سپدنہٕ کِنۍ ملکیتی باوِتی بنان۔

۸۔ ہیٚوٕ اشارٕ ناوٕت (Reflexive pronoun) :-

ہیٚوٕ اشارٕ ناوٕت چھِ تتھ لفظس ونان یُس پننہِ پانہٕ (Self) خٲطرٕ ورتاونہٕ چھُ

یِوان تہٕ یُس کراولہٕ سُنٛد ہو بہ ہُو عکس پیش کرِ۔ مثالے

پان، پنٕن پان، پننہٕ پانہٕ، پانہٕ تہٕ أسی پانہٕ بیترٕ۔

یِمن جُملن منٛز وُچھو یِم ہیٚوی اشارٕ ناوِتی :-

۱۔ میٚہ وُچھ پان شیشس منٛز۔ ۲۔ ژٕ سَن پننِس پانس۔

۳۔ میٚہ وُچھِ پننہِ پانہٕ۔ ۴۔ تتہِ اوس سُہ پانہٕ حاضر۔

۵۔ أسی چھ پانہٕ حٲران۔

مشق کٔرِو:-

۱۔ شیٚنٛژھ اشارٕ ناوٕت کُون قِسمن ہُنٛد چھُ۔ وضاحت کٔرِو۔

۲۔ ہاوِن اشارٕ ناوِتہٕ تہٕ بےٚ نیٚہہٕ اشارٕ ناوِتی کٔنٛدو یوٚن یٚون:

کانژھاہ، یہِ، سأری، کأنسہِ، یِم، ہُم، دوشوَ ے، کِتی، کم، ہُہ، باقے بیترِ۔

۳ . یَس، یِمہِ، تیمؠ، یُسٕند تہٕ یوسہٕ کم ناوِتی چھِ۔

۴ . کُس، کَمؠ تہٕ کسٕند چھِ پرٛژھن اشارٕ ناوِتی۔ یِم گرُوکھ جُملن منٛز استمال۔

۵ . پرٛ بتھ، پرٛ بتھ کانٛہہ تہٕ کینٛہہ کم اشارٕ ناوِتی چھِ۔

۶ . میون، چون تہٕ تُہُنٛد چھِ مِلکیتی اشارٕ ناوِتی، یِم گرُوکھ جُملن منٛز استمال۔

۷ . پٔنُن پان تہٕ أسی پانہٕ، کم اشارٕ ناوِتی چھِ۔

## کراوِتکۍ قسم Kinds of verbs

کراوِتی چھِ دوٕیہٕ قسمکی۔

۱ . رُکہٕ وِنی کراوِتی (Intransitive verbs) ۲ . ترٕوِنی کراوِتی (Transitive verbs)

۱ . رُکہٕ وِنی کراوِتی (Intransitive verbs):- تِمن کراوِتین (verbs) یِمن منٛز نہٕ کراوِلچ (Subject) کانٛہہ حرکتھ کُنہِ بیٚیس چیزس یا شخٕصس کُن ترِ، چھِ رُکہٕ وِنی کراوِتی ونان۔ مِثالے

۱ . ہوٗن چھُ ووران۔ ۲ . دانہِ چھُ پیَان۔

۳ . روٗد چھُ پیوان۔ ۴ . سُہ چھُ کھسوان۔

رُکہٕ وِنین کراوِتین چھنہٕ کروومتھ (Objects) ضروٗرت آسان۔

۲ . ترٕوِنی کراوِتی (Transitive verbs):-

تِم کراوِتی (Verbs) یِمن منٛز کراوِلچ (Subject) حرکتھ بیٚیہِ کُنہِ چیزس یا

شخصس گُن ترِ، پھِ ترٕونی کراوٕتی مانٕنہٕ یوان۔ مثلن

۱ . محمود چھُ گُتہٕ زارس گِنداں۔ ۲ . سُہ چھُ بتہٕ کھوان۔

۳ . ژٕ چھکھ مشق لیکھان۔ ۴ . احمد چھُ آب ساران۔

یِمن جُملن منٛز چھِ محمود، سُہ، احمد تہٕ ژٕ کراول یِہنٛز حرکتھ چھیٚہ باقے چیزن یعنی گُتہٕ زارس، بتہٕ، آبس تہٕ مشقہِ گُن ترٛان۔ یِم ژوشوے لفظ چھِ کرووِمتی حالتس منٛز۔

کُنہِ وقتہٕ چھِ کینٛہہ ترٕونی کراوٕتی، رُکہٕ وٕنی کراوتین ہٕندی پأٹھی استمال سپدان۔ مثالے۔

ترٕونی کراوٕتی (Intransitive verbs) رُکہٕ وٕنی کراوٕتی (Transitive verbs)

۱ . سُہ چھُ گربکہٕ ناوان آب۔ آب چھُ گربکان۔

۲ . اَسہِ کھیٚیہٕ ژوٚٹ۔ اَسی چھِ زندٕ روزنہٕ خاطرٕ کھوان۔

۳ . سُہ چھُ ماران ماز۔ تمی مور ماز۔

تِتھے پأٹھی چھِ باضے رُکہٕ وٕنی کراوٕتی تہٕ ترٕونین کراوتین ہٕندی پأٹھی استمال سپدان۔ مثلاً

۱ . ہوٗن دوٗر یو پٕنچھِ وِنِس پتہٕ۔ ۲ . تِم اَسی اَسہِ ڈُھتھ اَسان۔

۱ . کراوتیُک (Verb) تعلق کراولس (Subject) سٕتی: کراوٕت گژھِ کراولس سٕتی تیداد تہٕ جنسہٕ رٕنگی برابر تعلق ہاوُن۔ تہٕ زَن گوٚو اگر کراول اکھ گُن آسہِ، کراوٕت تہٕ گژھِ اکھ گنٕے آسُن۔ اگر کراول دوٚ گُن آسہِ، کراوتیُک دوٚ گُن آسُن تہٕ چھُ ضروری۔ مثلن

۱ . حمید چھُ پکان۔ ۲ . تِم چھِ پکان۔ ۳ . تمہٕ چھےٚ پکان۔

۴ . حمید چھُ کھیوان۔ ۵ . تِم چھ کھیوان۔ ۶ . تمہٕ چھےٚ کھیوان۔

۲ . اگر زٕ یا دوٕ یو کھوتہٕ زیادٕ کراول (Subject) یا ناوِ تی ، تہٕ (and) لفظٕ ستی رلاونہٕ یِن تیلہِ چھُ کراوُت دوٚگُن (Plural) بنان۔ مثلن

۱ . جاوید تہٕ کامہٕ دیو چھِ ڈاکٹر۔ ۲ . ستیش تہٕ نَنہٕ چھےٚ اصلی جوٗری۔

۳ . زٕ تہٕ زٕ گیہِ ژور۔ ۴ . سُہ تہٕ بہٕ چھِ سخ دوس۔

مشق کٔرِو:

۱ . پانژھ پانژھ جُملہٕ لیٖکھِو ترٕوِنی تہٕ رُکہٕ وِنی کراوتین ہٕنڈی۔

۲ . حمید چھُ کرکٹ گندان، طلال چھُ غزل لیٖکھان، شیٖن لوگُن، سیٚن موکلیوٚو۔ یِمن جُملن منٛز کڈِو ترٕوِنی تہٕ رُکہٕ وِنی کراوِتی الگ الگ۔

## ڈٔکھی کراوُت Auxiliary verb

ڈٔکھی کراوُت چھِ تِتھ لفظس ونان یُس بُنیأدی یا باقٕے کراوتین (verbs) مختلف کال ورتاونس منٛز مدد کرِ۔ مثالے

۱ . رُستم چھُ زمین کھنان۔ ۲ . تِمٕ چھےٚ واریاہ کتابہٕ لیٖچھمٕژٕ۔

گوڈنکہِ جملک 'چھُ'، تہٕ دوٚیمہِ جُملک 'چھےٚ' لفظ چھِ ڈٔکھی کراوِتی یِیلہِ زَن کھنان تہٕ لیٖچھمٕژٕ لفظ بُنیأدی کراوِتی چھِ۔

ڈٔکھی کراوتین ہٕنڈی قسم :-

۱ . بُنیأدی ڈٔکھی کراوِتی (Primary auxiliary verbs)۔

٢ . ماڈل ڈکھی کراوِتی (Modal Auxiliary verbs)۔

١ . بُنیأدی ڈکھی کراوِتی چھِ یِم :-

چھُ، چھَ (is)، چھُس، چھَس (am)، چھِ، چھکھ، چھَکھ (are)، اوس، اوسُس، أس (was)، أسی، اوسُکھ، أسِکھ، أسِو (were)، گَر (do)، بیترِ۔

یِم ڈکھی کراوِتی چھِ جُملس منز خود موختیار (Independent) تہِ آسان تہٕ امدأدی کراوِتیچ (Helping verb) کأم تہِ چھِ دِوان۔ مثالن

١ . یہ چھُ سکوٗل۔

٢ . سو چھَ خوبصوٗرت کوٗر۔

٣ . یہ چھُ تۄ وقلم۔

٤ . بٕہ چھُس ٹھیک۔

٥ . أسی چھِ بتہٕ کھیوان۔

٦ . تٔمی اوس میٖہ وۄنمُت۔

٧ . سو أس گٔمٕژ۔

٨ . أسی أسی آمٕتی۔

گوڈنکین ژورن جُملن ہنٛدی لفظ چھُ، چھَ تہٕ چھُس چھِ خود مختیار کراوِتی تہٕ دۄیمین ژورن جُملن منز استعمال سپدن وألی لفظ چھِ، اوس أس تہٕ أسی چھِ امدأدی کراوِتی یِم کھیوان، وۄنمُت، گٔمٕژ تہٕ آمٕتی ناوکین بُنیأدی کراوتین مدد چھِ کران۔

٢ . ماڈل ڈکھی کراوِتی چھِ یِم :- ہیکہِ (Can)، ہیکِکھ (Could) تہٕ پزِ (May, might must)۔ بیترِ۔ مِثالے۔

١ . بٕہ ہیکہٕ یہ کأم کٔرِتھ۔

٢ . ژٕ ہیکِکھ یہ بنأوِتھ۔

٣ . ژٕے پزِی پۄز وَنُن۔

٤ . اَسہِ پزِ تور گژھُن۔

ڈکھی کراوِتی چھِ نکأری (Negative) تہٕ سوأ لی (Interrogative) جُملہ بناونس

منز تہِ مد دکران تہٕ کال تہِ بد کڈان۔ مثلن

۱ ۔ سُہ چھُنہٕ دربدٔری کران۔ ۲ ۔ سُہ اوسنہٕ پران۔

۳۔ تٔمۍ چھُناوٕ نہِ تہِ فارم بوٚ رمُت۔ ۴ ۔ تس اوسناپرُن۔

۵ ۔ ژٕ ہیکَکھہٕ یہِ کٔرِتھ۔ ۶ ۔ ژٕ ہیکَکھہٕ یہِ کٔرِتھ۔

گوڈٕ نکہِ جُملک چھُنہٕ دوٚیمہِ جُملُک اوسنہٕ تہٕ پوٚنژِمہِ جُملک ہیکَکھہٕ نہٕ چھِ نکاری ڈٔکھۍ کراوِتۍ جُملہٕ بناوان تہٕ ترٚیمِس جُملس منز چھُ چھُنا، ژوٚرِمِس منز اوسنا تہٕ شیٚمِس منز ہیکہٕ کھہٕ لفظ سوٲلی ڈٔکھۍ کراوِتۍ جُملہٕ بارسس انان۔

ڈٔکھۍ کراوِتۍ چھِ نَر (مذکر) مادٕ (مونث) اوٚ گنۍ (واحد) تہٕ دوٚ ئنۍ (جمع) تہِ ورتاونہٕ یوان۔ چھُ، چھُس، چھُکھ، اوس تہٕ اوسُکھ چھِ نَر تہِ تہٕ اوٚ گنۍ تہِ مثلن

۱ ۔ سُہ چھُ بتہٕ کھوان۔ ۲ ۔ بہٕ چھُس بتہٕ کھوان۔

۳ ۔ ژٕ چھُکھ واریاہ رُت۔ ۴ ۔ سُہ اوس نہٕ تتہِ۔

۵ ۔ ژٕ اوسُکھ رات سُلی گرِ درامُت۔

چھِ تہٕ آسی چھِ نَر تہِ تہٕ دوٚ ئنۍ ڈٔکھۍ کراوِتۍ تہِ۔ مثالے

۱ ۔ تِم چھِ پکان یوٚ ری۔ ۲ ۔ أسۍ آسۍ چاے چوان۔

۲ ۔ آس، آسس، آسکھ، چھےٚ، چھس چھکھ، ڈٔکھۍ کراوِتۍ چھِ اوٚ گنۍ مادٕ۔ مثلن۔

۱ ۔ سوٚ آس خوبصوٚ رت کوٚر۔ ۲ ۔ بہٕ آسس نہٕ پران۔

۳۔ ژٕ کتہِ آسکھ رات۔ ۴ ۔ عُفی چھےٚ نہٕ یتہِ۔

۵ ۔ بہٕ چھس مضمون لیکھان۔ ۶ ۔ ژٕ چھکھ بڈٕ کأکر۔

چھُ، آسہٕ تہٕ آسوٚڈٕ کھی کراوِتی چھِ بطورِ دوٚ گنٕ ماد ورتاونہٕ یوان۔ مثالے۔

۱۔ تِہی چھُ سخ شور کران۔ ۲۔ یِم کمہٕ آسہٕ۔ ۳۔ تُہیٚ آسوٚ دوہے ناقابِل۔

مشق کٔرِو:-

۱۔ ڈٕکھی کراوِتکٕ تعریف کٔرِتھ وٕنِو اَمکہٕ قسم۔

۲۔ چھُ، چھُس، چھکھ تہٕ اوُسس چھابُنیاَدی ڈٕکھی کراوِتی کِنہٕ ماڈل ڈٕکھی کراوِتی۔

۳۔ ماڈل ڈٕکھی کراوِتو تہٕ بُنیاَدی ڈٕکھی کراوِتو ستی کٔرِو خألی جایہِ پوٗر۔

یہ ............ گوٚب بور، سُہ ...... نہ یہِ ژُلتھ۔ جاوید صابن ............ میٚہ گوڈٕے ووٚنمت زِئے یوت ........... یہِ کام ہٕبٲوِتھ۔ اگر ژیرٕے تہِ گوٚو اَسہِ ............ ضروٗ رتور گژھُن۔

## ہُر کراوِتکہٕ قسم Kinds of Adverbs

وٕنٹھی پوٗٹھی پٲٹھی چھِ ہُر کراوتین ترٚیہٕ قسم:-

۱۔ ساد ہُر کراوِتی (Simple Adverbs)

۲۔ رلاون ہُر کراوِتی (Relative Adverbs)

۳۔ سوالی ہُر کراوِتی (Interrogative Adverbs)

۱۔ ساد ہُر کراوِتی (Simple Adverbs):- معنہِ لحاظہٕ چھِ ساد ہُر کراوتین ستھ قسم مثلن۔

۱۔ وقتکہٕ ہُر کراوِتی (Adverbs of Time): یِمن ہُر کراوتین منز چھےٚ وقتچ باوتھ سپدان۔ مثالے از، پگاہ، رات، اوتر، تیلہِ، تنہٕ، وٕنکین، سُلی، ژیری،

کرتام تہٕ اَدی بیترِ۔
یمن لفظن ہنٛز کینٛہہ مِثالہٕ جُملن منٛز:
۱۔ بَس واتہِ ژٕ یری۔ ۲۔ بہٕ یمہٕ ازسُلی گرٕ۔
۳۔ پگاہ شامس سمکھو۔ ۴۔ سُہ ییٚلہِ سکوٗل گوتہٕ ووت میٚہ پیاران۔

۲۔ جایہِ ہنٛدی ہُر کراوٕتی (Adverbs of Place): اَمہِ قسمکین ہُر کراوٕتمن منٛز چھےٚ جایہِ ہنٛز باوَتھ سپدان۔ مثلن یێتہِ، تَتہِ، کتہِ، ہُتہِ، اَنٛدرٕ، نیبر، بۄن، ہیوٚر، نزدیک، دوٗر، پتھ تہٕ بروٚنہہ بیترِ۔

۳۔ گرٕنٛز ہُر کراوٕتی (Adverbs of Number): اکہِ پھِرِ، دوییہ پھِرِ، ترٛییہ پھِرِ، دُبارٕ ہیێہ، ژٕ نہے، کُنہِ وِزِ تہٕ ہمیشہِ ہی لفظ چھِ گرٕنٛز ہنٛدی ہُر کراوٕتی مانٛنہٕ یوان۔

۴۔ مِقدارٕ ہُر کراوٕتی (Adverbs of Quantity): یِم ہُر کراوٕتی چھِ جُملس منٛز مِقدارٕچ باوَتھ کران۔ مثلاً واریاہ، سیٚٹھاہ، کمے، سورُے تہٕ الہٕ پلہٕ بیترِ۔
جُملن منٛز کینٛہہ مثالہٕ۔
۱۔ کامران چھُ واریاہ چالاکھ۔ ۲۔ الہٕ پلہٕ آسن یِم ژٕ کنال زمین۔
۳۔ کیف السحر کتہِ چھیٚہ روزان۔ ۴۔ عین الحسر کیا ژٕ گیہِ دِلہِ۔

۵۔ ترایہِ ہُر کراوٕتی (Adverbs of Manner): یِمو ہُر کراوتو سِتی چھِ لفظس منٛز ترا ے، طور طریقہ تہٕ اطوار بروٚنہہ کُن یِوان۔ مثلن جان پأٹھی، دِلٕتہٕ پأٹھی، وُلی وُلی تہٕ زبردست پأٹھی بیترِ۔
جملن منٛز کینٛہہ مثالہٕ:
۱۔ سپاہن لوٚڑ بہادری سان۔ ۲۔ سُہ چھُ دِلہٕ پأٹھی گِنٛدان۔

۳۔ کامہٕ دیوچھُ جان پأٹھۍ پیش یوان۔ ۴۔ سُہ دڑاو جلدی سان۔

۶۔ وجہکۍ ہُر کراوِتی (Adverbs of Reason): وجہکۍ ہُر کراوِتی چھِ کیازِ (Why) سوالکِس جوابس منز بارسس یوان۔ مثلاً لحازہ، تیلہِ، توَے، اوَے، اوِ کنی، توِ کنی تہٕ کیازِ بیترِ۔

۷۔ یقرأری تہٕ نکأری ہُر کراوِتی (Adverbs of Affirmation and Negation):- یِم چھِ یقرأری تہٕ نکأری ہُر کراوِتی مثلاً اِں، بے شک، پزٕی پأٹھۍ، اوِ، نہَ، ناں بیترِ۔

کینٛہہ مثالہٕ جمُلن ہنٛدِس صورتس منز۔ مثلن:

۱۔ حمید چھُنہٕ زیادٕ چالاکھ۔ ۲۔ شیلہٕ چھےٚ پزٕی پأٹھۍ خوٚ بصورت۔

۳۔ بے شک چھُکھ ژٕ بہادُر۔ ۴۔ناں بہٕ نا یِمہٕ نہٕ۔

۲۔ رلاوِنکۍ ہُر کراوِتی (Relative Adverbs): جملس منز ہُر کراوِتی جُزن تہٕ خصوصی جُزن درمیان رِشتہٕ پادٕ کرٕنکس لفظس چھِ رلاون ہُر کراوُت وَنان۔ یِم لفظ چھِ ہُر کراوتہٕ علاوٕ بند تیٚج (Conjunction) کأم تہٕ دِوان۔ مثلاً

۱۔ بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ وٕنِتھ زِ سُہ کیازِ چھُ ہمیشہِ ژیرِ یِوان۔

۲۔ میٚہ کتہٕ چھیٚہ پتہٕ! سُہ کوٚت اوس گومُت۔

یِمن جُملن منز چھُ کیازِ تہٕ کوٚت لفظ رلاون ہُر کراوُت۔

۳۔ سوألی ہُر کراوِتی (Interrogative Adverbs): جُملس منز یِم کراوِتی سوال پرژھن تِمن چھِ سوألی ہُر کراوِتی وَنان۔ یِم چھِ رلاون ہُر کراوتِمن ہوی۔ یِمن کراوِتین منز چھےٚ تِمہٕ سارے خأصیژ یِمہٕ سادٕ ہُر کراوتِمن منز نظرِ

چھےٚ گوھان۔ مثلاً۔

کیازِ (Why) چھُ کمہِ مقصدِ باپتھ۔

کر (When) چھُ کمہِ وقتہِ باپتھ۔

کتہِ (Where) چھُ کتھ جایہِ باپتھ، تہٕ

کِتھہِ (How) چھُ کتھ سلسلس منٛز استمال سپدان۔

جُملن منٛز چھےٚ کینٛہہ مثالہ پیش۔ مثالے

١. سُہ کیُتھ چھُ بولان۔ ٢. ساحرالسحر کر آیہ گرٕ۔

٣. تٔمۍ کیازِ لوٚپی ژٕبےٚ۔ ٤. گلشن کتہِ چھےٚ روزان۔

مشق کٔرِو:

١ • ساد ہُر کراوتن ہندی ناو دِیو۔

٢ • از، پگاہ، رات، اوترٕ کم ہُر کراوِتی چھِ۔

٣. خأْلی جُملہٕ کٔرِو گرٕ ٹرٕ ہُر کراوتو تہٕ مبقداہ ہُر کراوتو ستی پوٗرٕ۔

ا. سُہ آو......سون۔ ب. سُہ ییہِ نہٕ......ووٗنی سون۔

ج. فینسی چھےٚ......کم سون یوان۔ د. ......آسہِ سوٗ ژٕ وداہ وٗ رِش۔

٤ • رلاون، ترایہِ تہٕ وچھکی ہُر کراوِتی ژٕ أرِو بیوٗن بیوٗن تہٕ کٔرِو جُملن منٛز
استمال۔ تیلہِ، کوٗت، وٗلی وٗلی، وُلٹہٕ پأْٹھی، توٗے، اوٗے تہٕ کیازِ۔

٥ • کر، کتہِ، کیُتھ چھِ سوأْلی ہُر کراوِتی۔ یِم کٔرِو کھأْلی جاین استمال۔

ا. تٔمۍ ...........تہٕ...........پرٕ ژھ میٚہ۔

ب. میٚہ......چھےٚ بتہٕ، کی سُند گام ........... چھُ۔

ج۔ ژٕے وَنیوتھ ژٕ گیہِ زِ مگرسو............فرصت۔

## باوِتکۍ قسم Kinds of Adjectives

باوِتی چھِ وۄنٹھی پۆٹھی پأٹھۍ أٹھن قسمن ہٕندی:

۱۔ خاص باوُت (Proper Adjective)

۲۔ خأصیژ باوُت (Qualitative Adjective)

۳۔ مِقدار باوُت (Quantitative Adjective)

۴۔ گرٕنژ باوُت (Numeral Adjective)

۵۔ نِشہِر باوُت (Demonstrative Adjective)

۶۔ بأگرن باوُت (Distributive Adjective)

۷۔ پرژھن باوُت (Interrogative Adjective)

۸۔ مِلکیتی باوُت (Possessive Adjective)

۱۔ خاص باوُت (Proper Adjective): یہِ چھُ سُہ باوُت یا صِفت یُس گُنہِ خاص ناوتہِ (Proper Noun) نشہِ وجود چھُ پراوان۔ مثلاً

۱۔ کأشُر وازٕ وان۔ ۲۔ ہندوستأنی فوج۔

۳۔ چشمہٕ شأہی ہٕنز ترٕیش۔ ۴۔ ڈٕلکی ندری۔

۵۔ کشیرِ ہُند ژۄنٹھ چھُ بڈٕ مزٕدار آسان۔

۶۔ بنارکۍ ہیر چھے دانہِ وو پداونہٕ باپھ زرخیز۔

۲۔ خأصیژ باوُت (Qualitative Adjective): یِم لفظ یہِ باوان زِ کُس شخص یا چیز کیتھ یا کمہِ قسمُک چھُ تتھ بیانس چھِ خأصیژ باوُت تہِ ونان تہٕ وکھنَے باوت (Descriptive Adjective) تہِ۔ مثالے

۱۔ جان لَڑکہٕ۔ ۲۔ منحوس شکل۔

۳۔ رام چھُ ایماندار نفر۔ ۴۔ چونچہٕ چھُ گھیہِ دار۔

۳۔ مقدارِ باوُت (Quantitative Adjective): ییٚلہِ جُملس منٛز یِم لفظ ورتاونہٕ یِن، زانُن گژھِ مقدارِ باوتھ چھےٚ باوتھ سپدان۔ مثلاً زیادٕ، کوتاہ، واریاہ، کم، سورُے، اوٚڑُے، نصف تہٕ الہٕ پلہٕ۔ مثالے

۱۔ سُہ چھُنہٕ زیادٕ بتہٕ کھوان۔ ۲۔ گلاسس منٛز چھُ کمے آب۔

۳۔ اَسہِ چھُ واریاہ دانہٕ نیران۔ ۴۔ میٚہ کھیوٚو اوٚڑُے بتہٕ تہٕ دراس۔

۴۔ گرٛنز باوُت (Numeral Adjective): گرٛنز باوتس منٛز چھےٚ چیزن یا نفرن ہِنٛدِ تعدادٕچ وکھنَے سپدان۔ مثلن

۱۔ کینٛہہ لوٗکھ چھِ بڑٕ چالاکھ آسان۔ ۲۔ لوٗکن ہُنٛد جان تعداداوس جلسس منٛز۔

گرٛنز باوُت چھُ دوٚیہِ طریقہٕ استمال سپدان۔

۱۔ شبقہٕ گرٛنز باوُت (Definite Numeral Adjective): شبقہٕ گرٛنز باوتس منٛز چھُ نفرن یا چیزن ہُنٛد صحی تعداد بروٚنٛہہ کُن یوان۔ مثالے۔

۱۔ تتہِ موٗدی ژور نفر۔ ۲۔ آزادن گرِداہ رنہٕ۔ ۳۔ یہِ ژادٕر چھےٚ دُتائشی۔

شبقہٕ گرٛنز باوتس منٛز چھِ تِتھی لفظ تہِ استمال گوٚژھان یِمن شبقہٕ گرٛنز اشارٕ باوٕتی

ونان چھِ مثالے۔

۱۔ اَزٕ چھُ ربتُک اوٗتھم۔ ۲۔ سُہ چھُ ژۄرمہِ جماژٕ پران۔

۳۔ واریاہ شین چھُ پیوٚمُت۔ ۴۔ میٚہ پوٚز کتابہِ ہُند ژوٗرِم چیٹر۔

۴۔ بےٚ شبقہٕ گرٕنرٕ باوٗت (Indifinite Numeral Adjective): اتھ منٛز نہ چھُ نفرن تہٕ نہ چیزن ہُند تعدادوٗیوٚد آسانِ یعنی یہ چھُ بےٚ شبقہٕ۔ مثالے

۱۔ واریاہ لوٗکھ موٗدی۔ ۲۔ سأری چیز چھِ أدرٕ کھلہِ۔

۳۔ واریاہ شین چھُ پیوٚمُت۔ ۴۔ گٔوتام نفرٕ ے أسی تتہٕ۔

۵۔ نِشانٕ باوٗت (Demonstrative Adjective): یم چھِ تِم باوِتی یم جُملس منٛز نِشاندِہی کران چھِ یعنی ئُنہِ راوان چھِ نفرس، جایہِ یا چیزس یا یہنٛزِ خأصیو۔ مثلن

۱۔ یہِ لۆڑکہِ چھُ ہُمس لڑکہٕ ہِنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ قأبل۔

۲۔ یِمہٕ کانگرِ چھےٚ ژارچہٕ۔

۳۔ قأدرُن تومُل چھُ صاف آسان۔

۴۔ کوکرناگُک آب چھُ صاف۔

نِشانٕ باوٗت چھُ دویہ طریقہٕ ورتاونہٕ یوان۔ ۱۔ شبقہٕ ۲۔ بےٚ شبقہٕ۔

۱۔ شبقہٕ نِشانٕ باوٗت گۆو سُہ ییلہٕ چیزٕچ، شخصٕ ہنٛز یا جایہِ ہنٛز صحی تہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ نِشاندِہی سپدِ یتھ منٛز نہٕ شک آسہِ۔ مثلن۔

۱۔ یہِ چھُ میون قلم ۲۔ یہِ زمین چھُ میون

۳. ہم ڈوٗنی چھِنہٕ ٹھیک۔ ۴. سُہ مکانہٕ چھُ لوٗکُٹ۔

۲. بےٚ شُبہٕ ہُنٛز باوُت چھِ تتھ وِنان یتھ منٛز صحی صحی اِشارٕ چیزن، نفرن یا جایہ کُن آسہِ نہ سپدان۔ مثالے

۱. تٔمی سٕنٛز ڈلیل ؤ ژھنہٕ مٕیہ ہٹہٕ۔ ۲. کٔمی وۄنُے۔

۶. بأگرن باوُت (Distributive Adjective): بأگرن باوُت چھُ جُملس منٛز یمو لفظوٕ ستی فکرِ تران۔ مثلاًپرٛ بتھ کانٛہہ یا پرٛ بتھ کأنٛسہِ تہٕ کہنٛہ نہٕ بیترِ۔

۱. تٔمی سُنٛد پرٛ بتھ کانٛہہ لفظ اوس پۄز۔ ۲. دوشوٕنی نفرن أس اکھ اکھ کتاب۔

۳. پرٛ بتھ کأنٛسہِ میوٗل پننٕ حصہٕ۔ ۴. تیٚمس تہِ تہٕ ہُمس تہِ اوس سبق یاد۔

۷. پرژھن باوُت (Interrogative Adjective): پرژھن باوُت گۄو سُہ لفظ یُس جُملس منٛز سوال پرژھان آسہِ۔ مثلن

کُس، کیاہ، کٔمی سُنٛد، کوٚہُنٛد، کتہِ، کتیُک، کیُتھ، کپأری، کیازِ تہٕ کر بیترِ۔

یم جملہٕ تہِ وُچھو مثالہِ رٔنگی۔

۱. ازکوسہٕ فِلم چھےٚ۔ ۲. ژٕ کوٚہُنٛد کوٗتُر چھکھ ژھاران۔

۳. سُہ کیازِ آو نہٕ یور۔ ۴. عین السحر چھا لوٚڈ وروزان۔

۸. مِلکیتی باوُت (Possessive Adjective): یہِ چھُ سُہ باوُت یتھ منٛز مِلکیت ہاوُنہٕ چھےٚیہ یوان۔ یم لِفظ چھِ مِلکیتی باوتھ باوتھ کران۔ مثلن

چون، تہُنٛد، تٔمی سُنٛد، تیٚمی سُنٛد تہٕ سون۔ یم جُملہٕ تہِ پٔرِو۔

۱. یہِ چھےٚ تٔمی سٕنٛز کتاب۔ ۲. تِہُنٛد زمین چھُ سڑکہِ ڈُچھنہِ طرفہٕ۔

۳. چون زل گُر چھُ لبہٕ ستی۔ ۴. سون مکان چھُ اَکِس ہے پورس پیٹھ۔

## کاشرِ زبانٕ ہٕندی باوتھ (Adjectives of Kashmiri Language)

| لفظ | ضِد | لفظ | ضِد | لفظ | ضِد |
|---|---|---|---|---|---|
| اصل | خراب | سیوٚد | ہوٚل | زیوٚٹھ | ژھوٚٹ |
| میوٚٹھ | ٹیوٚٹھ | چالاکھ | بیٚقل | سڑوگ | دژوگ |
| قابِل | ناقابِل | پوٚز | اَپُز | ؤسِتھ | کھٔسِتھ |
| موٚٹ | زاوِیُل | بیمار | صحت مند | کمزور | طاقتور |
| لوکُٹ | بوٚڈ | خوش | مایوس | سخ | سَہل |
| نرم | ترٚگر | موٚرِد | زِندٕ | بکوٲسی | ژھوٚپ |
| سرٚون | ووگُن | توٚو | پرون | گنٕد | صاف |
| تنگ | کھُلہٕ | بُڈٕ | جوان | ژوٚر | پیٚر |
| گرم | سرٕد | بوٚن | ہیوٚر | اوٚدر | ہوٚکھ |
| گاش | اَنہٕ گوٚٹ | شہُل | تاف | ژُلُن | ٹھہرُن |
| شریف | کمٔین | تیز تیز | وارِ وارِ | دوٚر | نزدیک |
| شام | صبحو | لول | نفرت | رات | دوہ |
| أمیر | غریب | لوٚت | گوٚب | سخی | کنجوس |
| کھوسہٕ | ریشُل | راوُن | لبُن | پیٚتھ | بروٚنہہ |

باوِتی بناوٕنکی طریقہٕ (Formation of Adjective): باوِتی بناوٕنکی چھِ واریاہ طریقہٕ۔

۱. خاص ناوتسو پتہٕ تالرنہٕ ذٔریعہ باوِتی بناوٕنک (Adjectives from proper noun) طریقہٕ چھُ یہِ:-

| باوُت | خاص ناوُت | باوُت | خاص ناوُت |
|---|---|---|---|
| ایرأنی | ایران | ہِندوستأنی | ہِندوستان |
| تُرکِستأنی | تُرکِستان | پأکستأنی | پاکستان |
| تایِوأنی | تایِوان | جاپأنی | جاپان |
| کوٚہستأنی | کوٚہستان | تاجکِستأنی | تاجکِستان |
| حیات پوٗری | حیات پوٗر | افغأنی | افغان |
| چھانہٕ پوٗری | چھانہٕ پوٗر | ناگِمی | ناگُم |
| پانپٕری | پانپر | ژوڈٕری | ژوڈُر |
| منڈٕ بک پألی | منڈٕ بک پال | لوٗدٕوی | لودو |
| کاکہٕ پوٗری | کاکہٕ پوٗر | لبتہٕ پوٗری | لبتہٕ پور |
| حضرت بٔلی | حضرت بل | گاندربٔلی | گاندربل |
| سوپوٗری | سوپور | ورمُلی | ورمُل |
| ہندوأری | ہندوور | کپوأری | کپوور |

| | | | |
|---|---|---|---|
| شپین | شُپیٖنز | بأدی پۆر | بأدی پۆری |
| ژار | ژأری | گئی پۆر | گئی پۆری |

## خاص ناوتھو پیٹھ باوِتی بنٛنکی کینٛہہ اصوٗل:

۱. خاص ناوتین ہُند اَخری حرف تالراونہٕ ستی چھُ باوٗت بنان۔ مثلن دُردان اتھ بنہِ دُردأنی، اِخوانس بنہِ اِخوأنی بیتر۔

۲. خاص ناوتکہِ اَخری حرفہٕ پتہٕ تالرُ ہُرروانہٕ ستی چھُ باوٗت بنان۔ مثالے پُلوم۔ اتھ بنہِ پُلوأمی، اسلام آبادس بنہِ اسلام آبأدی تہٕ اسلام بأدی بیترِ۔

بیٚیہِ کینٛہہ باوِتی چھِ یتھہٕ گئی بنان۔ مثالے

| ناوٗت لفظ | باوٗت | ناوٗت لفظ | باوٗت |
|---|---|---|---|
| زیچھر | زیوٗٹھ | لۆژر | لۆت |
| ٹیچھر | ٹیوٗٹھ | رِژر | رُت |
| گچر | گۆٹ | پزر | پۆز |
| تۆژر | تۆت | سبزر | سیوٚد |
| مۆژر | مۆت | ہجر | ہۆل |
| وَژھر | وۆتھ | سروجر | سرۆگ |
| پانچھر | پانٛچھ | پھُھبر | پھۆپھ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| ژھربر | ژھوٚر | پرٛینبر | پژیٚون |
| اَنبر | اوٚن | گنبر | گوٚن |
| تنبر | توٚن | ژھوچر | ژھوٚٹ |
| موچر | موٚٹ | نچر/نجر | نیٚول |

باوتو پیٹھ بنن وٲلی باوِتی:-

| باوُت | اَمہِ پیٹھ بنن وٲلی باوِتی | باوُت | اَمہِ پیٹھ بنن وٲلی باوِتی |
|---|---|---|---|
| کرٛہُن | کرٛہنیار | سفید | سفید نیار |
| ووزُل | ووزٕ جار | لیٚڈر | لیٚڈر یار |
| سبز | سبزار | مہربان | مہربٲنی |
| لوُکٹ | لوکچار | محبت | محبتی |
| اِصل | اصلیت | ترُگر | ترکجار |

رٛوٚس، پوٚت لوٚگ لاگنہٕ ستی ناوتو پیٹھ بنن وٲلی باوِتی:

| ناوُت | باوُت | ناوُت | باوُت | ناوُت | باوُت |
|---|---|---|---|---|---|
| بچہ | بچہ رٛوٚس | مکان | مکانہٕ رٛوٚس | عمل | عملہِ رٛوٚس |

دماغ دماغہٕ رۆس عقٕل عقلہِ رۆس زٔمین زمینِہ رۆس

مول مالہِ رۆس شور شوٕر رۆس دٔنٛد دنٛدو رۆس

موج ماجہِ رۆس بتہٕ بتہٕ رۆس رنگ رنگہٕ رۆس

بوے بایہِ رۆس ترٛیش ترٛیشہِ رۆس بیٚنہِ بیٚنِہ رۆس

لٔکر لکرِ رۆس آب آبہٕ رۆس چاے چایہِ رۆس

لفظ "لایق" پۆت لۆگ لاگنہٕ ستی کراوتو پیٚٹھ بنن وٲلی باوِتی :

| کراوُت | باوُت | کراوُت | باوُت |
|---|---|---|---|
| کھیوٚن | کھیوٚن لایق | چۆن | چۆن لایق |
| سٔنُن | سٔنُن لایق | لاگُن | لاگُن لایق |
| تھوُن | تھوُن لایق | مارُن | مارُن لایق |
| گرُن | گرُن لایق | تُلُن | تُلُن لایق |
| ہیوٚن | ہیوٚن لایق | کٕنُن | کٕنُن لایق |
| برداش | برداش کرُن لایق | پرُن | پرُن لایق |
| ہاوُن | ہاوُن لایق | دِیُن | دِیُن لایق |
| سوزُن | سوزُن لایق | ٕبزُن | ٕبزُن لایق |
| رٔنُن | رٔنُن لایق | رُوُن | رُوُن لایق |
| وٚوُن | وٚوُن لایق | لوٚنُن | لوٚنُن لایق |

چھانُن　چھانُن لایق　چھوٚنبُن　چھوٚنبُن لایق

مُرُن　مُرُن لایق　دأرِتھ　دأرِتھ ژھٔٹن لایق

مشق کٔرِو:

۱۔ خاص باوُت تہٕ خأصیو باوتمن ہندی لیکھو ژور ژور جُملہٕ۔

۲۔ یِمو لفظو منز کڈِو مبقدارِ باوِتی تہٕ گرٕنز باوِتی بیوٚن بیوٚن۔ ژور، اوٚتھم، زیادٕ کم، واریاہ، سورُے۔

۳۔ ژور، داہ، سأری تہٕ کُو تام لفظن منز کم چھِ شبقہٕ تہٕ بے شبقہٕ گرٕنز باوِتی۔

۴۔ شبقہٕ باوُت کتھ وَنو۔ امیُک شبقہٕ تہٕ بے شبقہٕ باوُت ہاٚوِو مثالو سٟتی۔

۵۔ زٕچھر، ترٛٹر، گوبر تہٕ ژھوچر لفظن بنأوِو باوِتی۔

## ملوِتکی قسم Kinds of Prepositions

مِلوٕتس چھِ شبہٕ قسم۔ مثالے

۱۔ سادٕ مِلوُت (Simple preposition): سادٕ مِلوٕتس منز چھِ یِم لفظ استمال یوان کرنہٕ۔ مثلن

پتہٕ، پیٹھ، سٟتی، بوٚن، ذٔریعہ، خأطرٕ، أندرٕ، منز تہٕ باپتھ بیترِ بیترِ۔ مثلن۔

۱. پولیس دوریوٚو ژوٚرس پتہٕ۔　۲. سُہ اوس بوٚنہٕ کمرس اندر ژورِ بہتھ۔

۲۔ مرکب مِلوُت (Compound preposition): مرکب مِلوُتس منز چھِ یِم لفظ یوان۔ مِثالے پتھ کُن، لرِ لوٚر، اندر کُن، نیبرَ کُن، ہیٚرِ بوٚن تہٕ

کۆت تام بیترِ۔ مثلن۔

١۔ سُہ اوس میٚہ لَرِ لَوٚر رِپکان۔ ٢۔ سُہ اوس أندری کِنۍ موکلیومُت۔

٣۔ دوٕگُن مِلوٗت (Double prepostion): دوٕگنۍ مِلوتمن منز چھِ یم لفظ یوان۔ مثلن پٔتۍ مہِ طرفہٕ، بٔنۍ مہِ طرفہٕ، أندرِ مہِ طرفہٕ، نبرِ مہِ طرفہٕ بیتر۔ مِثالے۔

١۔ پٔتۍ مہِ طرفہٕ نیٚوسورٕ زمین سہلابن۔

٢۔ بٔنۍ مہِ طرفک حِصہٕ چھُ وِنہٕ یم ہٕنے نِشہِ۔

باقے ترٛیٚہ قِسم چھِ ١۔ شریک مِلوٗت (متعلق، دوران، ہیتھ بیترِ)۔

٢۔ مِلوٗت مہادِ (مطابق، تہِ کیازِ، خاطرِ، اگر نہٕ بیترِ)۔

٣۔ تیٖداد مِلوٗت (ہفتس منز ترٛیٚہ لٹہِ، أکِس روپیہٕ زِ کلو بیترِ)۔

## بندٕتکی قسم Kinds of Conjunction

بندُت چھُ دُقسمی۔

١۔ معاوِن بندُت۔ ٢۔ تأبیابندُت۔

١۔ معاوِن بندُت (Co-ordinate Conjunction): معاوِن بندُت چھِ تمن لفظن وتان یم ہونے محاورن تہٕ جُملہٕ حِصن رلاون مثلاً تہٕ، لیکن، نہ، نتہٕ، تہِ بیتر۔ مثلن

١۔ کتاب سوز جلد پہن نتہٕ تارٕ ے بہٕ فِکرِ۔ ٢۔ سُہ تہٕ بہ چھِ ازٕ ٹھیک۔

٢۔ تأبیابندُت (Subordinate Conjunction): تأبیابندُت چھِ تِتھ

لفظس ونان یُس ماتحت جُملس بُنیاُدی جُملس ستی رلاوِ۔ مثالے۔اگرچہِ،
اگر، تاہم، یوٚ تام، ییلہِ، تہِ کیازِ بیترِ۔ مثلن
١۔ اگر سُہ غریب چھُ مگر وُنہِ چھُ ایمانداُری کران۔
٢۔ سُہ گوٚو فیل، تہِ کیازِ سُہ اوس نہٕ محنت کران۔
تاُبیا بندُ ت چھُ وقت، جاے، وجہ، تراے، حالتھ، اثر، مقابلہٕ تہٕ تفاوت تہِ
ہاوان مثلاً ییلہِ، کَر، تنہٕ (وقت)، کتہِ، کتمن (جاے)، کیازِ، (وجہ)،
مطاٗبق (تراے)، اگر، مگر (حالتھ)، تاہم (تفاوت) بیترِ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یِم
بندٕ تی تہِ استمال سپدان۔ مثالے ووں گوٚو، کِتھہٕ، ہتھ، بیٚہٕ، چھَرا،
دوشوَے، نہ صرف، ہُنی کہِ، تِتھے پاُٹھی، توتہِ، بروٚنہہ بیترِ بیترِ۔
یوٚ تام معاوِن بندٕتک سوال چھُ، اتھ چھِ ژور طریقہٕ ورتاوٕنکی:-
١۔ دونوے، نہ صِرف تہٕ بلکہِ بیترِ لفظ چھِ معاوِن بندٕتس مزٕ اضافہٕ کران،
یتھ اضاٗفی بندُ ت ونان چھِ۔ ٢۔ معاوِن بندُ ت ورتاوُنک بیاکھ طریقہٕ چھُ
یہ، یتھ مزٕ یِمن لفظن ہُند استمال سپدان چھُ۔ مِثالے نہ، نتہٕ، یوٚ دوے بیترِ۔
اتھ چھِ مرضی بندُ ت تہٕ ونان۔ ٣۔ بیاکھ گوٚو تفاوتہٕ بندُ ت۔ اتھ مزٕ چھِ یِم لفظ
تفاوت ہاوان میثلن مگر، صِرف، تاہم، ییلہِ، زِ ہنیے بیترِ۔ ٤۔ وجہ بندُ ت۔ اتھ
مزٕ چھُ یِمن لفظن ہُنٛد ورتاو سپدان۔ مثلن لحازہ، خاطرٕ، تیٚلہ، تمہ باپتھ بیترِ۔

## سیوٚدتہٕ ورگہٕ کتھ Direct and indirect speech

دون نفرن ہٕندِس گفتگوس چھِ کتھ (Speech) ونان۔ کتھ چھیٚہ دوٚیہِ طریقہٕ کرنہٕ یوان۔

١ ۔ سیوٚد کتھ (Direct speech)۔

٢ ۔ ورگہٕ کتھ (Indirect speech)۔

١ ۔سیوٚد کتھ (Direct speech):-

یِم جُملہٕ پٔروِتہٕ کٔرِ غور۔

١ ۔ میأنی دوستن ووٚن "بہٕ چھُس پگاہ نیرن وول"۔

٢ ۔ لٲلہِ ووٚن "بہٕ زانن سٕہ اصل پٲٹھۍ"۔

٣ ۔جانن ووٚن مے "بہٕ سمکھے ژٕے یتیٚ"۔

٤ ۔ مالی ووٚن مے "قادِرٕزانَن بہٕ ٹھیک پٲٹھۍ"۔

یِمن جُملن منٛز چھِ بولن وٲلی ہٕندی لفظ سیٚدِ سیوٚد بیان آمتۍ کرنہٕ۔ یِم چھِ تِمے لفظ یِم بولن وٲلۍ وٕنۍ۔ مثلن گوڈنِکس جُملس منٛز چھِ میأنس دوستہٕ ہٕندی لفظ بیان آمتۍ کرنہٕ۔ یِم چھِ واوِ نشانن (Inverted commas) منٛز تھاونہٕ آمتۍ۔ یہِ چھُ بولن وٲلی ہٕنٛز کتھ پیش کرنُک اکھ طریقہٕ۔ کتھ کرِنکِس اتھ وٕطیرِس چھِ سیوٚد کتھ (Direct speech) یا سیوٚد بیان (Direct report) ونان۔ تاہم

چھُنہٕ دوہ دینچہِ زبأنی منز تتھہٕ پأٹھی یعنی سیوٚد کتھ کرنٕک عام رواج۔

**۲۔ ورگہٕ کتھ (Indirect speech):-**

یم جُملہٕ پرِتھ ہیٚیو دیماغس کأم۔

۱۔ میأنی دوستن ووٚن زِ سُہ اوس دوٚیمہِ دوہ نیرن وول۔

۲۔ لألہِ ووٚن زِ سوزانہِ تس اصل پأٹھی۔

۳۔ بےٚ نظیرِ ووٚن میٚہ زِ سُہ سمکھِ میٚہ تتہٕ۔

۴۔ مألِک ووٚن میٚہ زِ سُہ زانہِ قأدِرس ٹھیک پأٹھی۔

یمن جُملن منز آیہِ کتھ کرن وألی ہنز کتھ باونہٕ مگر سیوٚد سیوٚد آیہٕ نہٕ تمے لفظ ورتاونہٕ یم کتھ کرن وألی نفرن بوٗلی متی أسی بٔلکہِ آو تسُند بیان دوٚیمین لفظن اندر پیش کرنہٕ۔ کتھ پیش کرنِکس اتھ طریقس چھِ ورگہٕ کتھ (Indirect speech) ونان۔

ییٚلہِ کانٛہہ سیوٚد کتھ (Direct speech) یا جُملہٕ ورگہٕ کتھِ (Indirect speech) یا جُملَس منز پیش آسہِ کرُن، واوٕ نشانہٕ (Inverted commas) چھِ ختم یوان کرنہٕ تہٕ یم لفظ واوٕ نشانن منز آسن تمو لفظو برونٛہہ چھُ 'زِ' استمال یوان کرنہٕ تہٕ تتھہٕ کٔنی چھُ سیوٚد بیان ورگہٕ بیانس منز تبدیل گوھنکھُ موقعہٕ فراہم سپدان۔

## سیوٗد جُملہٕ ورگہٕ جُملن منٛز تبدیلی کرٕنکی کینٛہہ اصوٗل:-

۱. وننہٕ آمِت کتھِ (Reported speech) منٛز ییٚلہِ اشارٕ ناوٕت (Pronoun) اَکم شخص (Frist person) آسہِ تتھ صوٗرتس منٛز چھُ یہِ وننہٕ وٲنِس کراوِتس کراولہٕ ہِنٛد بن اشارٕ ناوتمن منٛز بدلاولن مثلاً

| سیوٗد کتھ (Direct speech) | ورگہٕ کتھ (Indirect speech)- |
|---|---|
| ۱. میٚہ ووٚن، "میٚہ چھےٚ کاٗم کرٕنۍ" ۔ | میٚہ ووٚن زِ میٚہ اُس کاٗم کرٕنۍ۔ |
| ۲. ژےٚ ووٚنتھ "میٚہ چھےٚ کاٗم کرٕنۍ" ۔ | ژےٚ ووٚنتھ زِ ژےٚ اٲستھ کاٗم کرٕنۍ |
| ۳. تمۍ ووٚن "میٚہ چھےٚ کاٗم کرٕنۍ" ۔ | تمۍ ووٚن زِ تمۍ اُس کاٗم کرٕنۍ۔ |

۲. اگر وننہٕ آمِت کتھِ (Reported speech) منٛز دوٚیم شخص (Second person) موجود آسہِ تتھ صورتس منٛز چھُ امیُک اشارٕ ناوٕت وَننہٕ وٲنِس کراوتس منٛز کرومُت ہِنٛد بن اشارٕ ناوتمن منٛز بدلان۔ مثالے

| سیوٗد کتھ (Direct speech) | ورگہٕ کتھ (Indirect speech)- |
|---|---|
| ۱. رامن ووٚن "ژٕ ہیککھ پٔنُن زل گرٕ استمال کرِتھ" ۔ | رامن ووٚن میٚہ زِ بہٕ ہیکہٕ پٔنُن زل گرٕ استمال کرِتھ۔ |
| ۲. رامن ووٚنۍ ژےٚ "ژٕ ہیککھ پٔنُن زل گرٕ استمال کرِتھ" ۔ | رامن ووٚنۍ ژےٚ زِ ژٕ ہیککھ پٔنُن زل گرٕ استمال کرِتھ۔ |

ونہٕ آمِژ کتھِ منز ییلہِ اشارٕ ناوٗت تریم شخص آسہِ تیلہِ چھُنہٕ ورگہٕ کتھِ منز کانٛہہ تبدیلی ممکن آسان۔ مثالے

| سیوٚد کتھ (Direct speech) | ورگہٕ کتھ (Indirect speech) |
|---|---|
| ۱۔ میٚہ ووٚن تِمس، "تس چھُ یہِ کرُن"۔ | میٚہ ووٚن تِمس زِ تس اوس یہِ کرُن۔ |
| ۲۔ ژٕ ے ووٚنُتھ میٚہ "تس چھُ یہِ کرُن"۔ | ژٕ ے ووٚنُتھ میٚہ زِ تس اوس یہِ کرُن۔ |
| ۳۔ تمیٚ ووٚنُے ژٕ ے "تس چھُ یہِ کرُن"۔ | تمیٚ ووٚنُے ژٕ ے زِ تس اوس یہِ کرُن۔ |

## کالہٕ ورتاوس منز تبدیلی ہِنٛدی اصوٗل (Rules for the change of tense)۔

۱۔ ہرگاہ ونہٕ وُن کراوُت (Reporting verb) از کالس (Present tense) یا پِنہٕ وأَلِس کالس (Future tense) منز آسہِ تتھ صوٗرتس منز چھُنہٕ ونہٕ آمِژ کتھِ (Reported speech) ہِنٛدس کالس منز کینہہ تبدیلی یِوان۔ مثالے

| سیوٚد کتھ (Direct speech) | ورگہٕ کتھ (Indirect speech) |
|---|---|
| ۱۔ کریم چھُ ونان "بہٕ چھُس بلِکُل ٹھیک"۔ | کریم چھُ ونان زِ سُہ چھُ بلِکُل ٹھیک۔ |
| ۲۔ کریم وَنہِ "بہٕ آسہِ بلِکُل ٹھیک"۔ | کریم وَنہِ زِ سُہ آسہِ بلِکُل ٹھیک۔ |
| ۳۔ کریم وَنہِ "بہٕ اوسس بلِکُل ٹھیک"۔ | کریم وَنہِ زِ سُہ اوس بلِکُل ٹھیک۔ |

۲۔ اگر ونہٕ وُن کراوُت (Reporting verb) پتھ کالٕچ (Past tense) باوَتھ آسہِ کران تیلہِ چھُ ووٚنمت کراوِتی (Reported verb) کال یتھہٕ پأٹھی بدلان:-

۱۔ ازکال (Present tense) چھُ پتھ کالس (Past tense) مٲنز بدلان۔[1]

۲۔ پکہٕ وُن ازکال (Present continuous) چھُ پتھ کالس (Past continuous) مٲنز۔

۳۔ شُبقہٕ ازکال (Present perfect) چھُ شُبقہٕ پتھ کالس (Past perfect) مٲنز۔

۴۔ شُبقہٕ پکہٕ وُن ازکال (Present perfect continuous) چھُ شُبقہٕ پکہٕ وِنِس پتھ کالس (Past perfect continuous) مٲنز۔

۵۔ پتھ کال (past tense) چھُ شُبقہٕ پتھ کالس (Past perfect) مٲنز۔

٦۔ پکہٕ وُن پتھ کال (Past continuous) چھُ شُبقہٕ پکہٕ وِنِس پتھ کالس (Past perfect continuous) مٲنز۔

مذکورٕ بالا اصوٗل چھِ یمن جُملن مٲنز ورتاونہٕ آمتۍ :۔

| وَرگہٕ کتھ (Indirect speech) | سیٚدٕ کتھ (Direct speech) |
|---|---|
| تٔمۍ وٚون زِ تٔمِس اوس سُہ پسند۔ (پتھ کال)۔ | ۱۔ تٔمۍ وٚون، "میٚہ چھُ سُہ پسند" (ازکال) |
| تٔمہِ وٚون زِ تٔس اوس اوٚری گژھُن (پتھ کال)۔ | ۲۔ تٔمہِ وٚون، "میٚہ چھُ اوٚری گژھُن۔" (ازکال) |
| تٔمۍ وٚون زِ سُہ اوس بیٚیہِ دوہ نیرن وول۔ (پکہٕ وُن پتھ کال)۔ | ۳۔ تٔمۍ وٚون، "بہٕ چھُس پگاہ نیرن وول"۔ (پکہٕ وُن ازکال)۔ |

[1] تِمن جُملن ورأے یِمن مٲنز دأیمی پزر آسہِ مثلن تٔمۍ [illegible] یا تٔمۍ وٚون زِ زمین چھےٚ آفتابس أندۍ أندۍ ژھٕران۔

۴۔ تمہِ وۆن، ’’ بہٕ چھُس پگاہ نیرن تمہِ وۆن زِ سو ٲس بیٚیہِ دوہ نیرن واجینٛی‘‘۔ (پکہٕ وُن ازکال)۔ واجینٛی ۔ (پکہٕ وُن پتھ کال)۔

۵۔ تٔمۍ وۆن، ’’میٚیہ چھُ بتہٕ کھیوٚمُت‘‘۔ تٔمۍ وۆن زِ تٔمۍ اوس بتہٕ کھیومُت ۔

(شبقہٕ ازکال) (شبقہٕ پتھ کال)

۶۔ تمہِ وۆن، ’’میٚیہ چھُ بتہٕ کھیوٚمُت‘‘۔ تمہِ وۆن زِ تمہِ اوس بتہٕ کھیومُت ۔

(شبقہٕ ازکال) (شبقہٕ پتھ کال)

۷۔ تِموٕ وۆن، ’’ ٲسۍ چھِ صُبحو پیٹھہٕ کٲم تِموٕ وۆن زِ تِم ٲسۍ صُبحو پیٹھہٕ کٲم کران۔ کران‘‘۔ (شبقہٕ پکہٕ وُن ازکال) (شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال) .

۸۔ تِموٕ وۆن، ’’ ٲسۍ چھےٚ صُبحو پیٹھہٕ کام تِموٕ وۆن زِ تِم ٲسۍ صُبحو پیٹھہٕ کٲم کران۔ کران‘‘۔ (شبقہٕ پکہٕ وُن ازکال) (شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال)

۹۔ تٔمۍ وۆن‘‘ ’’بہٕ زانن سُہ‘‘ (پتھ کال)۔ تٔمۍ وۆن زِ سُہ اوس تس زانان (شبقہٕ پتھ کال)[1]

۱۰۔ تمہِ وۆن، ’’ بہٕ زانن سُہ‘‘۔ (پتھ کال) تمہِ وۆن زِ سو ٲس تس زانان۔ (شبقہٕ پتھ کال)

۱۱۔ تٔمۍ وۆن، ’’ بہ رُودُس صُبحس ژ ییٚر تام تٔمۍ وۆن زِ سُہ رُود صُبحس ژ ییر تام چِٹھہِ چِٹھہِ لیکھانٛ‘‘۔ (پکہٕ وُن پتھ کال) لیکھان۔ (شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال)

---

[1] کٲشر پأٹھۍ ہیکون یہِ جُملہٕ یتھہٕ پأٹھۍ تہِ وُنِتھ: تٔمۍ وۆن زِ سُہ زانہِ تس۔ بُلکہِ چھِ بیشتر لوکھ یہے طریقہٕ عام کِتھِ باتھہِ فرا استعمال کران۔

۱۲۔ تمہِ وۆن'' یہٕ أسس صُجس ژیر تمہِ وۆن زِسو أس صُجس ژیر تام چِھ تام چِھ لیکھان۔(پکہٕ وُن پتھ کال) لیکھان (شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال)

## ۴۔سیۆد (Direct) تہٕ ورگہٕ (Indirect) کتھن (Speechs) منٛز لفظن

## ہنٛز تبدیلی:

ییلہِ سیۆد (Direct) جُملن منٛز لفظ، جاے (Place) یا وقت (Time) ہاوان آسن تیلہِ چھِ یِم لفظ ورگہٕ (Indirect) جُملن منٛز ییمہِ آیہِ تبدیل گژھان۔ مثالے

| سیۆد کتھ (Direct speech) | | ورگہٕ کتھ (Indirect speech) |
|---|---|---|
| ۱۔ از (Today) | چھُ | تمہِ دوہ (That day) منٛز۔ |
| ۲۔ ازراتھ (Tonight) | چھُ | تمہِ رأژ (That night) منٛز۔ |
| ۳۔ راتھ (Yesterday) | چھُ | یِورأژ (The day before) منٛز |
| ۴۔ پتمہِ رأژ (Last night) | چھُ | تمہِ پتمہِ رأژ (The previous night) منٛز۔ |
| ۵۔ پتمہِ ہفتہٕ (Last week) | چھُ | تمہِ پتمہِ ہفتہٕ (The previous week) منٛز |
| ۶۔ نِو ہفتہٕ (Next week) | چھُ | یِنہٕ والہِ ہفتہٕ (The following week) منٛز۔ |
| ۷۔ یِیتہٕ (Here) | چھُ | تتہٕ (There) منٛز۔ |
| ۸۔ ووٚنی (Now) | چھُ | تیٚلہِ (Then) منٛز |

۹ ۔ پگاہ (Tomarrow) چھُ بیٚیہِ دوہ (The next day) منٛز ۔

۱۰۔ گر (When) چھُ تیٚلہِ (Then) منٛز تبدیل گوٚھان۔

## ۵۔ سیوٚدٕتہٕ ورگہِ کتھن منٛز اشارٕ ناوٕ :

| سیوٚد کتھ Direct speech | ورگہِ کتھ Indirect speech | | |
|---|---|---|---|
| | نر (Masculine) | ماد (Feminine) | جمع (Plural) |
| ۱۔ بہٕ (I) | سُہ (He) | سو (She) | تِم (They) |
| ۲۔ مےٚ (me) | تمۍ (He) | تمہِ (She) | تِمو (They) |
| ۳۔ میون (My) | توہنٛد (His) | تہنٛد (His) | تہنٛد (Their) |
| ۴۔ ژٕ (You) | سُہ (He) | سو (She) | تِم (They) |
| ۵۔ ژےٚ (You) | تمۍ (Him) | تمہِ (Her) | تِمو (They) |
| ۶۔ چون (Your) | تمۍ سُنٛد (His) | تمۍ سُنٛد (Her) | تہنٛد (Their) |
| ۷۔ أسۍ (We) | | | تِم (They) |
| ۸۔ اَسہِ (us) | | | تِمن (Them) |

### ۰۶ پرِژھن جُملہٕ (Interrogative sentences):

ورگہٕ کتھ چھےٚ ہمیشہِ بیانِکس صوٗرتس منٛز آسان ۔ یِمہِ کِنی ورگہٕ جُملٕکس أخرس پٮ۪ٹھ سوالی نشانہٕ لاگنٕچ ضروٗرتھے چھنہٕ پیوان ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ کراوتی لفظ گر، کوٚر بیترِ چھنہٕ ورگہٕ جملس منٛز استعمال سپدان ۔ یِیلہِ زن سیوٚد جُملہٕ وٕنِس منٛز اَمہِ قسمکی لفظ اہم رول اداچھِ کران ۔ تتھے پأٹھی چھُ سیوٚد کتھِ (Direct speech) ہُنٛد لفظ ''وۄن'' (Said to) ورگہٕ کتھِ (Indirect speech) منٛز لفظ پرِژھُن (Asked) بنان ۔ مثالے

| ورگہٕ Indirect | سیوٚد Direct |
| --- | --- |
| تمہِ پرٛژھ مےٚ زِ بہٕ کیاہ اوسُس کران ۔ | ۱۔ تمہِ ووٚن مےٚ ''ژٕ کیاہ چھُکھ کران'' ۔ |
| تمی پرُژھ مےٚ زِ بہٕ کیاہ اوسُس کران ۔ | ۲۔ تمی ووٚن مےٚ ''ژٕ کیاہ چھُکھ کران'' ۔ |

سیوٚد کتھِ منٛز چھِ کیا، زِ، کتِ، تہٕ کُس بیترِ لفظ تہِ سوالیہ یا پرِژھن لفظٕچ کأم دِوان ۔ ہرگاہ یِم لفظ موجوٗد آسن نہٕ تتھ صوٗرتس منٛز چھُ وَنہٕ وُن کراوتس (Reported verb) پتہٕ 'آیا' یا 'کیاہ' جورنہٕ یوان بلکہِ چھُ وَنہٕ مِژ کتھِ (Reproted speech) منٛز ناوتہِ (Noun) یا اشارٕ ناوتہِ (Pronoun) پتہٕ 'ما' تہٕ رلاونہٕ یِوان تہٕ باضے چھُ کراوتس پتہٕ ''یا'' اضافہٕ گژھتھ سوالی ورگہٕ جُملہٕ تھٲنہٕ پیوان ۔ مثالے ۔

| ورگہٕ Indirect | سیوٚد Direct |
|---|---|
| تُمۍ پرٛژھ میٚہ آیا میٚہ أسیا بادام پسند۔ | ۱. تُمۍ ووٚن میٚہ "ژےٚ چھِیا بادام پسند"۔ |
| تُمۍ پرٛژھ تِمَس زِ آیا تُمۍ کُرہ پٔنٕنۍ کاٗم۔ | ۲. تُمۍ ووٚن تِمَس "ژےٚ کُرتھاہ پٔنٕنۍ کاٗم"۔ |
| تُمۍ پرٛژھ تِمَس زِ تُمۍ کرٕ ے یا پٔنٕنۍ کاٗم۔ | ۳. تُمۍ ووٚن تِمَس "ژےٚ کُرتھاہ پٔنٕنۍ کاٗم"۔ |

۷. سیوٚد تہٕ ورگہٕ کتھِ منٛز گذأرشہِ، ٹھاکھ تہٕ حُکمہٕ جُملہٕ:

۱. ماشٹرن ووٚن تِمَس "مہربأنی کُرِتھ ترأوِتو چایہ کھنڈ۔ (سیوٚد کتھ)

ماشٹرن کوٚر عرض تِمَس زِ چایہ ترٛاوکھنڈ۔ (ورگہٕ کتھ)

۲. ماشٹرن ووٚن میٚہ "اَپُز گوٚھنہٕ وَنُن"۔ (سیوٚد کتھ)

ماشٹرن کوٚر میٚہ منع زِ اَپُز گوٚھنہٕ وَنُن"۔ (ورگہٕ کتھ)

یہِ کتھ ییہِ یِتھہٕ کٕنی تہٕ وننہٕ:- ماشٹرن کوٚر میٚہ اَپُز وَنَنس منع یا ماشٹرن کوٚر میٚہ منع اَپُز وَنَنس۔

۳. ماشٹرن ووٚن پننس نوکرس "کر پٔنٕنۍ کاٗم"۔ (سیوٚد کتھ)

ماشٹرن کوٚر (دیُت) پننس نوکرس حُکم زِ سہ کُرِن پٔنٕنۍ کاٗم (ورگہٕ کتھ)

۸. یِم چھِنہٕ تبدیل گوٚھان:-

۱. اگر وننہٕ آمِژ کتھ (Reported speech) منٛز عالمی پزٕر (Universal truth) یا

عادات بیان آسن کرنہٕ آمتی، تمن منز چھنہٕ کہنے تبدیلی یوان مثالے۔

١۔ "زمین چھیہ آفتابس أندی أندی نژان"، ووّن ماشٹرن۔ (سیوٚد کتھ)

ماشٹرن ووّن زِ زمین چھیہ آفتابس أندی أندی نژان۔ (ورگہٕ کتھ)

٢۔ ارسطوَن ووّن "انسان چھُ سمأجی حیوان"۔ (سیوٚد کتھ)

ارسطوَن ووّن زِ انسان چھُ سمأجی حیوان۔ (ورگہٕ کتھ)

٣۔ میہ چھُ قہوٕ پسند "میأنی دوستن ووّن"۔ (سیوٚد کتھ)

میأنی دوستن ووّن زِ تِمس چھُ قہوٕ پسند۔ (ورگہٕ کتھ)

٢۔ اگر ونہٕ آمِژ کتھ منز کہاوتھ آسہٕ، تتہٕ منز چھنہٕ کہنے تبدیلی یوان ۔مثالے

١۔ ماشٹرن ووّن "پرٕ بتھ کانہہ چمکوُن چیز چھنہٕ سون آسان"۔ (سیوٚد کتھ)

ماشٹرن ووّن زِ پرٕ بتھ کانہہ چمکوُن چیز چھنہٕ سون آسان۔ (ورگہٕ کتھ)

٢. افلاطونن ووّن "انسان چھُ غلطی ہُنٛد"۔ (سیوٚ دکتھ)

افلاطونن ووّن زِ انسان چھُ غلطی ہُنٛد۔ (ورگہٕ کتھ)

## مشق کرِو:

١. سیوٚدتہٕ ورگہٕ کتھہ کرِو وضاحت۔

٢. سیوٚدتہٕ ورگہٕ کتھن ہنٛدی اشارٕ ناوٕتی کم چھِ۔

٣. پگاہ، کر، راتھ، ازتہٕ ووٚنی کرِو ورگہٕ کتھہِ منز تبدیل۔

۴. کمن کتھن منز چھنہٕ "وننہٕ آمِژ کتھ" بدلان۔

۵. یم جُملہٕ بدلاوِو ورگہٕ کتھن منز۔

۱. حمید چھُ ونان "بہٕ چھُس بلکُل پۄز ونان"۔

۲. کامران ونِ "میٚہ کھیوٚ ونتہٕ"۔

۳. مالِک ووٚن تِمس "مہربأنی کرِتھ تژ اوچایہِ نؤن"۔

۴. تِمۍ ووٚن "بہٕ اوسُس تتھۍ"۔

۵. کامہٕ دِون ووٚن "أسۍ چھِ راتہٕ پتھٕ آورۍ"۔

۶. میٚہ چھُ پگاہ نیرُن "رُستمن ووٚن"۔

## حرکتھ (Active) تہٕ بے حرکتھ (Passive) جُملہٕ

جُملہٕ چھِ دوٚیہِ طریقہٕ ورتاونہٕ یوان۔ اکھ گیہِ تم جُملہٕ یم حرکژل (Active) آسن تہٕ بیاکھٕ قسم گوٚ وسُہ یُس نہٕ حرکتھ کرِ یعنی بے حرکتھ (Passive)۔

حرکژل جُملہٕ (Acitve sentences):- اگر جُملس منز کراوتیج (Verb) حرکتھ کراولہٕ (Subject) پتھٕ کروومتس (Object) گُن تران آسہِ، زانُن گژھہِ جُملہٕ چھُ حرکژل۔ مثلن

| | |
|---|---|
| ۱۔ لۄکھ چھِ پننِۍ ماجہِ زیوٗ مُشراوان۔ | ۲۔ میٚہ چھےٚ موج سِنٛز پیار کران۔ |
| ۳۔ اَسہِ کھولُکھ ژٕ ژورمہِ جماژ۔ | ۴۔ میٚہ بنأوی یم صندوق کشیرِ منز۔ |

یِمن جُملن منز چھُ مۄشراوان، کران، کھولکھ تہٕ بناوٕی لفظ کراوُت (Verb)۔

لۄکھ، میٚہ تہٕ اَسہِ لفظ چھِ کراول (Subject) تہٕ ماجہِ زیو، پیار، ژۄ رمہِ جمأژ تہٕ صندوق لفظ چھِ کرووٕنتی (Object)۔ گۄ ویمن جُملن منز چھیٚہ لۄکھ، میٚہ تہٕ اَسہِ کراول لفظو پیٹھ بل ترتیب ماجہِ زیو، موج، ژٕ تہٕ صندوق لفظن کُن حرکتھ تران۔

بے حرکتھ یعنی حرکتھ نہ کرن (Passive) وألی جُملہٕ:- یِم جملہٕ حرکژٕل عنوانس تل پیش آیہ کرنہٕ یِمہٕ بناووأسی بے حرکژ جُملہٕ۔ مثلن

۱۔ ماجہِ زیو چھے لۄکن ہِندِ دٕسی مۄشراونہٕ یوان۔

۲۔ ماجہِ ہِندِ دٕسی چھُ میٚہ سٕخ پیار یوان کرنہٕ۔

۳۔ ژٕ آکھ سانہٕ دٕسی ژۄ رمہِ جمأژ کھالنہٕ۔

۴۔ یِم صندوق آیہِ میانہٕ دٕسی کٔشیر منز بناونہٕ۔

ماجہ، ژٕ تہٕ یِم چھِ کراول مگر بے حرکتھ۔ یِمن جُملن منز چھُنہٕ حرکتھ کراولہٕ پیٹھٕ بروٚنہہ پکان۔ لِحازٕ چھِنہٕ یِم حرکژٕل جُملہٕ مانُنہٕ یوان بلکہِ بے حرکتھ۔

حرکتھ تہٕ بے حرکتھ جُملن منز کالچ (Tense) تبدیلی:

| بے حرکژ جُملہٕ | حرکژ جُملہٕ |
|---|---|
| یِم قلم آیہِ سانہٕ دٕسی گرنہٕ۔ | ۱۔ اَسہِ گرٕی یِم قلم۔ (از کال)۔ |

| | |
|---|---|
| ۲۔ اَسہِ پُرٕ یہِ کتاب (از کال)۔ | یہِ کتاب آیہِ سانہِ ذٕسی پرنہٕ۔ |
| ۳۔ لُوکو کوٚر تِمُس تقریرس دوران ژرِ پوٚپ (پتھ کال)۔ | تِمُس آو تقریرس دوران ژرِ پوٚپ کرنہٕ یا تِمُس آو لُوکن ہٕندی ذٕسی تقریرس دورن ژرِ پوٚپ کرنہٕ۔ |
| ۴۔ عدالتن بوٗج تِمُس پھاٗسی (پتھ کال)۔ | تِمُس آیہِ عدالتہٕ ذٕریہِ پھاٗسی بولنہٕ۔ |
| ۵۔ منسٹر بٲ گراوِ ینامہٕ (یِنہٕ وول کال)۔ | ینامہٕ یِن منسٹر سِندِ ذٕسی بٲ گراونہٕ۔ |
| ۶۔ بہٕ ہیمنہٕ کونگ مُلی۔ (یِنہٕ وول کال)۔ | کونگ یِیہِ نہٕ میانہِ ذٕسی مُلی ہیٚنہٕ۔ |
| ۷۔ اَسہِ اوس اوترِ جواب سوٗزمُت (شبقہٕ پتھ کال)۔ | سانہِ ذٕسی اوس جواب اوترِ سوزنہٕ آمُت۔ |
| ۸۔ تِمہٕ چھِ گرٕ جُس منز گیوان۔ (پکہٕ وُن از کال)۔ | گرٕ جُس منز چھُ تِہندِ ذٕسی گیونہٕ یِوان۔ |
| ۹۔ اِنکم ٹیکس افسر اوس تِمن آمدنی متعلق پرٛژھان (پکہٕ وُن پتھ کال)۔ | تِمن اوس اِنکم ٹیکس افسر سِندِ ذٕسی آمدنی متعلق پرٛژھنہٕ یِوان۔ |

حرکژتہٕ بےٚ حرکژ جُملن ہٕندی بدل وِنی لفظ۔

بہٕ، چھُ، میانہ ذٕسی/میانہِ اَتھی/میانہِ ذٕریعہٕ منز بدلان۔

ژٕ ، چھُ ، چانہِ ڈٕسی / چانہِ أتھی / چانہِ ذٕریعہٕ مٔژ بدلان۔

أسۍ ، چھُ ، سانہِ ڈٕسی / سانہِ أتھی / سانہِ ذٕریعہٕ مٔژ بدلان۔

تُہۍ ، چھُ ، تُہندِ دٕسی / تُہندِ أتھی / تُہندِ ذٕریعہٕ مٔژ بدلان۔

تم ، چھُ ، تہندِ ڈٕسی / تہندِ أتھی / تہندِ ذٕریعہٕ مٔژ بدلان ۔

سُہ ، چھُ ، تٔمۍ سٕندِ ڈٕسی / تٔمۍ سٕندِ أتھی / تٔمۍ سٕندِ ذٕریعہٕ مٔژ بدلان۔

حرکژ تہٕ بےٚ حرکژ جُملہٕ:

| بےٚ حرکژ (Passive) | حرکژ (Active) |
|---|---|
| سبق آو مہوشنہِ ڈٕسی پرنہٕ۔ | ۱۔ مہوِشن پوٚر سبق۔ |
| بتہٕ چھُ یوان نیلوفرنہِ ڈٕسی کھنہٕ۔ | ۲۔ نیلوفر چھےٚ بتہٕ کھوان۔ |
| تہندِ ڈٕسی آیہٕ تُمس زمین مٔلی ہٮ۪نٛج پیش کش کرنہٕ۔ | ۳۔ تُمس گٔر تمو زمین مٔلی ہٮ۪نٛج پیش کش۔ |
| کأشُر چھا چانہِ ڈٕسی بولنہٕ یوان۔ | ۴۔ ژٕ ے چھیا کأشُر بولُن تگان۔ |
| یٮ۪تہِ چھا تہندِ ڈٕسی گِندنہٕ یوان۔ | ۵۔ تم چھا یٮ۪تہٕ گِندان۔ |
| ژٕ ے چُھیا تہندِ ڈٕسی مدد یوان کرنہٕ۔ | ۶۔ تم چھیا ژٕ ے مدد کران۔ |
| نٮ۪ندٕر آسہٕ تٔمۍ سٕندِ ڈٕسی کرنہٕ یوان۔ | ۷۔ سُہ ادسہٕ نٮ۪ندٕر کران۔ |

## مشق کٔرِو:

۱. حرکژِتہٕ ہےٚ حرکژ جُملن ہنٛز کٔرِو وضاحت۔ مثالہٕ دِتھ۔

۲. یِم جُملہٕ بدلأیہٕ وُکھ حرکژل جُملن منٛز۔

۱. سُہ چھُ بتہٕ کھیوان۔ ۲. تٔمۍ ووٚن ژورژورگیہٕ اُٹھ۔

۳. تِموٚلوٚن دانہٕ۔ ۴. تِمَس چھُنہٕ کمپیوٹرتگان چلاوُنۍ۔

### کالہٕ ورتاو Use of tense

کأشرِ پأٹھۍ چھِ کال وقتس وَنان۔ فارسی تہٕ اُردو پأٹھۍ چھُ کال لفظُک مُتبادِل زمانہٕ تہٕ انگریزی گرامرس منٛز چھُ کال لفظ باپتھ ٹینس (Tense) ورتاونہٕ یِوان۔ کال لِفظ چھُ گرامرس منٛز وقتِچ حرکتھ تہٕ اَچ عمل بیترِ ہاوان۔

کأنٛہہ تہٕ زبان چھیٚہ کالہٕ ورتاوٕ حِسابہٕ ترٚین حِصن منٛز بأگرا وِتھ:

۱. ازکال (Present tense)۔

۲. پتھ کال (Past tense)۔

۳. یِنہٕ وول کال (Future tense)۔

۱. ازکال (Present tense): ییتھ جُملس یا کتھِ منٛز کراوتچ حرکتھ موجودٕ زمانہٕ ہاوان آسہِ، تتھ چھِ ازکال وَنان۔ مثلاً

۱. سُہ چھُ بہترین کأشُر بولان۔ ۲. سو چھیٚہ بڈٕ خوٗبصورت۔

۳. سانہٕ چھُ رُحک غذا۔ ۴. از چھیٚہ بأرش پیوان۔

۵. کٔشیرِ[۱] چھیٚہ دزان۔ ۶. لُکھ چھِ مران۔

۷. لوڈو[۱] چھُ دِوری کنوٕ باپتھ مشہوٗر۔ ۸. منڈبک یالہٕ[۲] چھُ سید نعمہٕ صأبن آستان۔

---

[۱] لوڈو چھُ پانپرِ پٔٹھ ۷ کلومیٹر دوٗر تہٕ لالچوک پٔٹھ ۲۰ کلومیٹر۔ اتہٕ چہِ دِورِ کنہٕ چھیٚہ سبٹھاہ مشہوٗر۔ [۲] لوڈوٕ پٔٹھہِ ساڑِ ترٛےٚ کلومیٹر دوٗر راکھ گام ییٚتہٕ بروٗنٛہہ کالہٕ دِوری کنہٕ نیران آسہٕ۔ لتہٕ چھِ ازتہٕ کأنٛہہ کٔنہِ دان تہٕ کٔنہِ لھانہٕ۔ سید نعمہٕ صاب چھُ ہدِ پایک بزرگ اوٚسمت۔

۲۔ پتھ کال (Past tense): کراوتچہٕ تتھ عملہٕ یتھ منٛز وقتچ حرکتھ مُکمل آسہِ گٔمرٕ، چھِ پتھ کال ونان۔ دۄ یمبن لفظن منٛز چھِ پتھ کال تتھ ونان۔ یتھ منٛز کانٛہہ کأم کرنٕک تعلق گذریمتس زمانس سٕتی آسہِ۔ مثلاً

۱۔ سُہ گوٚو راتھ دِلہِ۔ ۲۔ راتھ اوس سیٹھ گرم۔

۳۔ پانپرٕ کی کونگ اوس مانہٕ یوان۔ ۴۔ ووتٕی پوٗرچ جیرٕ آس مشہور۔

۵۔ شیرِ کشمیر اوس کأشرن ہُنْد اہم لیڈر۔ ۶۔ سُہ موٚد ژورٕ ژوری بروٗنٛہہ۔

۷۔ پرویز اوس سٹھاہ رُت انسان۔ ۸۔ اوتار اوس سیٹھ محنتی لڑکہٕ۔

گوٚو، اوس، آس تہٕ موٚد کراوِتی چھِ پتھ کألچ مکمل عمل ہاوان۔

۳۔ یِنہٕ وول کال (Future tense): یِیلہِ کراوتچ عملی حرکتھ یِنہٕ وألس زمانس بیان آسہِ کران، زانُن گژھہِ یہِ چھُ یِنہٕ وول کال۔ مثالے

۱۔ جاوید گژھہِ پگاہ آگرہ۔ ۲۔ أسی کرَو تِہُنٛس خاندر۔

۳۔ پگاہ آسہِ رُوٗد پیوان۔ ۴۔ سُہ یِیہِ کأٹی کیتھ۔

۵۔ سُہ کھییہِ پانے بتہٕ۔ ۶۔ سُہ گژھہِ پگاہ دِلہِ۔

۷۔ بہٕ ہیچھناوتھ ژہیٚندی۔ ۸۔ سُہ وَنہِ میہ پانے۔

گژھِ، کرَو، آسہِ، یِیہِ، کھییہِ، ہیچھناوِ تہٕ وَنہِ کراوِتی چھِ یِنہٕ والہِ کألچ باوتھ کران۔

از کال، پتھ کال تہٕ یِنہٕ وول کال چھُ پزٕ بتھ کُنہِ زبأنی منٛز مزید ژورن ژورن کالن منٛز تقسیم سپدان:۔

۱۔ از کال (Present tense): یہِ چھُ یمن ژورن کالن منٛز بأگراوتھ۔

ا۔ بے شبقہٕ از کال۔ ب۔ شبقہٕ از کال۔

ج۔ پکہٕ وُن از کال۔ د۔ شبقہٕ پکہٕ وُن از کال۔

ا۔ بےٚ شبقہٕ از کال(Simple present tense): یٖیلہِ کال موجوٗدٕ زمانہٕ ہاونہٕ باپتھ استمال کرنہٕ یِیہِ۔ تتھ چھِ بےٚ شبقہٕ از کال ونان۔ یہِ کال چھُ کراوتِچہٕ (Verb) بُنیاًدی ساختہٕ نِشہِ بناونہٕ یِوان۔ یہِ چھُ سُہ کال یعنی وق ہاوان یُس ہمیشہِ حرکتس تہٕ عملہِ منٛز روزان چھُ۔ مثلن

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ا۔ سُہ چھُ کأشُر بولان۔ | He speaks Kashmiri. |
| ۲۔ أسی چھِ کأشُر بولان۔ | We speak Kashmiri. |
| ۳۔ ژٕ چھکھ کأشُر بولان۔ | You speak Kashmiri. |
| ۴۔ سو چھےَ کأشُر بولان۔ | She speaks Kashmiri. |
| ۵۔ تمہٕ چھےٚ کأشُر بولان۔ | They speak Kashmiri. |

سارِنے کالن بشمولہِ بےٚ شبقہٕ ازکالس منٛز چھےٚ جنسہٕ تہٕ گرٛزٕ حسابہٕ تہٕ تبدیلی یِوان۔ مثالے

بےٚ شبقہٕ از کالچ بناوٹھ (Simle present tense):

| | أکم شخص | | دوٚیم شخص | | تریٚم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| جنس | واًحد | جمع | واًحد | جمع | واًحد | جمع |
| نر | بہٕ چھُس پران۔ | أسی چھِ پران۔ | ژٕ چھکھ پران۔ | تُہی چھِو پران۔ | سُہ/ہہٕ چھُ پران | تم/ہم چھِ پران۔ |

| | | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ماد | یہ پھس پران۔ | أسی چھ پران۔ | ژٕ چھکھ پران۔ | تُہی چھو پران۔ | سو/ ہو چھ پران۔ | تمہٕ/ ہُمہٕ چھ پران۔ |

ب۔ شبقہٕ ازکال (Present perfect tense): یہ کال چھُ کاتھہ حرکتھ تہٕ تَمِچ عمل مکمل کران بٔلکہٕ ہکوٚ یہ کتھ یتھہٕ کٔنزٔ نتھ زِ انسان چھُ ازکالس منز روٗزِتھ کُنہٕ مکمل سپز مرِ حرکژ ہنز ذکر کران۔ مثالے

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱۔ میٚہ چھُ پوٚرمُت یہ صفہٕ۔ | I have read this page. |
| ۲۔ اَسہِ چھِ پرٔیمتیٚ یِم صفہٕ۔ | We have read these pages. |
| ۳۔ توہہِ چھِو پرٔیمتیٚ یِم صفہٕ۔ | You have read these pages. |
| ۴۔ تمہِ چھِ پرٔیمتیٚ یِم صفہٕ۔ | She has read these pages. |
| ۵۔ تموٚ چھِ پرٔیمتیٚ یِم صفہٕ۔ | They have read these pages. |

شبقہٕ ازکال Present perfect tense تہٕ اَمِچ بناوَتھ:

| جنس | أکم شخص | | دوٚیم شخص | | تریٚم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| نر | میٚہ چھُ پوٚرمُت۔ | اَسہِ چھُ پوٚرمُت۔ | ژٕے چھُتھ پوٚرمُت۔ | توہہِ چھُوٚ پوٚرمُت۔ | تٔمۍ/ۂمۍ چھُ پوٚرمُت۔ | تموٚ/ہموٚ چھُ پوٚرمُت۔ |
| ماد | میٚہ چھُ پوٚرمُت۔ | اَسہِ چھُ پوٚرمُت۔ | ژٕے چھُتھ پوٚرمُت۔ | توہہِ چھُوٚ پوٚرمُت۔ | تمہِ/ہُمہِ چھُ پوٚرمُت۔ | تموٚ/ہموٚ چھُ پوٚرمُت۔ |

ج۔ پکہٕ وُن ازکال (Present continuous tense): کأشرِس منز چھُ

پکہٕ وِنہِ ازکالہِ بدلہٕ بےٚ شبقہٕ ازکال تہٕ کأم دِوان۔ اتھ کالس منٛز چھُ ہاونہٕ یوان زِوُنی کبس کتھ عملہِ منٛز چھُ کراوُت۔ مثلاً

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی جُملہٕ |
|---|---|
| ۱۔ بہٕ چھُس چِٹھی لیٚکھان [1]۔ | I am writing a letter. |
| ۲۔ سُہ چھُ چِٹھی لیکھان۔ | He is writing a letter. |
| ۳۔ سوٚ چھےٚ چِٹھی لیٚکھان۔ | She is writing a letter. |
| ۴۔ ژٕ چھکھ کتاب پرٛان۔ | You are reading a book. |
| ۵۔ تِم چھِ ساز ہیٚچھان۔ | They are learning music. |

## پکہٕ وُن ازکال (Present continuous tense) تہٕ اَمِچ بناوٹھ:

| جنس | أکم شخص | | دوٚیم شخص | | تریم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| نر | بہٕ چھُس پرٛان/ پرٛوُن [2]۔ | أسۍ چھِ پرٛان/ پرٛوٕنۍ۔ | ژٕ چھکھ پرٛان/ پرٛوُن۔ | تۄہۍ چھِو پرٛان/ پرٛوٕنۍ۔ | سُہ/ ہُہ چھُ پرٛان/ پرٛوُن۔ | تِم/ہِم چھِ پرٛان/ پرٛوٕنۍ۔ |

---

[1] کأشرِس منٛز ہیکون یہِ جُملہٕ یِمہٕ آیہِ وَنِتھ: بہٕ چھُس چِٹھی لیٚکھِ وُن ہیتھ۔ تاہم چھُ ہیٚر ہے جُملہٕ عام طور ورتاونہٕ یوان [2] بہٕ چھُس پرٛان تہٕ اتھ چالس منٛز ہاونہٕ آمتۍ باقۍ جُملہٕ چھِ بیشتر پأٹھۍ پکہٕ وُن ازکال ہاوان تہٕ اکثر چھِ کأشرِ زبأنۍ منٛز پکہٕ وِنہِ ازکالٕچ کتھ باتھ اَمی طریقہٕ یوان کرنہٕ۔ تاہم چھِ یِمہٕ آیہِ تہِ پکہٕ وِنہِ کالٕچ کتھ سپدان مثلن "یہِ چھُ پرٛوُن لُڑکہٕ"۔ پروفیسر شفیع شوق تہٕ ناجی منور چھُ پکہٕ وِنِس کالہٕ جُملن منٛز "وُن" بدلہٕ "آن" استعمال کرنس ترجیحی دِوان تہٕ وۄہے طریقہٕ چھُ کأشرِ لسأنۍ اعتبارٕ ہِنہٕ یادٕ صحی۔

| | | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ماد | بہٕ چھس پرٲن / پرٕونۍ۔ | أسۍ چھہٕ پران / پرٕونۍ۔ | ژٕ چھکھ پران / پرٕونۍ۔ | تُہۍ چھو پران / پرٕونہٕ ۔ | سو / ہو چھہٕ پران / پرٕونۍ ۔ | تم / ہم چھےٚ پران / پرٕونہٕ |

و۔ شبقہٕ پکہٕ وُن[1] ازکال (Present perfect continuous tense):

یہِ کال چھُ کینژِ یا کُنہِ مخصوص وقتہِ پیٹھہِ جأری روز مرٕژ حرکتھ ہاوان۔ یوسہٕ کتھ کرنہٕ وِزِتہِ جأری چھیٚہ آسان۔ مثلن

| کأشُر جملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱۔ بہٕ چھُس چِٹھی لیکھان روٗدمُت۔ | I have been writing a letter. |
| ۲۔ ژٕ چھکھ چِٹھی لیکھان روٗدمُت۔ | You have been writing a letter. |
| ۳۔ سُہ چھُ چِٹھی لیکھان روٗدمُت۔ | He has been writing a letter. |
| ۴۔ بہ چھُس نہٕ چِٹھی لیکھان روٗدمُت۔ | I have not been writing a letter. |
| ۵۔ سُہ چھا چِٹھی لیکھان روٗدمُت۔ | Has he been writing a letter. |
| ۶۔ تم چھِنہٕ چِٹھی لیکھان روٗدٕمتۍ۔ | They have not been writing a letter. |
| ۷۔ أسۍ چھا چِٹھی لیکھان روٗدٕمتۍ۔ | Have we been writing a letter. |

[1] شبقہٕ پکہٕ وِنٕمن کالن یعنی شبقہٕ پکہٕ وُن ازکال، شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال تہٕ شبقہٕ پکہٕ وُنہٕ یِنہٕ والہِ کالہٕ باپتھ چھہٕ ورتاونہٕ یوان۔ گوٚمُت، روٗدمُت، آمُت تہٕ ووتھمُت بیترِ۔ یعنی، بہٕ چھس صبحو پیٹھہٕ یا دویو گنٹو پیٹھہٕ پران۔ یہٕ جُملہٕ چھُ یِمہٕ آیہِ تہٕ ورتاوُن صحی یِیٚہ تام لسأنی اصولن ہُنٛد تعلق چھُ۔ یعنی أسۍ چھہِ راتہٕ پیٹھہٕ پرٕونۍ روٗدٕمتۍ۔ تاہم چھیٚہ عام یا دوہ دِنچہِ زبأنۍ منز اَمہِ کالہٕ باپتھ کراوتھ اُخرس "کِنہٕ آں" آوازٕ ے زیادٕ استعمال سپدان نہ کہِ مُت، مٕتۍ یا دٕن بیترِ۔

د۔ شبقہٕ پکہٕ وِنہٕ اَز کاںٛج بناوَٹھ:

| جنس | اُکم شخص | | دوٚیم شخص | | ترٛیم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| نر | بہٕ چھُس پران/پروٗن روٗدمُت | أسی چھِ پران/پرٕنی روٗدی متی | ژٕ چھکھ پران/ پروٗن روٗ دمُت | تُہی چھِو پران/ پرٕنی روٗدی متی | سُہ/ہُہ چھُ پران/ پروٗن روٗ دمُت | تم/ہم چھِ پران/ پرٕنی روٗدی متی |
| ماد | بہٕ چھُس پران/پرٕنی روزمٕژ | أسی چھیہٕ پران/ پرٕنہٕ روزمَژ | ژٕ چھکھ پران/ پرٕنی روزمٕژ | تُہی چھوٕ پران/ پرٕنہٕ روزمَژ | سو/ہو چھَ پرٕنی/ پران روزمٕژ | تمہٕ/ہمہٕ چھَ پران/پرٕنہٕ روزمَژ |

۲۔ پتھ کال (Past tense):- پتھ کال چھُ ژون حصن منز بأگرأوِتھ۔

ا۔ بےٚ شبقہٕ پتھ کال     ب۔ شبقہٕ پتھ کال۔

ج۔ پکہٕ وُن پتھ کال     د۔ شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال۔

ا۔ بے شبقہٕ پتھ کال[1] (Simple past tense): ییٚلہِ کراوتچ حرکتھ گذریمتس زمانس منز اندآسہِ واتان، تتھ چھِ بےٚ شبقہٕ پتھ کال ونان۔ مثالے

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱۔ مےٚ لیٚچھ چِٹھی۔ | I wrote a letter. |

[1] بےٚ شبقہٕ پتھ کالکِس جُملس ءِستی چھُ لفظ راتھ، اوتر، پرٛس تہٕ یوٚ متر تہٕ استمال گوھان مثلن بہٕ اوُسس راتھ تیأری پکان۔ میٚہ ہُو چھ سُہ اوتر۔

۲۔ اَسہِ لیچھ چِٹھۍ۔ We wrote a letter.

۳۔ تٕمۍ لیچھ چِٹھۍ۔ He wrote a letter.

۴۔ میٚہ لیچھ نہٕ چِٹھۍ۔ I did not write a letter.

۵۔ میٚہ لیچھا چِٹھۍ۔ Did I write a letter.

بےٚ شبقہٕ پتھ کالُچ بناوَٹھ:

| ترٛیم شخص | | دوٚیم شخص | | أکم شخص | | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| جمع | واُحد | جمع | واُحد | جمع | واُحد | جنس |
| تِمو/ہُمو پٔوٚر۔تِم/ہُم أسی پران۔ | تٔمۍ/ہُم پوٚز۔سہٕ/ہُہ اوس پران۔ | توہہِ پوٚزِو۔تُہۍ أسِو پران۔ | ژٕےٚ پوٚرُتھ۔ژٕ اوسکھ پران۔ | اَسہِ پوٚز۔أسی أسی پران۔ | میٚہ پوٚز۔بہٕ اوسُس پران۔ | نر |
| تِمو/ہُمو پوٚرتِمہٕ/ہُمہٕ آسہٕ پران۔ | تٔمہِ/ہُمو پوٚر۔سوٚ/ہوٚ آس پران۔ | توہہِ پوٚرِو۔تُہۍ آسِو پران۔ | ژٕےٚ پوٚرُتھ۔ژٕ أسکھ پران۔ | اَسہِ پوٚز۔أسی آسہٕ پران۔ | میٚہ پوٚر۔بہٕ أسُس پران۔ | مادٕ |

ب۔ شبقہٕ پتھ کال Past perfect tense:۔شبقہٕ پتھ کالس منٛز چھیٚہ زٕ حرٕکتھ۔ اکھ حرکتھ چھیٚہ اندواتان تہٕ بیاکھ چھیٚہ شروع آسان گٔمٕژ۔ تاہم چھیٚہ دوشوٚے حرکژ پتھ کالہٕ ہٕندۍ مثلن

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱. میٚہ أس چِٹھۍ لیٚچھمٕژ۔ | I had written a letter. |
| ۲. توہہِ أسوٕ چِٹھۍ لیٚچھمٕژ۔ | You had written a letter. |
| ۳. میٚہ أساہ چِٹھۍ لیٚچھمٕژ۔ | Had I written a letter. |
| ۴. توہہِ أسواہ چِٹھۍ لیٚچھمٕژ۔ | Had you written a letter. |
| ۵. تمو اوس مکانہٕ بنووُمُت۔ | They had built the house. |

یِمن جُملن منٛز چھےٚ اکھ حرکتھ نٔژ۔ وُچھو گوڈنیُک جُملہٕ ییہِ چھُ مکمل جُملہٕ۔ اگر صحی سنوتیٚلہِ گژھِ ضرور ییہِ سوال پأدٕ زِ اگر أس مُیٚہ ' چِٹھۍ لیٚچھمٕژ۔ باسان چھُ شاید چھُ وَنن وألس بیٚیہ تہِ کیاہ تام وَنُن۔ اگر یِم جُملہٕ یِتھہٕ پأٹھۍ ونو:

۱. میٚہ أس چِٹھۍ لیٚچھمٕژ ییٚلہِ سُہ آو۔ ۲. توہہِ أسوٕ چِٹھۍ لیٚچھمٕژ ییٚلہِ تِم وأتۍ۔

۳. میٚہ أساہ چِٹھۍ لیٚچھمٕژ ییٚلہِ سُہ آو۔ ۴. توہہِ أسواہ چِٹھۍ لیٚچھمٕژ ییٚلہِ بہٕ آس۔

یِتھہٕ پأٹھۍ چھیٚہ دۆیِم حرکتھ واضع پأٹھۍ بروٚنہہ کُن یوان۔

## شقہٕ پیٹھ کالیچ بناوَٹھ:

| جنس | أکم شخص | | دۆیِم شخص | | تریٚم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
| نر | میٚہ اوس پۆرمُت۔ | اَسہِ اوس پۆرمُت۔ | ژٕے اوسُتھ پۆرمُت۔ | توہہِ اوسِو پۆرمُت۔ | تمۍ اوس پۆرمُت۔ | تمو/ہمو اوس پۆرمُت۔ |

| ماد | میہ اوس پوٚ رمُت۔ | اسہِ اوس پوٚ رمُت۔ | ژٕ ے اوسُتھ پوٚ رمُت۔ | توہہِ اوسِو پوٚ رمُت۔ | تمہِ/ہمہِ اوس پوٚ رمُت۔ | تِمو/ہمو اوس پوٚ رمُت۔ |
|---|---|---|---|---|---|---|

ج۔ پکہٕ وُن پتھ کال Past continuous tense:- تتھ کالس یتھ منٛز کانٛہہ حرکتھ گذریمتِس زمانس منٛز جأری آسہِ روزمٕژ چھِ پکہٕ وُن پتھ کال ونان۔ مثالے

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ١. بہٕ اوسُس چِٹھی لیکھان۔ | I was writting a letter. |
| ٢. أسی أسی چِٹھی لیکھان۔ | We were writting a letter. |
| ٣. ژٕ اوسُکھ چِٹھی لیکھان۔ | You were writting a letter. |
| ٤. بہٕ اوسہٕ سہٕ چِٹھی لیکھان۔ | Was I writting a letter. |
| ٥. ژٕ اوسُکھ نہٕ چِٹھی لیکھان۔ | You were not writting a letter. |

پکہٕ وِنہٕ پتھ کالٕچ بناوٹھ:

| أکم شخص | | | دوٚیم شخص | | ترٛیم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| جنس | وأحد | جمع | وأحد | جمع | وأحد | جمع |
| نر | بہٕ اوسُس پروٚن/ پران۔ | أسی أسی پرٕنی/ پران۔ | ژٕ اوسُکھ پروٚن/ پران۔ | تہٕ أسِو پرٕنی/ پران۔ | سُہ/ہُہ اوس پروٚن/ پران۔ | تم/ہم أسی پرٕنی/ پران۔ |

| ماد | بہٕ أسٕس پرٛوٕنی / پران۔ | أسی آسہٕ پرٛوٕنہِ/ پران۔ | ژٕ أسکھ پرٛوٕنی / پران۔ | تٔہۍ آسوٕ پرٛوٕنہٕ / پران۔ | سو/ہو أس پرٛوٕنی / پران۔ | تِمہٕ/ہُمہٕ آسہٕ پرٛوٕنہٕ/ پران۔ |
|---|---|---|---|---|---|---|

د۰ شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال Past perfect continuous tense:-

یِیلہِ کال اکھ حرکتھ جأری آسنہٕ تہٕ بیا کھ شروع گوٚژھنہٕ باوَتھ آسہِ کران، تتھ چھِ شبقہٕ پکہٕ وُن پتھ کال وَنان۔ اتھ کالس منٛز چھےٚ کراوتہٕ حرکتھ وقتس سٟتۍ تہِ رشتہٕ ہاوان۔ مثالے

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|

۱۔ سُہ اوس کینہہ وربتو پیٹھہ کأم کران۔ He had been working for several months.

۲۔ أسی أسی ژور بجہِ پیٹھہٕ کأم کران۔ We had been working since four o'clock.

۳۔ ژٕ اوسُکھ ترٛیٚیو وُری یو پیٹھہٕ یتھ مکانس منٛز روزان۔ You had been living in this house for three years.

۴۔ بہٕ اوسُس چِٹھی لیکھان رُدمُت۔ I had been writing a letter.

۵۔ تُہۍ أسِوٕنہٕ چِٹھی لیکھان رُودٕمتۍ۔ You had not been writing a letter.

۶۔ تِم أسیا چِٹھی لیکھان رُدۍمتۍ۔ Had they been writing a letter.

شبقہٕ پکہٕ وِنہٕ پتھ کالچ بناوٹھ:

| | أکم شخص | | دۆیم شخص | | ترِیم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| جنس | وأحد | جمع | وأحد | جمع | وأحد | جمع |
| نر | بہٕ اوٚسُس پرٕوُن رودُمت۔ | أسی أسی پرٕونی رٕوُدیٕمتۍ۔ | ژٕ اوسُکھ پرٕوُن رٕوُدمُت۔ | تۄہۍ أسِو پرٕونی رٕوُدۍمتۍ | سُہ/ہُہ اوس پرٕوُن رٕوُدمُت۔ | تِم/ہِم أسی پرٕونی رٕوُدیٕمتۍ۔ |
| مادٕ | بہٕ أٔسُس پرٕونی روزٕمٕژ۔ | أسی آسہٕ پرٕونہٕ روزمٕژ۔ | ژٕ أٔسکھ پرٕونی روزٕمٕژ۔ | تۄہۍ آسِو پرٕونہٕ روزمٕژ۔ | سۄ/ہۄ أٔس پرٕونی روزٕمٕژ۔ | تِمہٕ/ہِمہٕ آسہٕ پرٕونہٕ روزمٕژ۔ |

۳۔ یِنہٕ وول کال[1] (Future tense):- یِنہٕ وول کال چھُ یِمن ژورن کالن منز بأگرأوِتھ:

ا۔ بےٚ شبقہٕ یِنہٕ وول کال۔ ب۔ شبقہٕ یِنہٕ وول کال۔

ج۔ پکہٕ وُن یِنہٕ وول کال۔ د۔ شبقہٕ پکہٕ وُن یِنہٕ وول کال۔

ا۔ بےٚ شبقہٕ یِنہٕ وول کال (Simple future tense): یێلہِ کال کانٛہہ حرکتھ یِنہٕ وأٔلِس زمانس منز ہاوِ، تتھ چھِ بےٚ شبقہٕ یِنہٕ وول کال ونان۔ مثلن

| کأشُر جُملہٕ | انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱۔ بہٕ لیکھہٕ چِٹھۍ۔ | I shall write a letter. |

[1] پروفیسر شفیع شوق تہٕ ناجی مُنورن چھُ "یِنہٕ وول کال" لفظ بدلہٕ "بروٗنٛہہ کال" ورتومُت۔

| | |
|---|---|
| ۲. ژٕ لیکھکھ چِٹھۍ۔ | You will write a letter. |
| ۳. سُہ لیکھِ چِٹھۍ۔ | He will write a letter. |
| ۴. بہٕ لیکھ نہٕ چِٹھۍ۔ | I shall not write a letter. |
| ۵. بہٕ لیکھاہ چِٹھۍ۔ | Shall I write a letter. |

ب. بےٚ شبقہٕ پتہٕ والہِ کالُچ بناوَٹھ:

| | أکم شخص | | دۆیم شخص | | تریم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| جنس | وأحد | جمع | وأحد | جمع | وأحد | جمع |
| نر | بہٕ پَر۔ | أسی پرَو۔ | ژٕ پرَکھ۔ | تُہۍ پرِو۔ | ہُہ/سُہ پرِ۔ | تم/ہمُ پرَن۔ |
| مادٕ | بہٕ پَر۔ | أسی پرَو۔ | ژٕ پرَکھ۔ | تُہۍ پرُو۔ | سو/ہو پرِ۔ | تمہٕ/ہُمہٕ پرَن۔ |

ب. شبقہٕ پتہٕ وول کال (Perfect future tense):-

اَتھ منز چھیہٕ ژٕحرٕ کو آسان۔ اکھ چھیہٕ اندواتن واجینٕز آسان تہٕ بیاکھ چھیہٕ شروع گوٚڈنچ ژٕ پتہٕ وٕنی دِوان۔ مثالے

| کأشُر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱. میٚہ آسہِ خط لیوٚکھمُت۔ | I shall have written a letter. |
| ۲. ژےٚ آسیتھ خط لیوٚکھمُت۔ | You will have written a letter. |
| ۳. تٔمۍ آسہِ خط لیوٚکھمُت۔ | He will have written a letter. |
| ۴. میٚہ آسہِ نہٕ خط لیوٚکھمُت۔ | I Shall have not written a letter. |

Shall I have written a letter.

۵۔ مےٚ آسیا خط لیٚوکھمُت۔

یمن جملن منز چھےٚ شبقہٕ ینہٕ والہِ کالچ اکھ حرکتھ اندواتان۔ ووٚن کرٚوبیٚہ کینٛہہ جملہٕ پیش یمن منز دوشوے حرٕ کۍ موجوٗد چھےٚ۔ یعنی اندواتن واجنۍ تہٕ تہٕ شروع گوھن واجنۍ حرکتھ تہٕ۔ مثالے

| کاشُر جُملہٕ | امیک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱۔ بہٕ آسہٕ پگاہ صُبحس دِلہ ووتمُت۔ | I shall have reached Delhi tomorrow morning. |
| ۲۔ اَسہٕ آسہٕ تو تام بتہٕ کھیوٚمُت۔ | We shall have had our meals by that time. |
| ۳۔ کامرانن آسیا ژ ندرٕ وارِ تام پننۍ کام موکلاوِمُت۔ | Will Kamran have finished his work by monday. |
| ۴۔ مےٚ آسہٕ نا یہٕ کام صُبحس تام موکلاوِمُت۔ | Shall I have not finished this work by tomorrow. |

آسہٕ، آسہٕ تہٕ آسیا لفظ چھِ شبقہٕ پاٹھی تمہٕ حرکژ ہنز نشاندہی کران یوسہٕ شروع گوھنس کُن اشارٕ کران چھےٚ تہٕ ووتمُت، کھیوٚمُت تہٕ موکلاوِمُت ہی لفظ چھِ اند واتن واجنہٕ حرٕکۍ پیش کران۔

شبقہٕ ینہٕ والہِ کالچ بناوٹھ:

| جنس | اُکم شخص | | دوٚیم شخص | | تریٚم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | واُحد | جمع | واُحد | جمع | واُحد | جمع |
| نر | مےٚ آسہٕ پٕوٚرمُت۔ | اَسہٕ آسہٕ پٕوٚرمُت۔ | ژٕ ےٚ آسی پٕوٚرمُت۔ | توہہٕ آسِو پٕوٚرمُت۔ | تمۍ/ہمۍ آسہٕ پٕوٚرمُت | تمو/ہمو آسہٕ پٕوٚرمُت |

| | | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ماد | میٚہ آسہِ پۆرمُت | اَسہِ آسہِ پۆرمُت | ژےٚ آسی پۆرمُت | توہہِ آسو پۆرمُت | تمہِ/ہُمہِ اَسہِ پۆرمُت | تمو/ہمو آسہِ پۆرمُت |

ج۔ پکہٕ وُن یِنہٕ وول کال (Future continuous tense): اَتھ منٛز

چھیٚہ کانٛہہ حرکتھ یِنہٕ وٲلِس کُنہِ خاص وقتس منٛز جٲری روزان۔ مثالے

| کٲشر جُملہٕ | امیُک انگریزی ترجمہٕ |
|---|---|
| ۱۔ بہٕ آسہٕ چِٹھی لیکھان/لیکھہٕ وُن۔ | I Shall be writing a letter. |
| ۲۔ ژٕ آسکھ چِٹھی لیکھان/لیکھہٕ وُن۔ | You will be writing a letter. |
| ۳۔ سو آسہِ چِٹھی لیکھان/لیکھہٕ وِنی۔ | She will be writing a letter. |
| ۴۔ تمہٕ آسہٕ نا چِٹھی لیکھان/لیکھہٕ وِنہِ۔ | Will they be writing a letter. |
| ۵۔ سُہ آسہِ نا چِٹھی لیکھان/لیکھہٕ وُن۔ | He will not be writing a letter |

پکہٕ وُنہِ یِنہٕ والہِ کالُک بناوَٹھ :

| جنس | أکم شخص | | دوٚیم شخص | | تریٚم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | وأحد | جمع | وأحد | جمع | وأحد | جمع |
| نر | بہٕ آسہٕ پران/بہٕ آسہٕ پرٕوُن | أسی آسو پران/ پرٕونی | ژٕ آسکھ پرٕوُن /پُران | تُہی أسِو پران/ پرٕونی | سُہ/ہُہ آسہِ پرٕوُن/ پران | تم/ہُم آسن پرٕونی/ پران |

| ماد | بہ آسہ پران/ پرونی۔ | أسی آسو پران/ پرونہ۔ | ژٕ آسکھ/ پران/ پرونی۔ | تُہیٕ أسو/ پران/ پرونہ۔ | سو/ہو آسہِ پرونی/ پران۔ | تمہ/ہمہ آسن پرونہ/ پران۔ |
|---|---|---|---|---|---|---|

د۔ شبقہٕ پکہٕ وُن پہنہٕ وول کال (Future perfect continuous tense):

شبقہٕ پکہٕ وُن پہنہٕ وول کال چھِ تتھ ونان۔ یتھ منز ژٕ حرکژ چھیہ۔ اکھ چھیہ کینژہِ یا گُنہِ خاص وقتہٕ پتھ پکہٕ وِنی روزمژ آسان تہٕ بیاکھ چھیہ شروع گژھان۔ مثلن

کأشُر جُملہٕ — امیُک انگریزی ترجمہٕ

۱۔ بہٕ آسہِ اکہِ گنٹہٕ پتھ گیوان روٗ دمُت ییلہِ ژٕ میہ سمکھنہِ یکھ۔ — I shall have been singing for an hour when you will come to see me.

۲۔ ژٕ آسکھ اکہِ گنٹہٕ پتھ گیوان روٗ دمُت ییلہِ ژٕ مے سمکھنہِ یکھ۔ — You shall have been singing for an hour when you will come to see me.

۳۔ سُہ آسہِ اکہِ گنٹہٕ پتھ گیوان روٗ دمُت ییلہِ ژٕ مے سمکھنہِ یکھ۔ — He will have been singing for an hour when you will come to see me.

۴ • تِم آسہِ نا اکہِ گنٹہِ پیٹھ گیوان Will they have been singing

رُوٗ دیٖمتیٖ ییلہِ ژٕ مےٚ سمکھنہِ یکھ۔ for an hour when you will

come to see me.

ثبقہِ پکہِ وِنہِ یِنہِ والہِ کارِچ بناوَٹھ :

| أکم شخص | | | دوٚیم شخص | | تریم شخص | |
|---|---|---|---|---|---|---|
| جنس | وأحد | جمع | وأحد | جمع | وأحد | جمع |
| نر | بہٕ آسہِ پران رُوٗ دمُت۔ | أسی آسَو پران رُوٗ دیٖمتیٖ۔ | ژٕ آسکھ پران روٗدمُت۔ | تُہی أسِو پران رُوٗ دیٖمتیٖ۔ | سُہ/ہُہ آسہِ پران رُوٗ دمُت۔ | ہُم/تِم آسن پران رُوٗ دیٖمتیٖ۔ |
| ماذٕ | بہٕ آسہِ پران روزٕمٕو۔ | أسی آسَو پران روزٕمٕو۔ | ژٕ آسکھ پران روزٕمٕو۔ | تُہی أسِو پران روزٕمٕو۔ | سو/ہو آسہِ پران روزٕمٕو۔ | ہُمہ/تِمہِ آسن پران روزٕمٕو۔ |

مشق کرِو:

۱ • کال کتھ چھِ ونان تہٕ اتھ کوٗ قسم چھِ۔ مِثالہِ دِتھ کرِو بیان۔

۲ • یِم جُملہ کُس کال چھِ باوان:

سُہ چھُ پران، أسی چھِ کھیوان، تِم چھِ کھیوان۔

۳ • میٚہ چھُ کھیوٚمُت بتہٕ۔ اَتھ جُملس منٛز چھُ شبقہِ از کال باوِنہ آمُت۔

جِنسہ تہٕ گرٛیٖز مُطأبق کرِو اَمِچہ سارے صوٗرٕ ژ بیان۔

۴. خأنی جایہِ گرِوبے شبقہِ پتھ کأٹی کراوتھ ستی پوٗرِ۔

میٚہ...... چھِٹھ۔ تِمو...... خط۔ اَسہِ ........... سبق۔

۵. یِم جُملہِ کتھ کالس چھِ باوان:

تِم أسی بتہٕ کھوان۔ أسی أسی پکان۔ سُہ اوس ژلان۔

۶. شبقہِ یِنہٕ والہِ کالکی پانژھ جُملہِ لیکھو۔

## لفظہٕ بناوَٹھ Word formation

لفظ چھ مُختلف حرف جورنہٕ ستی بنان تہٕ لفظن چھِ واریاہ قسم :-

۱. بُنیأدی لفظ (Primary words): بُنیأدی لفظ چھِ تِم یِم بییٚہِ کُنہِ لفظ منٛز نیرن نہٕ۔ یِم چھِنہٕ مرکب (Compound) آسان تہٕ نہ چھیٚہ بییٚہِ کُنہِ لفظہٕ ستی یِہنٛز بناوٹھ سپدان۔ مثلاً دانا، مہربان، کأٹی، اگ، کھمن، کأم، کار، پوٗژھ، چور، سفید بیتر۔

۲. بُنیأدی لفظو نِشہِ وجود پراون وألی لفظ (Primary derivatives):

بنیأدی لفظو نِشہِ وجود پراوَن وألی لفظ چھِ ساد (Simple) لفظن ہنٛدِس ساختس منٛز معمولی تبدیلی اَنہٕ ستی وجود پراوان۔ یِمن لفظن چھِ بُنیأدی لفظہٕ لنجہِ ونان۔ مثالے سفیدی، داند، اگادِ، کاراواہ تہٕ کأژیترِ۔

۳. دوٚیمہِ درجچہ لفظہٕ لنجہِ (Secondary derivatives): لفظن گوڈ یا پتہٕ کینٛہہ حرف ہُر روانہٕ ستی بنَن وألی لفظ چھِ دوٚیمہِ درجکی مانہٕ یِوان۔ مثلاً

نادان، نافہم، بےٚ پڑھ تہٕ مہربأنی بیترِ۔

۴۔ مرکب لفظ (Compound words): مرکب گوٚ وسہٕ لفظ یُس اکھ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ سادٕ لفظو ستیٚ بنان چھُ۔ مثالے

چاےِ پیالہِ، دانایہِ دٔہر، عقلا وزیر، کھمن چمن، سیوٚد سادٕ ہیٚرِ یون بیترِ۔

مرکب لفظن ہٕنز بناوَٹھ (Formation of compound words):

مرکب لفظ چھِ یِموٚ ستیٚ بناونہٕ یِوان:

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۱۔ ناوُت | + (Noun) | ناوُت | (Noun) |
| ۲۔ ناوُت | + (Noun) | باوُت | (Adjective) |
| ۳۔ کراوُت | + (Verb) | ناوُت | (Noun) |
| ۴۔ کراوُت | + (Verb) | ہرکراوُت | (Adverb) |
| ۵۔ ہرکراوُت | + (Adverb) | ناوُت | (Noun) |
| ۶۔ ہُرِکراوُت | +(Adverb) | کراوُت | (Verb) |
| ۷۔ باوُت | + (Adjective) | ناوُت | (Noun) |
| ۸۔ باوُت | + (Adjective) | باوُت | (Adjective) |
| ۹۔ ناوُت | + (Noun) | کراوُت | (Verb) |

| ۱۔ ناوُت (Noun) | + ناوُت (Noun) | = نوٚو لفظ (New word) |
|---|---|---|
| زوٗن | موج | زوٗن موج |
| آب | گلاس | آبہٕ گلاس |

| | | |
|---|---|---|
| ژۄنٹھ | گُل | ژۄنٹھۍ گُل |
| ہۄنۍ | ہٲنکل | ہۄنۍ ہٲنکل |
| ءِکنک | ژۆٹ | ءِکنکہِ ژۆٹ |
| وَن | پالکھ | ون پالکھ |
| کنَ | وول | کنہِ وول |
| کوکرَ | پۆت | کوکرہ پۆت |
| گاڑ | بازر | گاڑ بازر |
| پوش | باغ | پوشہِ باغ |
| ٹُل | گُل | ٹُل گُل |
| کوکرَ | ناگ | کوکرناگ |
| نابد | نۆٹ | نابدنۆٹ |
| مٲنز | راتھ | مٲنزِ راتھ |
| بادام | گُل | بادام گُل |

**۲۰ ناؤت (Noun)+ باؤت (Adjective) = نۆو لفظ**

| | | |
|---|---|---|
| اسمان | رنگ | اسمانٕۍ رنگی |
| زۄن | گاش | زۄنہِ گاش |
| شام | ژھاے | شامہِ ژھلیہ |

| | | |
|---|---|---|
| بتہٕ | بۄک | بتہٕ بۄک |
| چوٗنٹھ | ہۄل | چاۓنٹھۍ ہۄل |
| کلہٕ | ہۄل | کلہٕ ہۄل |
| یوٗٹ | کھور | یوٗٹہٕ کھور |

۳. کراوٗت (Verb) + ناوٗت (Noun) = نۄولفظ

| | | |
|---|---|---|
| کھبن | چوٗنٹھ | کھبنہٕ چوٗنٹھ |
| وُدن | وان | ودَن وان |
| کاَم | ژوٗر | کامہِ ژوٗر |
| گِنڈُن | ماٗدان | گِنڈن ماٗدان |
| شۄنگِتھ | شہمار | شۄنگھ شہمار |
| وُڑوٗن | جانور | وُڑوٗن جانور |

۴. کراوٗت (Verb) + ہُر کراوٗت (Adverb) = نۄولفظ

| | | |
|---|---|---|
| وس | وارٕ وارٕ | وس وارٕ وارٕ |
| وس | ہکہٕ | وس ہکہٕ |
| کھبہ | وٲلی وٲلی | کھبہ وٲلی وٲلی |
| پکھ | جلد | پکھ جلدٕ ے |

| | | |
|---|---|---|
| کر | کأم | کر کأم |
| نیر | گرٛھ | نیر گرٛھ |

۵۔ہُر کراوُت(Adverb)+ ناوُت(Noun)= نۆولفظ

| | | |
|---|---|---|
| اند | مزار | اندمزار |
| اند | مأدان | اندمأدان |
| پھولوُن | بُتھ | پھولوُن بُتھ |
| سوُرے | زمین | سوُرےزمین |
| اندر | گُٹھ | اندرگُٹھِ |
| أڈی | پٔوری | أڈی پٔوری |
| پتھ | وَن | پتھ وَن |

۶۔ہُر کراوُت(Adverb)+ کراوُت(Verb)= نۆولفظ

| | | |
|---|---|---|
| تۆری | واتُن | تۆری واتُن |
| زوٕرسان | پکھ | زوٕرسان پکھ |
| ژیٖری | یُنِ | ژیٖری یُن |
| ازپگاہ | کرُن | ازپگاہ کرُن |
| لۆت | پکھ | لۆت پکھ |
| ژَل | لار | ژَلہ لار |

| ٧۔ باوُت (Adjective) + | ناوُت (Noun) | = نۆولفظ |
|---|---|---|
| چالاکھ | انسان | چالاکھ اِنسان |
| سرۆن | دریاو | سرۆن دریاو |
| کرٛہُن | گٹھ | کرٛہُن کٹھ |
| ووزُل | پوش | ووزُل پوش |
| سفید | گاو | سفید گاو |
| لوٗکٹ | لڑٛکہٕ | لوٗکٹ لڑٛکہٕ |
| کاژُر | مَس | کاژُر مَس |
| نیٖوٗل | آب | نیٖوٗل آب |
| زیٖوٗٹھ | وَگُو | زیٖوٗٹھ وگُو |
| موٚٹ | کپُر | موٚٹ کپُر |
| کرِہُن | شین | کرٛہُن شین |
| توٚت | تاف | توٚت تاف |
| سوٚت | قدم | سوٚتی قدم |

| ٨۔ باوُت (Adjective) + | باوُت (Adjective) = | نۆولفظ |
|---|---|---|
| کرِہُن | ٹیچُل | کرٛہُن ٹیچُل |
| نیٖوٗل | ووزُل | نیٖوٗل ووزُل |
| کوٗل | کاژُر | کوٗل کاژُر |

| | | |
|---|---|---|
| زیادٕ | موٗدُر | زیادٕموٗدُر |
| سبٹھاہ | رُت | سبٹھاہ رُت |
| چھوٗت | کرٕہُن | چھوٗت کرٕہُن |
| جوراہ | تارٕ | جوراہ تارٕ |
| جان | مُشک | جان مُشک |
| سیوٗد | ساد | سیوٗدساد |
| ور | ہوٗل | وَرٕہوٗل |

| ۹۰ ناوٗت(Noun)+ | کراوٗت(Verb)= | توٗولِفظ |
|---|---|---|
| وَتھ | ترٛاو | وَتھ ترٛاو |
| واز | کار | وازٕ کار |
| کول | وان | کولہٕ وان |
| مکٕ | دب | مکِدب |
| وتہٕ | لار | وتہٕ لار[1] |

## مشق کٔرِو:

۱ • لفظ بناونس پٮ۪ٹھ لیکھِو پانژھ جُملہٕ۔

۲ • مرکب لفظ کمہِ کمہِ ستی چھِ بنان۔

۳• کراوٗت+ہُر کراوٗت، کراوت+ باوُت تہٕ باوٗت+ ناوتہٕ ستی بنأوِو پانژھ پانژھ لِفظ۔



[1] اکہِ گامُک ناو گژھن تھپِکس منز۔

## لگِہ نظام: Affix System

لفظن گوڈٕ تہٕ پٔتس ییٚلہِ حرفن ہُنٛد اِضافہٕ سپدان چھُ، نٔو لفظ چھِ بارسس یوان۔ حرف یا حرفن ہنٛدس اَمہِ طریقہٕ کِس اِضافس چھِ لگِہ نظام (Affix system) وَنان۔ اَمہِ نِظامہٕ ستۍ چھِ زبانۍ ہنٛدۍ بےٚ شُمار لفظ وجوٗدس منٛز یوان۔ لگِہن چھِ زٕ قسم:

۱۔ گوڈٕلوٚگ (Prefix)۔ ۲۔ پوٚت لوٚگ (Suffix)۔

۱۔ گوڈلوٚگ (Prefix): گوڈٕلوٚگ چھِ تتھ حرفس یا تِمن حرفن وَنان یِم لفظن گوڈٕ کنۍ واتنہٕ چھِ یوان۔ ییمہٕ ستۍ اکھ نوٚو لفظ بنان چھُ مثلاً۔ گلاس چھُ اکھ آزاد لفظ۔ اگر اتھ گوڈٕ کنۍ لفظ شیشہٕ رلاوو، یہِ بنہِ شیشہِ گلاس۔ یتھہٕ کنۍ آو اکھ نوٚو لفظ بارسس۔ یتھے پٲٹھۍ چھُ اکھ لفظ گرِ یعنی گرٕ۔ گوڈٕ کنۍ الف ہُرراونہٕ ستۍ بنہِ یہِ اگر۔ اَمہِ طریقہٕ لفظ بناونس چھِ گوڈٕلوٚگ وَنان۔ گوڈٕلگِہ چھِ مختلف قسمن ہنٛدۍ۔ کینٛہہ چھِ گرٕیٚنز لگِہ، کینٛہہ چھِ وقت ہاوان تہٕ کینٛژَن گوڈٕلگِہن منٛز چھُ اِنکاری صوٗرتحال وۄتلان:

### ۱۔ گرٕیٚنز گوڈٕ لگِہ (Prefixes of number):

۱۔ اوٚک: ۔ اوٚک تامشی، اوٚک طرف، اوٚک پاسے، اوٚک ژور، اوٚک نفری، اوٚک پور بیتر۔

۲۔ زٕ: ۔ زٕ تووٕہ، زٕ ہتھ، زٕ کار، زٕ ل، زٕ کال، زٕ نہے۔

۳ . کُن :- کُن نفر، کُن زۆن، کُنتر ہ، کُنتأجی، کُنے۔

۴ . نِصف :- نِصف رأژ تہٕ نِصف دوہ۔

## ۲ . وقتہٕ گوڑلگی (Prefixes of time):

۱ . گوڑ :- گوڑ نبتھ، گوڑ روہ[1]، گوڑ رب[2]، گوڑ پتھٕ، گوڑ سۆتھ[3] گوڑ دوہ۔

۲ . از :- از پگاہ، از دوہ، از راتھ، أزیک، أزکس، أزی، أزکہِ پتھٕ،

أزیکے، از شامس، از صُبحس، از تام، از پتہٕ، از برونٛہہ، أزی۔

## نکأری گوڑلگی (Negative prefixes):

۱ . نہ :- نہ حض، نہ سہ، نہ لکس، نہ جناب۔

۲ . نا :- نامنظور، ناکام، ناموافق، ناوأقف، نامُناسِب، ناجأیز، نافہم تہٕ

ناپُرسان بیترِ۔

## اَمہِ علاوٕ چھِ یِم گوڑلگی عام:

۱ . اَڈٕ :- اَڈٕ مور، اَڈٕ کۆل، اَڈٕ ژۆٹ، اَڈٕ پھۆپھ، اَڈٕ دۆد، اَڈٕ وۆتھ، اَڈٕ اوم،

اَڈٕ گور، اَڈٕ داب، اَڈٕ کھَش بیترِ۔

۲ . اَن :- اَن پَر، ان زان، انھۆر۔

۳ . بد :- بدذاتھ، بدزبان، بدکِردار، بدشکل، بدبخت، بدخاہ، بدبُو، بدماش،

بدرَد، بدرَو، بدل بیترِ۔

---

[1] گوڑ رۆ ہ چھِ ابتدأیی نیٚندن ونان یعنی گوڑنیچ نیٚند۔ یہ أسِ برونٛہہ کالہِ وأترِس دانبس کران۔
[2] گوڑ رب گۆو مُصیبت تہٕ تہٕ حاران کُن حالات گوٚھنۍ تہٕ۔ [3] اکہِ گامُک ناو یُس ہوأیی
اَڈٕ کس دامنس تل واقع چھُ۔ یہ گام چھُ یِتھ گام ژوڈُر بڈگامہٕ پتھ آباد۔

۴ . بےٚ :- بےٚ حیا، بےٚ پتاہ، بےٚ زوال، بےٚ پَژھ، بے شک، بےٚ خبر، بےٚ دِل، بےٚ پناہ، بےٚ داد۔

۵ . بِلا :- بلاِشک، بلاِخوف، بلاِ درنگ، بلاِ روک۔

۶ . غٲر :- غٲرزان، غٲرواضع، غٲرحاضر، غٲرِگھاٹ، غٲرضروری۔

۷ . ہم :- ہم خیالی، ہم سینہٕ، ہم جمأتی، ہم زُلف، ہم جنس، ہم دم، ہم درد، ہم کھوٗر، ہم زمان بیترِ۔

۸ . کم :- کم ذاتھ، کم بخت، کم زیادٕ، کم پایہِ، کم کم، کمان، کم تام بیترِ۔

۹ . کو :- کوپۆت، کوکتھ،، کوواکی، کوژھل، کوٕد، کوٕدکأکی، کونڈل بیتر

۱۰ . خوش: خوش مزاز، خوش کرُن، خوش یُن، خوش فہم۔

۱۱ . لا :- لاجواب، لاحاصل، لاہوت، لازوال، لایہِ گوٚر، لاپتہ، لامحال۔

۱۲ . پرٛ بتھ :- پرٛ بتھ کاٛنہہ، پرٛ بتھ ساتہٕ، پرٛ بتھ وِزِ، پرٛ بتھ کأنسہِ، پرٛ بتھ اکھاہ بیترِ

۲ . پۆت لوٚگ (Suffix): کانٛہہ حرف گنہِ لفظس پتہٕ رٕکنہٕ والنہٕ ستی چھِ نٔوی لفظ بنان۔ اَمہِ طریقہٕ الفاظ بناونس چھِ پۆت لوٚگ ونان۔ مثالے

ودُون، ییلہِ، دوٗر برٛتہٕ پکناہ بیترِ۔

پۆت لگی چھِ وٕتھی پۆٹھی پأٹھی شیہِ طریقہٕ بناونہٕ یوان:

۱ . ناوِتی پۆت لگی۔ ۲ . اکأیژ ناوِتی پۆت لگی۔ ۳ . باوِتی پۆت لگی۔

۴ . رِشتن ہنٛدی پۆت لگی۔ ۵ . قومیتکی پۆت لگی۔ ۶ . ملکیتی پۆت لگی۔

ناوِتی پۆت لگی :- دارٕ پۆت لوٚگ لاگنہٕ ستی چھِ یِم ناوِتی بنان:

۱ ۔ کارٕ دار، ہوٗڑ دار، ذاٗلدار، تصرُف دار، زمیندار، تبردار، ٹھیکہٕ دار، چربدار، خریدار، کھٔیہِ دار، ایماندار، دیودار، مُشک دار، وطندار، تن دار، دیندار، کارخانہٕ دار، ژھیٔہ دار، ٹینٛژ دار، کھٔری دار بیتر۔

۲ ۔ 'وول' ہُراونہٕ ستی چھِ یِم ناوٕتی بنان :- دارِ وول، ٹُھلہٕ وول، ہاکہٕ وول، ٹٔٹ وول، خرٕ وول، مونجہِ وول، ہاپتھ وول بیتر۔

۳ ۔ وُن ہُراونہٕ ستی چھِ یِم ناوٕتی بنان :- وٕدٕ وُن، اَسہٕ وُن، ییٚہہ وُن، ووتھہٕ وُن، پکہٕ وُن، چلہٕ وُن، رَنبہٕ وُن، لارٕ وُن، پیارٕ وُن، دزٕ وُن، وُہوُن، پرٕ وُن، واتہٕ وُن، گرشھٕ وُن ہیہِ وُن، ژلہٕ وُن بیتر[1]۔

## ۲ ۔ اکأیہٕ ناوٕتی پوٗت لگٕو :

تانہٕ :- دوست بنہٕ دوستانہٕ، جُرم بنہِ جُرمانہٕ۔

جَر :- ہول بنہٕ ہجَر، کوٚل بنہٕ کجَر، بُڑ بنہِ بُجَر، بوٚڈ بنہٕ بجَر، لوٚنگ بنہِ لنجَر بیتر۔

ای :- غریب، غریبی، اُمیر، اُمیری، بوٚڈ، بڈٕمی، حلیم، حلیمی، فقیر، فقیری

پن :- پاگل، پاگل پن، ورِ، ورپن۔

زر :- پوٚز، پزر، سیوٚد، سبزر۔

## ۳ ۔ بیٛاوٕتی پوٗت لگٕو :

باز :- دھوکہٕ باز، فندباز، ٹرباز بیتر۔

ہوٚت :- نیٚندرِ ہوٚت، لوٕ ہوٚت، بانبرِ ہوٚت، ہوچھِ ہوٚت بیتر۔

---

[1] یِم ساری لفظ چھِ کراوٕتی۔

۴ . رِشتن ہندی پۆت لگی :-

کۆٹ :سِکہٕ کوٗٹ، مسلمان کوٗٹ، بٹہٕ کوٗٹ، واز کۆٹ، گرٕیسی کۆٹ، پیٖر کۆٹ، زمیندار کۆٹ، پٔج کۆٹ، ملہٕ کۆٹ، پہٕلی کۆٹ، گوٗری کۆٹ بیترِ

لٔڑکہٕ :- چھانہٕ لٔڑکہٕ، گرٕیسی لٔڑکہٕ، واز لٔڑکہٕ، نأید لٔڑکہٕ۔

۵ . قومیتکی پۆت لگی :- کأشُر، آسأمی، بنگٲلی، لدأخی، پنجأبی، ہندوستأنی، جاپأنی بیترِ۔

۶ . مِلکیتی پۆت لگی :- داربل، خانٕدار، دُکاندار، پأکار بیترِ۔

مشق کٔرِو:

۱ . لگی نظام کتھ چھِ ونان تہٕ اتھ کُتی قسم چھِ۔

۲ . "اڈ" گوڈ لگہِ ستی بنأوِو پانژھ لفظ تہٕ کٔرِو کھ جُملن منز استمال۔

۳ . رِشتن ہندی پۆت لگی کم چھِ پانژھ لفظ لیٚکھو۔

۵ . پرٕ بتھ گوڈ لوگ تہٕ دار پۆت لگہِ ستی بنأوِو ژورژور لفظہ تہٕ جُملن منز کٔرِو استمال تہٕ۔

## لہجہِ نشانہٕ Punctuation

لہجہِ نشانہٕ چھِ کانٛہہ تہِ عبارت لیٚکھنس منز بکار یوان۔ یِم نشانہٕ استمال کرنہٕ ستی چھُ تحریرس منز باقأیدا کھ نظم ونسق روزان تہٕ اُکس منظّم طور طریقس تحت چھیٚہ کانٛہہ تہِ کتھ ضبطِ تحریرس منز اَنہٕ یوان۔ لہجہ نشانن ہُند مطلب چھُ یہِ زِ

تحریرس منز گوژھن نشانہٕ صحی جایہ تہٕ صحی طریقہٕ ورتاونہٕ تہٕ۔ یہ کتھ چھیہٕ کھرٕ گژھو زِ ییٚلہِ لہجہِ نشانہٕ کُنہِ عبارژ منز استمال کرو تمیٚک معنہِ چھُ تبدیل گوھان۔ مثلاً

۱۔ "مأ لکھ"، چھُ ونان غولام، گوڈِ گرِ منز کِڈتھ ژھننہٕ یُن۔

اگر اتھ جُملس منز لہجہِ نشانہٕ نظم ونسقہٕ سان تہٕ صحی پأٹھی ورتاوو، جُملک معنہ بدلہِ اندہیتھے۔ اتھ جُملس منز چھُ غولام ونان زِ مأ لکھ گرٕ ڈِ گرِ منز کِڈتھ ژھننہٕ یُن یُس نہٕ صحی چھُ تہٕ نہ چھُ اتھ جُملس منز لہجہِ نشانہٕ صحیح پأٹھی ورتاونہٕ آمتی۔ وُچھی تو وونی امہِ جُملک لیکھنکھ یہ طریقہٕ:

۱۔ مأ لکھ چھُ ونان، غولام گرٕ ڈِ گرِ منز کِڈتھ ژھننہٕ یُن۔ اتھ جُملس منز چھِ لہجہ نشانہٕ صحی جایہ تہٕ صحی پأٹھی استمال کرنہٕ آمتی۔

**اہم لہجہِ نشانہٕ(Importent punctuation marks):**

۱۔ اندٕ نشانہ(Full stop)[-] ۔ ۲۔ ژِھننہٕ نشانہ (Comma) [،]۔

۳۔ واشہِ نشانہٕ(Colon)[:-] ۔ ۴۔ سوالی نشانہ(Question)mark[?]۔

۵۔ حأرتہٕ نشانہٕ(Exclamation mark)[!] ۶۔ بند نشانہ(Bracket mark)[( )]۔

۷۔ ڈیشہٕ نشانہٕ [—] ۔

۸۔ واوِ نشانہٕ (Inverted commas or quotation mark)[" "]۔

۱۔ اندٕ نشانہٕ:- یہ نشانہٕ چھُ پرٕ بتھ مکمل جُملس یا جُملن اُخرس کنہِ استمال سپدان۔ مثلاً

۱ ۔ مَسہ لاگ شور۔ ۲ ۔ وولہٕ یوٗ ری۔

۳۔ سُہ چھُ آمٕت۔ ۴ ۔ رٔو نہٕ چھُ جرِ وسان۔

۲ ۔ ژھبنہٕ نِشانہٕ[1] :- یہٕ نشانہٕ چھُ موختصر وقفس دوران استمال گوھان۔ لہجہ نشانن منز چھُ یہٕ اہم۔ یہٕ نشانہٕ چھُ یِمن جاین ورتاوس منز یوان۔

۱ ۔ ژھبنہٕ نشانہٕ چھُ جُملس منز ترٛ یہہ یا ترٛ یٖیو کھوتہٕ زیادٕ ہوہن لفظن بیٚون بیٚون کڈان۔ مثالے

۱ ۔ ناوِتی لفظن :- میٚہ و چھ کامران، کامہٕ دیو، رستُم تہٕ فاراں۔

۲ ۔ کراوِتی لفظن :- میٚہ اوٚن، روٚن، کھوٚتہٕ شونگُس۔

۳ ۔ باوِتی لفظن :- زیتون چھیٚہ خوبصورت ، دِل مُہوِنی ، اُمیر تہٕ بوٚڑ دبار۔

۴ ۔ ہُر کراوِتی لفظن :- تمیٚ ہشز کتھ اُس محتاط، واضح، موثرتہٕ معنے خیز۔

۵ ۔ اشارٕ ناوِتی لفظن :- ژٕ، بہٕ، سُہ تہٕ یِم زٕ گوھوتور۔

ب ۔ کراوٕت پھِری پھِری (Repetition) ہینہٕ وِز:

۱ ۔ میٚہ دیٖت تِمِس اکھ پوشہِ، گُرتہٕ تمن دٕ تم ژوٚ ٹھی۔

۲ ۔ جاوید صاب چھُ ماشٹر، کامران کلرٔک تہٕ طارق صاب ہیرو۔

ج۔ ناوِتس مخاطب سپدنہٕ وِز:

۱ ۔ رٔو فہہ، میٚہ کرِ دَنیومے، ژٕمے کر جلدی۔

۲ ۔ میانہٕ خدایہٕ، اَسہِ دِ عقل تہٕ سونچھ۔

---

[1] اکھ تہٕ ہیٚیہٕ لفظ برونٛہہ کنہ ژھبنہٕ نشانہٕ استمال گوھان۔

۳ • واشہِ نشانہٕ:- یہ نشانہٕ یلہِ استعمال سپدِ۔ امیُک مطلب چھُے سیٚدٕ سیوٚد یہِ نیران زِ کیتھِ یا مثلس چھیٚہ وضاحت سپدن واجنیٚ۔

۱• واشہِ نشانہٕ چھُ یہِ اشارٕ دِوان زِ کو ستام خاص کتھ، کہاوَت، دوٚپ یا عبارتھ ییہِ پیش کرنہٕ مثلن

۱ • لل دید چھیٚہ ونان:-

ہوٚنڈ مأری تن یا کھٹ، للہِ نِلہٕ وٹھ ژلہِ نہٕ زانہہ۔

۲ • شیخ العالمؒ چھُ ونان:-

ہبزٕ گرٕ بزن، آگُر ہوکھن، تیلہِ مالہِ آسی واندرراج۔

ب• کانہہ فہرست پیش کرنہٕ وِزٕ:-

۱ • کشیرِ منز چھُ نیران:-

کونگ، بادام، دانہِ، ٹنگ، ڈوٗن، مکأے، گلاسہٕ، ژوٗنٹھ تہٕ دَچھ۔

۲ • شأعریم میہ پسند چھِ:-

غلام احمد مہجور، عبدالاحد آزاد، وہاب کھار، شمس فقیر، احمد بٹوآری، رسا جاودانی، جان باز کشتوأری، فأضل، رسول میر، پریم ناتھ کول ارپن تہٕ احد زرگر بیترِ۔

۴ • سوألی نشانہٕ:- یہِ نشانہٕ چھُ سیوٚد سوال (Direct question) پرٛژھنہٕ باپتھ جملس أخرس کنہِ استعمال سپدان۔ مثالے

۱ • ژٕ کیناہ چھکھ یتتھ کران؟ ۲• ژٔ ے چھیا زانہہ لُڑ وُفِ نُمت؟

۲۔یۆ تام ورگہٕ سوالن (Indirect questions) ہُند تعلُق چھُ تمن منٛز چھنہٕ یہٕ نِشانہٕ ورتاونہٕ یوان۔ مثالے

۱ • ادفرن پرٛژھ میٛہ اَسہِ کر چھُ خاندر۔

۲ • بہٕ اوسُس تِمَس دوہے پرٛژھان زِ تِتھ کیاہ گوٚو۔

۳ • مُدری تہٕ میٹھی سوال پرٛژھنہٕ وِزِ چھنہٕ سوٲلی نِشانہٕ استمال گژھان:

۱ • ژےٚ پزِیا من میٛہ ستی بتہٕ کھیوٚن۔

۲ • خبر تِمَس کرِیا دِل برداش میٛہ ستی کتھ کرٕنی۔

۵ • حٲرتہٕ نِشانہٕ:- یہٕ نشانہٕ چھُ تمن جُملن منٛز استمال سپدان یمن منٛز خوشی، غم یا حٲران کرٕنی کتھ اچانک بروٗنہہ کُن ییہ۔ یہٕ نِشانی چھیٚہ جملس منٛزس تہِ تہٕ اندس تہِ ورتاونہٕ یوان۔

۱ • واہ! کیاہ حُسن۔ ۲ • واہ! کیا شاندار جیت۔

۳ • ہے افسوس! سُہ موٗدہ!۔ ۴ • الٰا ے! یہ کوسہٕ بلایا!۔

۲ • یہٕ نِشانہٕ ہسکون یتھ پاٹھی تہِ ورتاوس منٛز اَنتھ۔

۱• دم کر!۔ ۲• پیار ییٚتی۔ ۳ • یور کُن وُچھ!۔

۶• بند نِشانہٕ:- یہ نِشانہٕ چھُ جُملس منٛز تمن لفظن یا کتھن ہنٛدِ باپتھ استمال سپدان یہُند تعلُق جُملکس متنس ستی چھنہٕ آسان۔ جُملکہِ کُنہِ لفظچ کانٛہہ وضاحت چھیٚہ یمن نشانن منٛز بند روزان۔ مثلاً

۱• یتھ ٹیلو جنٛس چھُ زساس روپیہ (ٹیکس ییتر ہیتھ) قمت۔

۲ • بہ اَنَن سُہ پانس سِتۍ (اگرتمۍ مون) یور۔

۷ • ڈیشہِ نِشانہٕ :- کتھ ژٹنہٕ تہٕ خیال بدلاونہٕ وِزِ چھُ ڈیشہِ نِشانہٕ ورتاونہٕ یوان۔ مثلن

۱ • پُلیس : دپان ژوٗر گوٗ ھنہٕ وزِ اوسکھ ژٕ ے یوت تتھ مکانس منز۔

حمید : تہُنٛد مطلب چھابہٕ چھُس ـــــ ؟ -.

۲ • ڈیشہِ نشانٕی چھیٚہ ییتھ پأٹھی تہِ استمال سپدان۔

۱ • ژٕ سُہ ـــ تہٕ اسۍ سأری چھِ اَمِکۍ ذمہ دار۔

۸ • واوِ نشانہٕ :- یِم نِشانہٕ چھِ سیوٚد کتھ (Direct speech) باونہٕ باپتھ استمال یوان کرنہٕ۔ مثالے

۱ • مہتابن ووٚن، "میٚہ چھُنہٕ زِہنے تہِ ییٚتھ رٕ دی نفروٕ چھمُت"۔

۲ • میٚہ چھُنہٕ مزید کہنۍ وَنُن، "تمۍ ووٚن"۔

پرٛ بتھ وَنَن واٲلۍ سٕندۍ لفظ اگر الگ الگ پأٹھی پیش کرٕوٕکھ، واوِ نِشانہٕ گژھن ضروٗر استمال :-

۱ • "ژٕ ے کیٛاہ چھے ناو"؟۔

"میٚہ چھُ آشاناو" تمہِ ووٚن۔

۲ • "ژٕ کیٛاہ چھکھ کران"؟۔

"بہٕ چھُس ماشٹر"۔

## مشق کرِو:

١ • لہجہ نِشانہٕ کتھ وَنوتہٕ اَتھ کم کم طریقہٕ چھِ ورتاوٕنکی۔

٢ • اند نِشانہٕ تہٕ ژھھنہٕ نِشانہٕ ورتاوِو جُملن منز۔

٣ • واشہِ نِشانہٕ ورتاوِو ترٛبن جُملن منز۔

٤ • واوِ نِشانہٕ تہٕ ڈیشہِ نِشانہٕ ہاوو جُملن منز۔

٥ • [( )] تہٕ [?] کم نِشانہٕ چھِ۔ مِثالہٕ دِتھ کرِو بیان۔

## بُنیادی لفظ راش Basic Vocabulary

١• دوہن ہٕندی ناو (Name of days)

| کاشُر | اُردو | انگریزی | جُملہٕ |
|---|---|---|---|
| ژٔندٕروار | سوموار | Monday | آتوارِ پتہٕ چھِیہٕ ژٔندٕروار یوان۔ |
| بوموار | منگلوار | Tuesday | بوموارِ دوہہٕ شمالس کُن سفر کرُن چھُ ناخوشی ہُند باعث مانہٕ یوان۔ |
| بودوار | بُدھ وار | Wednesday | از چھِیہٕ بودوار۔ |
| برٛبسوار | برہسپتی وار | Thursday | برٛبسوارِ دوہہٕ چھِ آستانن پیٹھ شب کران۔ |
| جُمعہ | شُکروار | Friday | جُمعہ دوہہٕ چھُ مغربس کُن سفر کرُن نیک فال مانہٕ یوان۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| بٹہٕ وار | شنی وار | Saturday | بٹوارِ دوہہٕ چھہِ مرکزی سرکار دفتر بند روزان۔ |
| آتھوار | روی وار | Sunday | آتوارِ دوہہٕ چھہٕ مغربس کُن سفر کرُن تکلیف دہ تہٕ مشرقس کُن فائدٕ بخش۔ |

**۲. رِتن ہنٛدی ناو (Name of months)**

| کاشُر | اُردو | انگریزی | جملہٕ |
|---|---|---|---|
| ژِتھر | چیت | January | ژِتھرس منٛز چھیٚہ سخ تر آسان۔ |
| وَہکھ | بیساکھ | February | وَہکس منٛز چھُ زبردس شین پیوان۔ |
| زیٹھ | جیٹھ | March | زیٹھ چھُ وٕریک ترٛیم رٕتھ۔ |
| ہار | آساڑھ | April | ہارس منٛز چھیٚہ تلہٕ گوگل پھلٕے آسان۔ |
| شراوُن | ساوَن | May | شراونس منٛز چھہِ تلہٕ گوگل لونان۔ |
| بہدٕون | بھادون | June | بہدٕونس منٛز چھہِ تھل رُوان۔ |
| عاشُر | اسوج | July | عاشُر چھُ زبردست گرمُک رٕتھ۔ |
| کارِتک | کتک | August | کارِتک چھُ وٕریک لوٗتُھم رٕتھ۔ |
| مونجہِ ہور | مگھر | September | مونجہِ ہورس منٛز چھہِ دانہِ لونان۔ |
| پوہ | پوہ | October | پیارس پوہس تہٕ ماگس چِھلس اندر بہ زاگس، دوگل پھولن میہ باغس دُبارِ وارِ وارے۔ (مہجورٛن کلامہٕ) |

| | | | |
|---|---|---|---|
| ماگ | ماگھ | November | پوہہ پتہ چھُ ماگھ یِوان۔ |
| پھاگن | پھاگن | December | پھاگنس منز چھِ دوہ لوٗکٹ آسان۔ |

## ۳. جسمکین تانن ہنٛدی ناو Parts of humanbody

| کاشُر | اُردو | انگریزی | جُملہٕ |
|---|---|---|---|
| اتھہٕ | ہاتھ | Hand | اَتھس منز چھےٚ پانژھ اوٚنگجہِ۔ |
| اَس | مُنہ | Mouth | اَس چھُ کھینہٕ خاطرٕ تہٕ کتھہٕ کرنہٕ باپتھ۔ |
| اَڑِج | ہڈی | Bone | کمبرِ چ اَڑِج چھےٚ کمزور آسان۔ |
| اَچھ | آنکھ | Eye | اَچھ چھےٚ وُچھنہٕ باپتھ۔ |
| اَچھروال | پلکیں | Eye-lids | اَچھروال چھِ اَچھن ہنٛدی پہرٕ دار۔ |
| اوٚنگج | اُنگلی | Finger | کہنے اوٚنگج چھُنہٕ پانہٕ واٚنی رلان۔ |
| اَندرم | انتڑیاں | Intestine | اَندرمن چھُ جلد انفیکشن گژھان۔ |
| بُمہٕ | ابرو | Eye-brows | بُمہٕ چھےٚ انسانس خوبصورتی منز اِضافہ کران۔ |
| بوٚکوٹ | گردہ | Kidney | بوٚکوٹ چھےٚ بدلاونہٕ تہِ یِوان۔ |
| پھیوٚک | کندھا | Shoulder | گریسی چھِ الہٕ باٚنی پھیکس پٹھ تُلان۔ |
| پرٕ اَندرم | ..... | Appendix | پرٕ اَندرم چھُ اوپریشنہٕ ذٔریعہ کڈنہٕ یِوان۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| تِلہٕ پیۆت | تِل | Gallbladder | تِلہٕ پیۆت چھُ مشکلیٖ خراب گژھان۔ |
| تال | تالو | Palate | زیو چھیٚ لفظ تالرنہٕ وِزِ تالس ستی لگان۔ |
| کرٛ یہنہٕ ماز | جگر | Liver | چاروائن ہُنٛد کرٛ بہنہٕ ماز چھِ کھوان۔ |
| مَس | بال | Hair | مَس چھُ انِسانہٕ سنٛز شوٗب۔ |
| چھأتی (زنانہٕ ہٕنز چھأتی) | چھاتی | Breast | تِمس چھیٚ جان چھأتی۔ |
| چھأتی (مردٕ سنٛز چھأتی) | چھاتی | Chest | چھأتی چھیٚ زُکامہٕ ستی خراب گژھان۔ |
| دِماغ | دماغ | Brain | دِماغ چھُ فکرِ ہُنٛد مرکز۔ |
| دأر/ ریش | داڑھی | Beard | دأرتھاوٕنی چھُ رسم بنیوٗمُت۔ |
| وأنج / دِل | دِل | Heart | کوکتھ چھُ اِنسان وأنجہٕ ہنٛد بو گنو بوزان۔ |
| دند | دانت | Teeth | انِسانس چھِ دوہ ترٛہ دند۔ |
| ڈیکہٕ | ماتھا | Forehead | تس چھُ ڈیکہٕ پھولہٕ وُن۔ |
| رگ | رگ | Vein | رگو منٛزی چھُ خوٗن پکان۔ |
| رأن | ران | Thigh | ران چھِ کوٹھن ہٕندس ہیٚرِ مس حِصس وَنان۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| زیٚو | زبان | Tongue | زیٚو چھیہٕ شمشیر ہِیہ گژھِ کافہٕ رٹنی۔ |
| زنگ | ٹانگ | Leg | پژبتھ گٕنہٕ مثلس منز گوڈ ہنہٕ زنگ ژٕھنی۔ |
| سیٖنہٕ | سینہ | Chest | تس چھُ سیٖنس تکلیف۔ |
| شیشہٕ نور | پھیپھڑے | Lungs | چاروائے سٕند شیشہٕ نور چھُ سہُل آسان۔ |
| کھور | پاؤں | Foot | کھورن چھُ وندس منز شُہہ گژھان۔ |
| کھورٕ نَٹھ | پاؤں کا انگوٹھ | Big toe | کھورٕ نٹھو پٹہٕ کھول تٕمی شہہ۔ |
| کمبر / کمر | پیٹھ | Back | کمبر دود چھُ عام۔ |
| کمبرٕ چ اُڈِج | ریڑھ کی ہڑی | Back bone | کمبرچہِ اُڈجہِ چھُ نوقصان واتان۔ اگر زیادٕ بور کمبرس پٹھ تُلو۔ |
| کَن | کان | Ear | کن گوڈ ہَن دوہے صاف کرٕنی۔ |
| کنٕگ مل | کان کا میل | Ear wax | کنگ مل چھُ زَر بر واتہٕ ناوان۔ |
| کوٚٹھ | گھٹنا | Knee | گامن منز چھُ کوٚٹھیک قسم عام۔ |
| کوٚٹھی آنچہٕ | ...... | Patellas | کوٚٹھی آنچن تکلیف واتُن چُھ سخ مُضِر مانٕنہٕ یِوان۔ |
| کلہٕ | سر | Head | کائِنسہِ ہٕندِس مثلس سٕتُن گوٚو زورٕ کلہٕ دود ملٕی ہیوٚن۔ |
| کلہٕ کھاہر | کھوپڑی | Skull | تس چھیہٕ لڑایہ دوران کلہٕ کھاہر پھٔٹمو۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| گوڈ | ٹخنہ | Ankle | کھور چھلنس چھِ جنوبی کشیر ہنٛدٮ۪ن کینٛژن علاقن منٛز گوڈ کڈٕنی تہٕ ونان۔ |
| گروز | ...... | Shank | گروز چھِ تتھ مازس ونان یُس کوٚٹھن أندرمہٕ طرفہٕ آسان چھُ۔ |
| گونٛژھ | مونچھ | Moustache | گونٛژھِ تلٕی اُسن چھیٚہ کأشر کہاوت۔ |
| گردن | گردن | Neck | تس چھیٚہ گردن موٹھمٕژ۔ |
| کوچھ | گود | Lap | وولہ بِہہ میانہِ کھوچھِ منٛز۔ |
| گلَ | گال | Cheek | تس چھیٚہ صاف گلہٕ۔ |
| لرکأنی | پسلی | Rib | دپان حضرت حوا چھیٚہ لرکانہِ تلہٕ پأدٕ گمٕژ۔ |
| مازبیرٕ | مسوڑہ | Gum | مازبیرن منٛز چھِ دند بند آسان۔ |
| منٛزاتھہٕ | ہتھیلی | Palm | منٛزاتھِ چھُ سروٚن آسان۔ |
| معیادٕ | معدہ | Stomach | تس چھُ بتہٕ معیادس پٮ۪ٹھے۔ |
| ژٕر | بازو | Arm | یَس وٕژھ ژٕرٕ کھیٚیہ لگہٕ ہنزٕر۔ |
| نم | ناخن | Nails | نم گژھن نہٕ زیادٕ زیٹھر اِونی۔ |
| ناف | ناف | Navel | ناف چھیٚہ مأنتہٕ راونہٕ یِوان۔ |
| نس | ناک | Nose | نس گژھِ ہیٚمِہ صاف تھاوٕنی۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| نبضٕ گژھِ نارمل آسُن۔ | Pulse | نبض | نبضٕ |
| تس چھُ نبٹھس ژونگ دزان۔ | Thumb | انگوٹھا | نبٹھ |
| وُٹھ پھسراے کرِنی گونہٕ جان۔ | Lip | ہونٹ | وُٹھ |
| یہ بأتھ گژھ راج بیگمہِ ہنٛدِ ہٹہِ بوزُن۔ | Throat | گلا | ہۆٹ |
| شہہ چھُ ہوانالہِ کِنی کھسان۔ | Oesophagus | ہوا کی نالی | ہوانالۍ |
| ہونگنہِ زیوٗٹھ چھےٚ رہژھ تہِ آسان۔ | Chin | ٹھڈی | ہوٚنگنۍ |
| ہۆژ چھُ اتھس تہٕ زرِمنز باگ آسان۔ | Wrist | کلائی | ہۆژ |
| یَڈ چھِ سینس بون گُن آسان۔ | Abdomen | پیٹ | یَڈ |

## ۴ . اِنسائی رِشتن ہنٛدی ناو (Man and his relations)

| جُملہٕ | انگریزی | اُردو | کأشُر ناو |
|---|---|---|---|
| مول چھُ شُر بن بڈٕ شفیق تہٕ رفیق آسان۔ | Father | پِتا | مول |
| موج چھےٚ شُر بن قدرتُک سایہٕ۔ | Mother | ماتا | موج |
| دپان بوے چھُ کُنٛی تہٕ بیٚنہٕ تھٔنی۔ | Brother | بھیا، بھائی | بوے |
| بیٚنہٕ چھےٚ بأے سنٛز سِر بوج آسان۔ | Sister | بہنا، بہن | بیٚنہٕ |
| بُڈی بب گو ماٹی سُند یا ماجہِ ہُند مول۔ | Grand father | نانا، دادا | بُڈی بب |

| | | | |
|---|---|---|---|
| نانی | نانی، دادی | Grand mother | نانی گیہِ ماجہِ یامالِکی ہنٛز موج۔ |
| نوش | بہو | Dauther-inlaw | نوش لَوِنہٕ ہارتہٕ کھور تَل مارتَس ہوٚ نڈٕ۔ |
| نیٚچُو | بیٹا | Son | نیٚچُو چھِ کاشِری پأٹھی اولادس وَنان۔ |
| کوٗر | بیٹی | Daughter | کوٗر گیٔہ سوٗیوسہٕ پننہِ ڈھنبہِ زیوٗ۔ |
| ہش | ساس | Mother-inlaw | ہش چھیٔہ اکثر نوشہِ ستاوان۔ |
| بیمہٕ | بہنوئی | Sister's Husband | بیمہٕ بنہٕ نہٕ بوے۔ |
| ہٲہر | برادر نسبتی | Brother-inlaw | رِشتو منٛزٕ چھُ ہٲہر ٹوٹھ آسان۔ |
| ہُہر | سُسر | Father-inlaw | ہُہر چھُ شُہل آسان۔ |
| پیٚتر | چاچا | Uncle | پیٚتر گومأِلس برابر۔ |
| پیچھیٚنی | چاچی | Aunt | پیچھیٚنی گیہِ پیٚترٕ ہنٛز زنانہٕ۔ |
| پِتر بوے | چچیرا بھائی | Cousin | پِتر بوےتہِ گوپنُنے بوے۔ |
| پِتر بیٚنہٕ | چچیری بہن | Cousin-sister | پِتر بیٚنہِ گیہِ پنٛنی بیٚنہِ۔ |
| باتٕھر | بھتیجا | Nephew | باتٕھر چھُ ٹوٹھ آسان۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| باوٕز | بھتیجی | Niece | باوٕز چھِ بأے ہنٛز کورِ نان۔ |
| بیٚنٛزٕ | بھانجی | Sisters daughter | بیٚنٛزٕ گیہِ بیٚنہِ ہنٛز کوٗر۔ |
| پوٕپھُو | پوپھا | Maternal uncle | پوٕپھُو چھِ پوپھِ ہنٛدِس خانہٕ دارس وَنان۔ |
| پوٕپھ | پوپھی | Aunt | پوٕ پھ گیہِ مألی ہنٛز بیٚنہِ۔ |
| پوٕپھتُر بوٚے | پوپھی زاد بھائی | Cousin brother | حمید چھُنہٕ میٚہ پوٕپھتُر بوٚے۔ |
| پوٕپھتٕر بیٚنہِ | پوپھی زاد بہن | Cousin sister | نگینہٕ چھیٚہ حمیدس پوٕپھتٕر بیٚنہِ۔ |
| دُرٕ ے | دیور | Brother in-law | دُرٕ ے گو خانہٕ دارسُنٛد بوٚے۔ |
| مام | ماموں | Maternal Uncle | مام چھِ ماجہِ ہنٛدِس بأیس وَنان۔ |
| مأمنیٚ | مامی | Aunt | مأمنیٚ گیہِ ملمہٕ ہنٛز زنانہٕ۔ |
| ماٲمتُر بوٚے | ماموں زاد بھائی | Cousin | کریم چھُ افضلُن ماٲمتُر بوٚے۔ |
| ماٲمتٕر بیٚنہِ | ماموں زاد بہن | Cousin sister | دِلشادٕ چھیٚہ صمدِنی ماٲمتٕر بیٚنہِ۔ |
| ماسو | خالو | MSH | ماسو گو ماسہِ ہُنٛد خانہٕ دار۔ |
| ماس | خالہ | Aunt(Ma.) | ماس گیہِ ماجہِ ہنٛز بیٚنہِ۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| رِوینٛدرچھُ برج ناتھن ماسترٛ بوٚے ۔ | Cousin borther | خالہ زاد بھائی | ماسترٛ بوٚے |
| شوباؤتی واتہٕ ڈالی ماسترٛ بیٚنہِ ۔ | Cousin sister | خالہ زاد بہن | ماسترٛ بیٚنہِ |
| وورٕموج گیہِ ماٲلِ ہنٛزٕ دوٚیم زنانہٕ ۔ | Step mother | سوتیلی ماں | وورٕموج |
| ماجہِ ہُنٛد بیاکھ خانہٕ دار ۔ | Step father | سوتیلا باپ | وورٕمول |
| سُہ گو وورٕ بوٚے یُس بیٚیس ماٲلی سُنٛد آسہٕ ۔ | Step brother | سوتیلا بھائی | وورٕ بوٚے |
| دل افروز چھیہٕ نگینٛنی وورٕ بیٚنہِ ۔ | Step sister | سوتیلی بہن | وورٕ بیٚنہِ |
| سال چھِ زنانہِ ہنٛزِ بیٚنہِ ونان ۔ | Sister In-law | سالی | سال |
| سأجو گو ساجِی ہُنٛد خانہٕ دار ۔ | | ساڑو/ہم زُلف | سأجُو |
| مامہٕ ہُہر چھُ بُڑٕ گوٚمُت ۔ | WMB | ماما سُسر | مامہٕ ہُہر |
| مامہٕ ہش چھےٚ بُڈ پمٕژ ۔ | WMBW | مامی ساس | مامہٕ ہش |
| حاجرٕ چھیٚہ تاجس ماسہٕ ہش ۔ | WFBW | ...... | ماسہٕ ہش |
| غفار چھُ احدس ماسہٕ ہُہر ۔ | WMSH | ...... | ماسہٕ ہُہر |
| دل آرامس چھُ خاوند ظالم ۔ | Husband | پتی | خاوند، رُٗن |
| رژٕ زنانہٕ چھیٚہ بوٚنہٕ شہُل ۔ | Wife | پتنی/بیوی | زنانہٕ، کولے |

| | | | |
|---|---|---|---|
| ان ہؤرا[1] | کُنوارا | Bachelor | سُہ چھُ وِنہِ ان ہؤر یعنی خاندر رؤ ستے |

## ۵ . وَسن ہِنْدی ناو Name of Ornaments

| کأشُر | اُردو | انگریزی | جُملہٕ |
|---|---|---|---|
| رونہِ گوڈ | پازیب | Anklet | رونہِ گوڈ چھِ زیادٕ ترٕ زنانہٕ واجنہِ لاگان۔ |
| ہِنگرِ | چوڑیاں | Bangles | ہِنگرِ چھیٚہ سون، روپھ تہٕ دأنتو تہٕ آسان۔ |
| کنہٕ واجہِ | بالی | Ear-rings | کنہٕ واجہِ آسہٕ بروٚنہہ کالہِ بچہِ لاگان۔ |
| دوٗر | جُھمکا | Pendent | دوٗر چھیٚہ زنانہٕ لاگان۔ |
| وأج | انگوٹھی | Ring | وأج لاگنک رِواج چھُ مردن کیو زنانن منٛز۔ |
| ہار | مالا | Necklace | خاندرٕ وِزِ چھیٚہ کورِ باقٕے چیزو علاوٕ ہارک تہِ استمال کران۔ |
| ڈیکہٕ ٹِکہٕ | ٹیکہ | ...... | ڈیکہٕ ٹِکہ اوس بروٚنہہ کالہِ زیادٕ استمال سپدان۔ |

[1] اَمہِ علاوٕ چھِ کأشرِس منٛز یِم رشتہٕ تہِ۔ زام، زاأمی، بینٛز زامُر، ہپترٕ زام، ہپُترٕ بیمہٕ، ماسُر تہٕ پوپھُر دُرٛ سے تہٕ زام تہِ۔ پوپھُتر، مامہٕ تہٕ ماسُترٕ ہہر تہِ تہٕ بیٚنہِ تہٕ کیٚتر رِشتہٕ، چھِ یِم نہٕ دبو بھناونہٕ آے۔

| | | | |
|---|---|---|---|
| پینڈلم | پینڈلم | Pendulum | پینڈلم چھِ زنانہٕ تہٕ تہٕ مردتہٕ لاگان۔ |
| نستہٕ واٗج/تیلی | نتھنہ/ مانتھ | Nose-ring | یہ چھئیہ کورِنس ژۄنمبتھ لاگان۔ |

## ٦ • پلو پوشاکھ Dress

| کاٗشُر | اُردو | انگریزی | جُملہٕ |
|---|---|---|---|
| پھیرن | پھیرن | Pharen | پھیرن چھُ کشیرِ ہُنٛد قدیم لباس۔ |
| پوٗژھ | | Pots | پوٗژ اوس اکثر سفید کپرُک آسان۔ یُس پٔتۍ پھیرنس تلہٕ لاگنہٕ یوان اوس۔ |
| کُرتٕۍ | قمیض | Shirt | کُرتٕۍ لاگنُک رِواج چھُ پوٗرٕ دُنیاہس منٛز۔ |
| پیزار | پاجامہ | Trouser | پیزارس چھِ ہندی پاٗٹھۍ پاجامہٕ وَنان۔ |
| صدٕری | صدری | Waist coat | صدٕری ماٗنٛز تونٛزٕ بو رۄستے لوکٹ موکٹ کوٹ۔ |
| بُنٛدی | بندی | Bandi | یہ چھُ اوٚکی تاٗشی صدرِ چالِ آسان۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| کوٹھ | کوٹ | Coat | کوٹ چھُ یور پُک لِباس۔ |
| رومال | رومال | Napkin | رومال چھُیہ جلدٕ ے گندٕ گژھان۔ |
| لٹھٕہ | لٹھا | White cloth | بروٗنہہ کالہِ آسٕ سارٕی لوٗکھ لٹھٕہ لاگان۔ |
| اچکن | اچکن | Achken | اچکن چھِ زیادٕ تر مولوی صاب لاگان۔ |
| جاکیٹ | جاکٹ | Jacket | جاکیٹ چھِ زیادٕ پہٕن نوجوان لاگان۔ |
| سُتنہٕ | ستنہ | Sutna | سُتنہٕ لاگنُک رواج چھُ زیادٕ تر کورِ ہن منٛز |
| مخمل | مخمل | Velvet | مخمل چھُ قیمتی کپُر۔ |
| کچھِ | کچھا | Undewear | کچھِ چھُ پوشاکُک لٲزمی حِصہٕ۔ |
| فراکھ | فراک | Frock | فراکھ چھُ کورِ ہن ہُند اہم لباس۔ |
| کِٹھٕی | ...... | Shorts | کِٹھٕی چھِ سکول شُری لاگان۔ |
| پتلون | پتلوں | Paint | پتلون چھُ تمام دنیاہس منٛز استمال سپدان۔ |
| بنیان | بنیائین | Sweater | ترٕ نشہِ بچنہٕ خاطرٕ چھُ بُنیانہٕ ہُند استمال یوان کرنہٕ۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| لیف | رضایی | Quilt | لیفہِ ورآ ے لگہِ وندس منز سخ ترٕ۔ |
| مٹرس | توشک | Mattress | مٹرس چھِ وتھراوان۔ |
| کمل | کمبل | Blanket | کمل چھیٚہ وٕلنس تہٕ وتھرنس تہِ لگان۔ |
| ژادر | چادر | | ژادرٕ چھیٚہ وٕلنس لگان۔ |
| تٔکیہِ | تکیہ | Cushion | تٔکیہ بغٲر چھُنہٕ ازوارٕ ے یوان۔ |
| شاندٕ گوٚند | تکیہ | Pillow | شاندٕ گوٚندِ روٚس شوٚنگُن چھُنہٕ ازکل ممکن۔ |
| اتھہٕ پنجہِ | دستانہٕ | Glove | سردی نِشہِ بچاوٕ خٲطرٕ چھُ اَتھہٕ پنجہِ ضروری۔ |
| رُمال | رومال | Handkerchief | رومال چھیٚہ پزٕ تھ نفرس چندس آسان۔ |
| موزٕ | موزہ | Socks | موزٕ ورآ ے چھُنہٕ بوٗٹ لاگُنک تصوٗرٕ ے ازکل۔ |
| دستار | پگڑی | Turban | دستار چھِ پیرتہٕ سِکھ تہِ گنڈان۔ |
| دستارخانہٕ | دستارخانہ | Table cloth | بتہٕ کھبنہٕ وِزِ چھُ دستار خانہٕ استمال یوان کرنہٕ۔ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| وۆرُ | غلاف | Cover | شانڈ گوٚ ندی وۆر چھیٚہ چھلنی۔ |

۷ . کھین چینٔکی ناو Name of Food

| کاشُر | اُردو | انگریزی | جُملہٕ |
|---|---|---|---|
| بتہٕ | چاول | Cooked rice | بتہٕ چھُ کشیرِ ہُنڈ بُنیاۂدی غذا۔ |
| ژامن | پنیر | Cheese | ژامن چھیٚہ دودس بنان۔ |
| ماز | گوشت | Meat | کأشری چھِ زیادٕ ماز کھیوان۔ |
| کٹہٕ ماز | بھیڑ کا گوشت | Mutton | کٹہٕ ماز چھُ بہتر مانہٕ یوان۔ |
| بڑٕ ماز | بڑا گوشت | Beef | بڑٕ ماز چھِ بیشتر کأشری استمال کران۔ |
| دود | دودھ | Milk | دود چھُ واریاہن مرضن دوا۔ |
| زامُت دود | دہی | Curd | زامُت دود چھُ گرمی ختم کران۔ |
| ژیوٚٹ | چٹنی | Sauee | ژیٚٹس چھُ بتس ستی بڑٕ مزٕ یوان۔ |
| ٹھوٗل | انڈا | Egg | ٹھوٗل گوٚژھِ اڈٕ اوبے کھیوٚن۔ |
| چاے | چاے | Tea | کأشری چھِ صُبحاۂ نُنہِ چاے چیوان۔ |
| آب | پانی | Water | آب گوٚژھِ چشمہٕ شأہی ہُند چوٚن۔ |
| آنچار | اچار | Pickle | گرٕ کلی آنچار چھُ بازٕری آنچارٕ کھوتہٕ بہتر۔ |

۸ • میوٕ Fruit

| جُملہٕ | انگریزی | اُردو | کأشُر |
|---|---|---|---|
| بادام چھُ کٲشِرِ ہُنٛد اہم خوشک میوٕ۔ | Almond | بادام | بادام |
| ڈوٗنۍ چھِ زیادٕ اننت ناگس منٛز نیران۔ | Walnuts | اخروٹ | ڈوٗنۍ |
| سوپورتہٕ شوپین چھِ کأفی ژوٗنٛٹھ نیران۔ | Apple | سیب | ژوٗنٛٹھ |
| دَچھ چھِ ریپور گاندربل کأفی مقدارس منٛز بنان۔ | Grapes | انگور | دَچھ |
| کٲشِرِ ہُنٛد ٹنگ چھُ سٮ۪ٹھاہ رسدار۔ | Pear | ناشپاتی | ٹنگ |
| ژُنُن چھُ مزٕ دار میوٕ۔ | Peach | آڑو | ژُنُن |
| ژیرِ چھِ واریاہ قسم۔ | Apricots | خوبانی | ژیرِ |
| شہہ تُل چھِ کٲشِرِ منٛز ووٚنۍ نایاب۔ | Mulberry | شہتوت | شہہ تُل |
| گلاسہٕ چھِ کأفی تیداد س منٛز کٲشِرِ منٛز پأدٕ سپدان۔ | Cherry | گلاسہ | گلاسہٕ |
| اُر چھِ رہتہٕ کالس منٛز تیار سپدان۔ | Eaor | آلوبُخار | اُر |
| اُلی چہٕ چھیٚہ کمے پہن کٲشِرِ منٛز نیران۔ | Ealicha | ...... | اُلی چہٕ |

کلیات مہجورتہٕ بیٚیہِ تہٕ کتی ادبی کارنامہٕ انجام دِتی یمن منز ٹینگ صأبن شأعری بِلا کُنہِ طرفدأری تنقیدی کھوچہِ کھأج۔ اَتھ تنقیدس چھےٚ کأشرِس ادبس منز میلہٕ کنہِ ہنزٕ حیثیتھ حأصل۔ ٹینگ صأبن لیکھی اَمہِ علاوٕ درجنہٕ واد تنقیدی مضمون یم تنقیدی ادبہٕ خأطرٕ اکھ بۄڈ سرمایہ چھِ۔ تلاش چھےٚ یہنز اہم کتاب یتھ منز یہُند تنقیدی اسلوٗب بِڈ چھُ نیران۔ ڈاکٹر شفیع شوق چھِ ابتدأیی شأعری پٹھ کینٛہہ مضمون لیٖکھان۔ یمن منز موضوع، فن، ہیٔیت تہٕ زبان زیرِ بحث اَننہ آیہِ۔ شوق صأبنٛ کتاب ''زبان تہٕ ادب'' چھےٚ تنقیدی نوکتے نظرٕ کِنۍ نہ صِرف اہم بلکہِ چھےٚ تنقیدی طالب علمہٕ ہِنٛدِ باپتھ موزوٗن تہٕ بہتر۔ یتھ منز بیشتر تنقیدی مسأیلن تہٕ اصوٗلن پٹھ کُھلہٕ ڈُلہٕ بحث چھُ کرنہٕ آمُت۔ پروفیسر حامدی صأبنٛ ''جدید کأشرِ شأعری'' ناوٕچ کتاب چھےٚ چھرا تنقیدی نوٗعیتچ۔ تنقیدی اصوٗلس ماتحت روٗزِتھ چھُ یُہ کأشرِ تنقیدِچ آبیأری کران تہٕ تنقیدٕکی بیشتر نوکتہٕ استمال کرِتھ چھُکھ کأشرِ شأعری ہُند مرتبہٕ فنّی لِحاظہٕ سبٕتھاہ تھۄد قرار دیُت مُت۔ بیٚیہِ تہٕ لیکھی درجن واد نقادو الگ الگ مضمون۔ یمن منز سید رسول پونپر، موتی لال ساقی، محمد احسن احسن، بشیر اختر، چمن لال چمن، امر مالموہی، شاد رمضان، مجروح رشید، رتن لال تلاشی، بشر بشیر، اقبال فہیم تہٕ م ح ظفر تہٕ شأمل چھِ۔ سید رسول پونپرنی ''مےٚ مَشہِ نہٕ زانٛہہ'' ناوٕچ کتاب چھےٚ تنقیدی نوعیتچ۔ یتھ منز واریاہ مضمون شأمل چھِ۔ یمن مضمونن منز چھِ غلام رسول نازکی، آزاد تہٕ مہجور، سری کنٹھ توشخانی، نند لال

طالب تہٕ بیٚیہِ تہٕ کتھ تنقیدی مضمون شامل یم تحقیقی آسنس ستۍ ستۍ تنقیدی تہٕ چھِ۔ پروفیسر گلشن مجید صابن چھِ تنقیدس پٹھ واریاہ مضمون لیکھمتۍ یم ''نقد شعر'' سۄمبرنہٕ منز ژرِتھ چھِ۔ شیخ العالمنہٕ شاعری منز شہر آشوب، شاہنامہٕ، گل بقاول تہٕ کأشرس منز سر ریت ہی مضمون چھِ ہر لحاظہٕ تنقیدی تژکری پٹھ وُتران۔ نقدِ شعرٕکۍ مضمون چھِ تنقیدٕکس بُنیأدی تہٕ نفسیأتی ستھرس تتھٕ پأٹھۍ بے پردٕ کران زِ یرن وأنس چھُ شاعری ہُندفن، بجرتہٕ شاعرسُند اصلی مُدا مقصد بروٚنہہ کُن یوان۔ تنقیدی مضمونن ہنز یہ سۄمبرن چھےٚیہ کأشرِس تنقیدس منز مزید وَتہٕ گاشراوان۔ ڈاکٹر مجروح رشید چھُ جدید شاعری ہنٛدِ حوالہٕ کأشرِس تنقیدی مأدانس کُن رواں دواں۔ یمو چھےٚیہ جدید کأشرِ شاعری ہنٛدس سرمایس پٹھ اکھ کتاب بازرتر آومٕژ۔ یتھ ''عصری کأشر شاعری'' ناو چھُ۔ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس جدید شاعرانہٕ تنقیدس متلق چھُ اَتھ کتابہِ منز تیُتھ بحث کرنہٕ آمُت ییمہِ ستۍ شعرٕکس حُسنس ہیتس، موضوعس تہٕ منظرس زول چھُ لگان۔ ناجی منور صأبنۍ تحقیقی تہٕ تنقیدی مضمون چھِ ہر لحاظٕ مدلل تہٕ مفصل آسان۔ یہنٛد بن تنقیدی مضمون ہنز سۄمبرن ''ناپرُسان'' چھےٚ کأشرس تحقیق تنقیدس منز نہ صرف اہم اضافہٕ بلکہِ چھےٚ اتھ منز تمہٕ کتھٕ درج یمو ستۍ فکر چھُ تران زِ تحقیقی تہٕ تنقیدٕ چ چھےٚ کأشرس ادبس منز کأفی گنجأیش۔ تنقیدٕکس مأدانس منز چھِ بیٚیہِ تہٕ واریاہ ناو تاہم چھُ بیشتر نقادن پنٕہ نِین ہم خیالن تہٕ دوستن پیٹھٕ قلم تلنک عادت۔ یُس اکھ جان رُجحان چھنہٕ۔

## رُبأعی

رباعی چھیہ اکہِ قسمچ شأعری۔ اکھ بِدۆن شعرٕ ذاتھ آسنہٕ کِنۍ چھِ اَتھ منز کینٛہہ اصۆل تہٕ مُقرر۔ اَمہِ کِنۍ شعرن ہُنٛد تعداد چھُ عام پأٹھۍ ژور آسان تہٕ باضے چھیہ رُبأعی صرف دۆن شعرن ہنٛز ہبکان اَستھ تاہم چھُ یُتھ ہیوٗ رواج کمے پہن۔ اَمہِ شعرٕ ذأژ ہُنٛد گوڈنیک، دۆیم تہٕ ژۆرِم شعر گوڈھِ ہم قأفیہ آسُن۔ رباعی باپتھ چھُ ''لاحول وَلاقوت اللہ'' وزن زیادٕ تر استمال سپدان۔ فارسی زبأنۍ ہُنٛد تھدِ پایک شأعر رُودکی چھُ اَمہِ صِنفہِ ہُنٛد بأنی کار مانہٕ یوان۔ تیمِس رباعی ونَس منز سبٹھاہ مہارت حأصل سپز مۄ آس۔ عمرِ خیام تہِ چھُ فارسی رُبأعین ہُنٛد کامیاب وۄستاد۔ یمن رُبأعین چھُ غلام نبی خیالن کأشُر ترجمہٕ کۆر مُت۔ کأشرِ زبأنۍ اندر چھُ غلام رسول نازکی تہٕ غلام حسن بیگ عارف جان رُبأعی لیکھن والین منز گنز راونہٕ یوان۔

رُبأعی لیکھنک رواج چھُ قدیم کالہٕ پیٹھے اوسمُت۔ قدیم کالک شأعر ییلہِ نہٕ کہنۍ لیکھِ ہے تو تہِ آسہِ ہا رُبأعی تخلیق کران۔ اگرچہ یہِ صِنفہِ سوخن وونۍ ژھوکے مۄ چھیہ تاہم چھُ عالمچین بیشتر زبانن منز رُبأعی ادب کأفی تعدادس منز موجوٗد۔ اتھ منز چھِ مذہبی، اخلأقی تہٕ قومی موضوع خاص پأٹھۍ ورتاونہٕ یوان حالانکہ اتھ منز چھنہٕ موضوعچ کانٛہہ پابندی۔

## ردیف Endrhyme

ردیف چھُ عربی لفظ یُس فعلہِ مصدر کہِ رَ دلفظ منٛز دژ امُت چھُ ۔ اَمیُک معنہِ چھُ واپس پھیُرن یا بار بار پھیرِتھ یُن ۔ ردیف چھِ گُری سوارس پتہٕ کنہِ گُرِس پٔتھ بیہنہٕ وأٔلِس نفرس تہِ ونان ۔ ووں گوٚو شعرِ ادبس منٛز ییٚلہِ کانٛہہ لفظ یا جُملہٕ مِصرِ کِس أخرس پٔتھ بار بار یوان چھُ تَتھ چھِ ردیف ونان ۔ وژنس تہٕ غزلہِ دوشوٕنی منٛز چھُ ردیف آسان ۔

ردیف آسنہٕ ستئ چھُ غزلہِ یا وژنس منٛز اکھ تیُتھ سازٕت پأدٕ گژھان یُس اِنسانس فرحت تہٕ سوٚروٗد بخشان چھُ ۔ وُچھو یتھ شعرس منٛز :

نیاے لولُک لالس باوُن چھُم ۔ دود بدنُک مدنس ہاوُن چھُم

شرٕ ییمہِ سنٛدِ گرٕ پتہٕ گرِ پھیرِس ۔ موٚت یوُن تُسی پتہٕ چھاوُن چھُم

(غلام نبی عارض)

یِمن شعرن منٛز چھُ باوُن، ہاوُن تہٕ چھاوُن قاُفیہ تہٕ چھُم لفظ چھُ ردیف ۔

شأعری منٛز چھُ باضے جُملہٕ تہِ ردیف بنان ۔ مثلاً

تن نارٕ ڈٕ زارٕ آرٕ وَلہِ ۔ رِکھو کلہِ کروٗ ڈٔھراو

دیدٕ ارٕ ستئ وارٕ بلہِ ۔ رِکھو کلہِ کروٗ ڈٔھراو

دَپھِ رأنٛٹھ کھوٗ ہلہِ ہلہِ ۔ تتھ ما وَرزانٛہہ دژاو

کأرِی گرٕ کوٚ تاہ دَلہِ ۔ رِکھو کلہِ کروٗ ڈٔھراو

ہِکہو کلہِ کرِتھ ہو او چھُ یِمن شعرن منز رٔدیفچ کأم دِوان۔ رٔدیف چھُ وژنس،
غزلہِ بلکہِ بیشتر شعرِ صنفن منز آسان۔ تاہم چھےٚ آزاد نظم یا بلینک ؤرس اَمہِ
نِشہِ مُبراہ۔ غزل تہٕ وژن صِنف، چھےٚ خصوصی طور اَمہِ ورأے ناممکن۔ ردیف
چھُ شأعری خاصکر غزلُک اکھ اہم سوٚتون۔ یہ چھُ شعرس منز رِدم، میچھر تہٕ زُو
نٕیتہٕ پأدٕ کران۔ اَمکہِ برکتہِ چھُ شعرس منز اکھ نِظام، ڈھانچہٕ تہٕ دستوٗر قأیم
سپدان۔

## شُرٕکھ

شُرٕکھ چھِ اکھ کأشر شعرِ ذاتھ یتھ منز دوٚیہ پتھٕ اٚٹھ مصرٕ آسان چھِ۔ شرٕکھ
شعرِ صِنفہِ ہُنٛد بأنی کار چھُ حضرت شیخ العالمؒ۔ یِم چھِ پنٕنۍ اکثر تجربہٕ اٚتھۍ صِنفہِ
منز پیش کران۔ سماجی نابرابری، مذہبی تعصبٕ، انسأنی فریضہٕ، اقتصأدی تہٕ
اجتمأعی موضوعن اندر یہ کینٛہہ ہاہ تہٕ حضرت شیخن بیان کوٚر، تہٕ سوٗرٕے چھُ
شرٕکھ شعرِ ذأژ منز رٔژھرِتھ۔ شیخ العالمؒ چھُ یِمن شُرٕکین منز انسانس جان
جان کامہِ کرنٕچ نصیحت کران۔ یِمن شُرٕکین ہُنٛد مِزاز چھُ واعظانہٕ۔ اَمِچ
زبان چھےٚ شوٚزتہٕ عامیانہٕ آسنس سٟتی سٟتی فلسفی یانہٕ تہٕ۔ تاہم چھُنہٕ سو تیٚژ
مُتصِفانہٕ یوٚسہٕ عام نفر سمجتھ ہیکہِ نہٕ۔ مثلن

دِل چھےٚ گاڑتے ہو کہِ موتھاوُن

ذِکرٕ ہُنٛد یوٗنی دِس لسہِ یوتوٚے

خیال چھُ کرنہٕ یوان زِ شُر کھ چھُ شلوکہٕ منٛز درٛ امُت یُس سنسکرت لفظ چھُ یٚیلہِ زن شُر کھ پراکرت دوٗرک لفظ چھُ ۔ یہِ چھیٚہ اکھ ٹاکارٕ حقیقت زِ لسانی تبدیلی ٚکنی چھُ سنسکرت زبانٕی ہُند لام (ل) اَچھُر پراکرت دورس منٛز رے (ر) حرفس منٛز تبدیل گومُت ۔ توٲریخی لسانی یاتکنیٖن ماہرن ہُند یہِ دعولتہِ چھُ شلوک لفظِس واو (و) حرفس پٮ۪ٹھ براہ یوان زِ قدیم زمانہٕ پٮ۪ٹھے روٗ دی لفظومنٛزٕ اَچھُر ختم گژھان تہٕ نٔوی اَچھُر گیہِ لفظن ستی رلان ۔ یٚمیُک ثبوت شلوک یا شرٛوک لفظس منٛز واو (و) اَچھُر چھُ ۔ یم دوشوٚے اَچھُر لام تہٕ واو چھِ توٲریخی لسانیاتن مُتاثر کری ٚمتی یٚمہِ ٚکنی یہِ وَنُن آسان چھُ گژھان زِ شرُوک/شُر کھ چھیٚہ شلوکٕچ بگرٕمٕژ صورت ۔ گرائمری اصولو مطابق ہکو یہِ تہِ وٕنتھ زِ شُر کھ لفظُک آگُر چھُ شلوک لفظسے منٛزٕ ۔ البتہٕ چھیٚہ یہِ کتھ تہٕ پٔز زِ اَمہِ قسمٕچ تبدیلی آسہٕ آریاوار دِ ہندِ سپدنہٕ بروٚنٹھے یٚتہٕ راٗیج تاہم لوٚگ اَمہِ قسمِکِس لسانی زاوِ جارس آریازبانن ہند سے دورس منٛز زیادٕ رواج ۔

## غزل

غزٕل چھُ عربی لفظ ۔ امیُک معنہِ چھُ پَن ، رزتہٕ رزوٕ ٹھنٛزتہِ ۔ روٚدسوال لفظ غزَل ۔ یہِ تہِ چھُ عربی لفظے یٚمیُک مطلب سُہ کلامہٕ چھُ یُس معشوقہٕ سٔندِس حُسن و جمالس مُتلق آسہِ ۔ اَتھ کلامس منٛز چھِ ذوق وشوق ، دوٗر بر ، جُدٲیی ، وصل ، عشق ، عاشقی ، گُل تہٕ بُلبلہٕ سٕنٛز ذکر آسان ۔ تاہم چھُ عربی زبانٕی اندر

بیا کھ اکھ لفظ غزل بولنہٕ یوان۔ غزل چھُ عربی زبأنی منٛز تس شخص وننہٕ یوان یُس معشوقس مُتلق عشق و محبتچہِ کتھہٕ کرِ۔ زنانن ستی عاشقی ہنٛز کتھ کرن وألِس نفرس تہٕ چھِ غزل ونان۔ غزل چھِ شأعری ہنٛز صنفہِ تہٕ ونان۔

غزلُک آبأیی وطن چھُ عرب سرِ زمین۔ غزل روٗد عربی توأریخہٕ مُطأبق زمانے جاہلیتس منٛز پربتھان تہٕ أتھی زمانس منٛز سپُد اَتھ اہم تہٕ ممتاز مُقام حأصل۔ عرب ہسٹری موجوٗب چھُ جأہلیتُک یہِ دور لگ بگ ۶۲۲ ءتامماننہٕ یوان۔ عربہٕ پتہٕ دژ لیہِ غزل وسطہِ ایشأ کُن تہٕ سارِنے برونٛہہ شیر اَمہِ ایرانس منٛز فارسی زبأنی اندر جاے یتہِ اتھ تھوٚد مُقام حأصل سپُد۔ اَتہِ نیرتھ وأژیہِ صنِف ہندوستان۔ یورِ وأتتھ پرأو غزلہِ اُردو زبأنی اندر پننٕ جاے۔ اُردو زبأنی اندر کر غزلہِ زبردست ترقی۔ مرزا اسداللہ خان غاؔلب، فیض احمد فیضؔ تہٕ میر تقی میرؔ ہی غزل گوٗ کری اَمہِ زبأنی پأدِ۔

یوٚ تام کأشرِ زبأنی اندر غزلچ ابتدأیی مشق چھیہ، تتھ مُتلق چھُ واضح زِ کأشرِ زبأنی منٛز کر محموٗد گأمی ین غزل مُتأرف۔ محموٗد گأمی اوس پانہٕ فارسی زبأنی ہُند جان ووستاد۔ یمہِ کنٛہ أمی فارسی طرزِ تحریرس تہٕ طریقس پتھے کأشرِس منٛز غزلچ بُنیاد ترأو۔ مثلن:

یارِ میانو مارکن منٛز پان ہوٗوتھ تی پزٕ یا

تارِ کن منٛز ماہہِ تابان منٛدٕ چھوٗوتھ تی پزٕ یا

عربی تہٕ فارسی غزلِکی پأٹھی روٗد گوڈٕ گوڈٕ کأشرِس غزلس تہٕ سُے موضوع

یمیُک استمال عرب تہٕ ایرٲنی شاعرکران ٲسی یعنی عشق و معشوقی ہنز کتھ۔ البتہٕ آو زمانہٕ بدلنس ستۍ ستۍ غزلِکس موضوعس منز تہٕ نوبر تہٕ اتھ منز تہٕ لۆگ تصوُف ،فلسفہٕ تہٕ سماجی صورتحال تہٕ جاے پراونہٕ۔محمود گامی ، رسول میر ، مہجور ، آزاد تہٕ احد زرگر تہٕ چھِ کاشرِ زبٲنی ہندی غزل گو شاعر۔ تاہم رۆ دی ترقی پسند شاعری شروع گژھنس تام اکثر شاعر وژنہٕ سے منز پننی شاعرانہٕ تجرُبہٕ کران۔ وۄں گۆو جدید شاعرو کۆرپننہٕ شاعرانہٕ باوتہٕ خاطرٕ غزلہِ ہُندے انتخاب۔ یمو جدید شاعرو خاص پاٹھی غزل باوژہنز ذریعہ بناوتمن منز چھُ جناب اٙمین کاٲمل ، پروفیسر رحمٰن راہیؔ ، پروفیسر غلام نبی فراق ، غلام نبی خیال ، دینا ناتھ ناٲدم ، موتی لال ساقی ، ارجن دیو مجبوٗر ، ناظر کولگامی تہٕ بیہ تہٕ درجنہٕ واد شاعر شاٲمل۔

غزلچ زبان گژھِ میٹھ ، رٔسچ تہٕ مزدار آسنۍ۔ اٙمکۍ لفظ گژھن خۄبصورت ، دِلکش ، معنہٕ ساوی تہٕ پُرکشش آسنۍ۔ دپان غزل گژھہِ کم کھوتہٕ کم پانژن تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکوُہن شعرن ہنز آسنۍ۔ اکۍ وزن ، قافیہٕ تہٕ ردیف آسُن چھُ شعرٕ باپتھ ضروٗری۔ غزلہِ ہُند گوڈنیُک شعر گژھِ لازمن ہم قافیہ آسُن۔ شعر چھُ دۄن مصرن ہُند آسان۔ غزلہِ ہندِس گوڈنکس شعرس چھِ مطلع تہٕ اٙخری شعرس مقطع ونان۔ اٙخری شعرس اندر چھُ شاعر پنُن تخلُص ورتاوان۔ غزلہِ ہُند پرٛتھ کانٛہہ شعر چھُ آزاد معنہٕ دِوان۔ یہِ چھُ خود مختیار آسان۔ اٙمیُک ہیٚے شعر پھٲنہٕ نٹھِتِھ یا بروٚنٛہِم شعرس ماتحت روٚزِتھ پنُن موضوع ،

معنہِ، مطلب تہٕ مفہوم مُقرر کران تہٕ نہٕ چھُ تہِ ضروٗری۔ ووں گوٚژھنہِ وِزِ اگر غزلہِ منٛز معنہِ یا موضوع رٕنگی تسلسُل ہیوٚ پاےٚدٕ سپُد تتھ صوٗرتس منٛز چھےٚ یہٕ غزلہِ مسلسل بنان۔

## قافیہِ

قاٲفیُک لفظی معنہِ چھُ پے در پے یِنہٕ وول یا باٗتُک اٰخری لفظ یُس اکثر بدلان چھُ روزان۔ قاٲفیہٕ سِتی چھُ شعرس منٛز اکھ نوٚو دُنیا وجود پراوان تہٕ اَمہِ سِتی چھُ شعرس منٛز رُت تہٕ خوشیوٗن آہنگ پاےٚدٕ سپدان۔ قاٲفیُک استمال اوس بروٚنہہ پیٛٹھے شاعری منٛز سپدان۔ ریوایتی شاعری منٛز اوس قافیہ ورتاوُنُک سخ چلے جاو۔ واکھ، شرُکھ، تہٕ وژن شاعری تہِ چھےٚ قافیہِ بند۔ تاہم غزلس منٛز چھُنہٕ قافیہِ ورأے چارے۔ اَمہِ ورأے روزِ نہٕ غزلٕچ اصلی تہٕ آباٲیی صوٗرت قاٲیم۔ قافیہِ بغیر چھُ شعر زن تہٕ سنگ ہاوان۔ اَمہِ سِتی چھُ میزان ڈنجہِ روزان تہٕ پرن کیٛو بوزن والی سُند مزاز چھُ راحت محسوس کران۔ مثلاً

موکھ پریوٚن بَرژاو صُبحاٗے صُبحاٗے
اوٚندپوٚکھ مُشکیاو صُبحاٗے صُبحاٗے

(غلام نبی فراق)

اَتھ شعرس منٛز چھُ ژاو تہٕ مُشکیاو قاٲفیہ تہٕ یتھے پاٹھی چھُ اَمہِ پتہٕ اَتھ غزلہِ منٛز آو، ٹھہراو، تھاو تہٕ شوقیاو بیترِ ہی لفظ قاٲفیٕچ کاٗم برقرار تھاوان۔ یِم شاعرن بڈ ہونرِ

سان ورتاوی متی چھِ۔

## مثنوی

مثنوی لفظ چھُ عربی زبٲنۍ ہُند یُس مثنی الفظس کُن منسوٗب چھُ یمیُک مطلب زِ (۲) زیادہ گن یعنی اکھ جمع اکھ=زٕ چھُ۔ شاعری اندر چھےٚ یہ اکہ بدوٗن شعرٕ صنف گنزراونہٕ یوان۔ مثنوی ہُند پرٛ بتھ کانٛہہ مِصرٕ چھُ ہم قافیہٕ تہٕ ہم ردیف آسان۔ اکثر پٲٹھی چھُ یی وُچھنہٕ آمُت زِ مثنوی ہِندِ پرٛ بتھ شعرٕ پتہٕ چھُ ردیف تہٕ قافیہ بدلان۔ مثنوی چھِ اَکس زیچھِ تہٕ باڑوِ دار نظمہِ ونان۔ فردوسی سُند شاہنامہٕ تہٕ مہابھارت ہیکہِ اَمِچ بہترین مثال بٔنِتھ۔ مثنوی چھےٚ عشقیہِ تہِ تہٕ رزمیہِ تہِ آسان۔ اَتھ منز چھُ پرٛ بتھ کانٛہہ موضوع ورتاونہٕ یوان۔ عربی، فارسی تہٕ اُردو زبٲنۍ اندر چھےٚ واریاہ مثنوی لیکھنہٕ آمٕژ۔

یوٚ تام کأشر زبٲنۍ ہُند تعلق چھُ اَتھ منز چھُ مثنوی ہُند ابتدا محمود گأمی ینہِ پتھٕ گژھان۔ یہِ خیال تہِ اَسی ظأہر یوان کرنہٕ زِ شاید چھُ شاہ قلندر ابراہیم ادہم ناوٕ چ مثنوی لیکھِتھ کأشر مثنوی ہُند ابتدا کران مگر یێلہِ محمود گأمی شیرین خسرو مثنوی بازرتژ اوان چھُ اَمہِ وِزِ اوس شاہ قلندرٕ صرف ستہٕ وُہر۔ محمود گأمی یَس پتہٕ چھِ واریاہ مثنوی نِگار کأشرِ زبٲنۍ اندر پننۍ تجرُبہ کران تہٕ جان جان مثنوی لیکھان یمن منز مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری ہنز گلریز، ولی اللہ مُتی ہنز ہی مال نأگرای، عزیز اللہ حقأنی ہنز ممتاز بےنظیر، وہاب پرہِ سُند شاہنامہٕ، امیر شاہ

کریری سُند خاورنامہٕ تہٕ بُلبُل ناگامی سُند سامنامہٕ ہیترِ قابلِ ذِکر چھُ۔

## مرثی

مرثیہِ چھُ عربی لفظ یمیُک معنہِ موردن ہنٛدی تعریف کرٕنی چھُ۔ سُہ تہٕ تِتھین شعرن منٛز یم پرُ دِہ داآسن تہٕ بوزن وألِس گوھِ وڈُن یِن۔ مرثی ہُند آغاز گوٚو عرب سرِ زمینہِ پٮ۪ٹھے۔ یہِ چھیہ سو شعرِ ذاتھ یوسہٕ قدیم آسنس ہتی ہتی جذباتن ہنٛز شِدت محسوس کرناوان چھیہ۔ اَتھ صنفہِ لوٚگ کربلاکہِ واقعہٕ پتہٕ زبردست رواج تہٕ ہر کانٛہہ زبان چھیہ اَتھ صِنفہِ نہ صرف لول بران بٔلکہِ چھِ بیشتر عربی زبانن منٛز اَمہِ صِنفہِ ہنٛدی ادبی شاہکار تخلیق آمتی کرنہٕ۔ عربہٕ پٮ۪ٹھ وأتِھ یہِ صِنف ایران یٮ۪تہِ اتھ فارسی زبأنی ہنٛد بوٚ شاعرو سبٹھاہ لول بوٚر۔ اَمہِ پتہٕ سپٕز یہِ صِنف اُردو زبأنی اندر دأخل یٮ۪تہِ اَمہِ صِنفہِ کینٛہہ تھسکنی لایق ناو پأدٕ کٔری یمن منٛز میر انیس تہٕ مرزا دبیر قابلِ ذِکر چھِ۔ یمو شاعرو چھیہ امام عألی مقام حضرت امام حسینؑ تہٕ تہٕندبن باقے سأتھین ہنٛدِس شہادتس پٮ۪ٹھ طویل مرثیہِ تخلیق کرِمتہٕ یمن منٛز جذباتن ہنٛز تیٖہہ تہٕ درٕدچ شِدت زن تہٕ منظر پیش کران چھِ۔

کأشر زبأنی اندر چھِ نُندٕ ریشس پٮ۪ٹھے مرثی ہنٛدی اشارٕ میلان مثلاً۔

نُندٕ سنٛز گو سورگس ماتو نُندٕ سنٛز گو سورگس ماتو

نُندٕ سنٛزٕ کٕ سنٛزی یانہٕ مٮ۪ل ژٕے روٗس چھُنہٕ زیبانہٕ

للہٕ یانہٕ یوٚ دوَے کاتو            نُندٕ سنٛز گو سورگس ماتو

ابتدٲیی دورس منٛز یِمو شاعرو مرثی ہنٛزِ صنفہِ گوڈٕ بوٚرتِھمن منٛز چھِ میر سید حسن، سید صالح رضوی تہٕ نُندٕ ڈارتہِ ناوٕ ہینٛس لایق۔ اَمہِ پتہٕ کرٲمہِ صنفہِ ہنٛز پیروی خواجہ حسین میر، خواجہ محمد باقر، صفدر میر، حکیم حبیب اللہ تہٕ سید حیدر شاہن بیترِ۔ کاشرِ زبٲنی اندر چھِ از کل بیشتر شاعر مرثی تہِ تخلیق کران۔ یِمن منٛز ترقی پسند دورٕ کہ تہٕ جدید پتکی حامی شاعر تہِ شامل چھِ۔ فارق بڈگامی، انیس کاظمی تہٕ شاہد بڈگامی چھِ قابلِ ذکر مرثی نگارن منٛز شُمار سپدان۔ شاہد بڈگامی چھے مرثی پیٹھ بارٕو دارتہٕ اکھ مستند توارٟخ لیچھمُت یتھ کاشرِ مرثی ہُند توارٟخ ناو چھُ۔ کشیٖرِ ہندی سِکھ تہٕ بٹہٕ تہِ چھِ کربلاہکین شہیدن مرثی صِنفہِ اندر پتھن خراج پیش کران۔ اَمہِ قسمکی زٕ مرثی شعرِ مجموعہ رَتہٕ اوٚش، تہٕ خون آب چھِ بازرٲتی ہتی یِم عرفان ترٲبین مرتب کٔر۔ مرثی چھیٚہ پابند تہِ لیکھنہٕ یوان تہٕ اَپابند تہِ۔ اَمکین اَپابند شعرن چھُنہٕ گنڈٕ ے۔ نظمہِ ہنٛدِس صورتس منٛز تہِ چھیٚہ مرثی لیکھنہٕ یوان۔ کاشرِ زبٲنی ہندی مشہوٗر شاعر حسن ڈرائیورن چھیٚہ روضۃ الشہداء کاشرِ پاٹھی تخلیق کرٕمٕژ یتھ اندر کربلاہک مفصل حال نظماونہٕ آمُت چھُ۔

## مکالمہٕ

مکالمہٕ چھُ عربی لفظ۔ امیُک معنہ چھُ کتھ باتھ کرنی یا دون نفرن ہُند پانہٕ وٲنی

کلامہٕ کرُن یا ییٚلہِ دوہ دینٛچہِ زندگی منٛز ہٕ نفر اکھأ کِس ستۍ ہم کلام سپدن، تتھ چھِ مکالمہٕ ونان۔ مثالے

| بوزُن وول [دۆیم نفر] | وَنَن وول [أکم نفر] |
|---|---|
| بہٕ اوُسس دِلہِ گۆمُت۔ | ژٕ کۆت اوسکھ گۆمُت۔ |
| اہن سہ وارٕ چھس۔ | ژٕ اوسکھٕے وارِے۔ |

مکالمہٕ چھُ ادبس اندرتہِ استمال سپدان۔ ناول، ڈراماتہٕ افسانس منٛز چھےٚ اَمِچ ضرورتھ لأزمن پیوان۔ ییٚلہِ کردارن درمیان کتھ آسہِ کرناوِنۍ، مکالمہٕ بغأر چھُیہٕ سو ناممکن خاصکر پأتھرس منٛز سُہ تہِ ییٚلہِ پأتھر سٹیج آسہِ سپدان۔ دویو کردارو ورأے چھُ مکالمہٕ سپدُن ناممکن۔ ییٚلہِ ڈراماہس منٛز کانٛہہ کتھ اکھ کردار کران چھُ دۆیم کردار چھُ تمِکس ردِعملس نکأری یا أنکأری جملہٕ ورتاوان۔ مثلن

سوال: بہٕ یِمہٕ نہٕ تور۔

جواب: ژٕ یِکھ نہٕ، پانے چھکھٕے ونان۔ سوگیہِ میأنۍ کأم ژٕ تورٕ نٕین۔

ناول نگارتہِ افسانہٕ نگار چھُ دون کردارن ہنٛزِ کتھ باتھہِ ستۍ پٔنن افسانہٕ یا بییہٕ کانٛہہ تخلیق منطقی انجامس واتناوان۔

## نعت

نعت لفظُک بُنیأدی معنہٕ چھُ تعریف کرٕنۍ۔ تاہم چھُیہٕ یہِ صِنف پیغمبرِ اسلام

حضرت محمدؐ سِند بو تعریفو باپتھ زیادٕ استمال یوان کرنہٕ۔نعت چھُ حضورؐ سِندِس حُسن و جمالس ،حُسنہٕ اخلاصس ،صورت وسیرتس ،وٕ تھنس بیہنس ،پکنس ٹکنس تہٕ عادات و اطوارن پیش کران۔ عام لوٗکن ہنز بجاَیی تہٕ پاپر جاَیی، عوامکس دوکھس سوکھس ،مسائلن ،رشتن ،زندگی ہِند بن مالماتن تہٕ انسانی یَتہِ کنِہن عام پہلوٗن متلق یُس رحم لانہٕ روٗیہِ حضرت محمد مصطفیٰؐ پاناوان آمتٕ چھِ تِم ساری چھِ نعتکۍ موضوع بنے متٕ ۔نعت چھُ ہمیشہِ دِلکش تہٕ وجد آفرین آسان۔ عربی تہٕ فارسی زبانی اندر چھِ بڈی بڈی نعت گو شاعر پاَدٕ سپدی متٕ ۔ کاشرِ زبانی منز سپد نعت وننک ابتدا علمدارِ کشمیر حضرت شیخ العالمؒ سِندِ وقتہٕ پیٹھے۔مثلاً

| | |
|---|---|
| یِہنٕدس دورس رحمت چھِے جاَری | پاَری پاَری لگو زِتس پیغمبرس |
| تس کُن وٕ میدوار آسن ساَری | کاَلی ییلہِ ہکھ لگہِ روزِ محشرس |

تاہم لوٗگس محمود گامی ینہِ ڈیٖس زیادٕ ے چلے جاو۔سُہ چھُ فارسی تہِ تہٕ کاشری نعت تہٕ ونان۔محمودس پتہٕ چھِ درجنہٕ واد نعت ونن واَلی شاعِر پاَدٕ گوھان یِم پٔتن اُسلوٗب ہیتھ نعت گویی کرنہِ لگی۔یِمن منز عبد الاحد ناَدِم ،خواجہ حبیب اللہ نوشہری ،فاخر کشمیری ،عاشق تراَلی ،ثنااللہ کریری ،عزیز اللہ حقاَنی ،ناظم تہٕ صمد میر تہِ شاَمل چھُ ۔یوٗتام جدید کاشرین شاعرن ہُند تعلق چھُ تِموتہٕ بوٗر اُتھ صنفہِ زبردست لول۔غلام حسن بیگ عاَرف ،فاَضل کشمیری تہٕ غلام حسن عمگین تہِ چھِ تِی نعت وناں۔نعت پرُنک رِواج چھُ کشیرِ (بوم ولداخ

ہیتھ ) ہنزن تمام مسجدن تہٕ آستانن منز۔ ختم شریف تہٕ درود دِنجات وِزِ تہٕ چھِ نعت پرنہٕ یوان۔

## نظم

نظم چھِ تتھ ادبی صنفہِ ونان یوسہٕ شعرن منز آسہِ۔ آرائیش تہٕ آراستگی کرنس تہٕ چھِ نظم ونان۔ نظم چھےٚ دوٚیہ طریقہٕ تخلیق یوان کرنہٕ۔ اکھ گیہِ نثری نظم تہٕ بیاکھ چھےٚ آزاد نظمہِ رنٛگی مشہور۔ نثری نظم چھنہٕ کُنہِ قافیس رٕ دیفس ماتحت تہٕ نہ چھُ یمن اصولن ہُند اطلاق آزاد نظمہِ پٮ۪ٹھ آسان۔ اَمہِ خاطرٕ چھنہٕ بحرٕ ہنٛز تہِ کانٛہہ پابندی۔ امیک اکھ بند چھُ ژھوٚٹ آسان تہٕ بیاکھ زیوٚٹھ۔ کُنہِ کُنہِ چھُ دون بندن درمیان ہشر تہِ آسان۔ آزاد نظم چھےٚ واریاہ طوٗیل تہِ آسان تہٕ لوٚکٹ تہِ۔ اتھ مقابلہٕ چھُ پابند نظمہِ منز قافیہ تہٕ ردیفک آسُن ضروٗری۔ سارِوٕے بروٚنٛہہ چھےٚ شیخ العالمؒ سنٛدِس کلامس منز نظم لیکھنچہٕ مثالہٕ میلان۔ مثلن یُس کرِ کوٚنگل، چھےٚہم ژیٚتس مہربانہٕ، بارخدایا پاپھ نوار، تیٚتھ مےٚ ورِ دِتو دِوو، کر بندن توشہِ خداے بیترِ بیترٕ۔ یمن نظمن منز چھُ شیخ العالم زندگی تہٕ دُنیاوی مسائیل، انسانی رٕ ژرٕچہ کتھہٕ تہٕ دینی فرائیضن وِکھنے کران۔ اَمہِ پتہٕ چھُ حبیب اللہ نوشہری تہٕ محمود گامی اَتھ شعرٕ ذاژ بروٚنٛہہ پکناوان۔ محمود گامی چھُ پننہِ شاہکار نظمہِ تمثیلہِ آدمس منز آدمہٕ سُند تخلیقی سفر ارتقائی اندازس منز پیش کران۔ یُتے یوت نہٕ بلکہِ چھُ محمود گامی اَمہِ کھوتہٕ طوٗیل نظمن تہٕ زیو دِدان

یتھ منٛز زان دُنیاواویلا تہٕ "پٔرشی نامہٕ" ناوٕ ہیٚنس لایق چھیٚہ۔ یہ سلسلہٕ رُوٗد صوفی شاعرن منٛز تہٕ جأری تہٕ ترقی پسند دورٕ کیوٗ گوٚنہٕ ماتو تہٕ بوٚ را تھ لول بٔلکہٕ پانہٕ نأوِیہ صِنف جدید شاعروتہٕ۔ شاہ قلندر، وہاب کھار، شمس فقیر، رحمان ڈار تہٕ احمد بٹوأری چھِ نظم نگارن منٛز اہم روتبہٕ تھاوان۔ احمد بٹوارِنی 'نٔے' وہاب کھأرن ستھ لنجہٕ طوطہٕ' عشقہٕ معراج نامہٕ، سرفہٕ ٹوپھ تہٕ شمس فقیرٕنی سٔدٕ رٕکھو لٔدرٕ مال چھیٚہ اہم صوفی نظمہٕ یموٚ ستی کأشرِ زبأنی ہندس صوفی کلامس نہ صرف اعلیٰ روتبہٕ حأصل چھُ بٔلکہٕ دِن اَمہٕ قسمچہٕ نظمہٕ کأشرِ صوفی شأعری باپتھ ہمیشہٕ بہارٕچ کأم۔

ترقی پسند دورس منٛز رُوٗد عبدالاحد آزادتہٕ پابند نظمہٕ لیکھان۔ شِکوہ کشمیر، سون وطن، پاں ژادٕر، آرٕ ول، شینہٕ مأنی تہٕ خاصکرٕ تھ دٔریاو چھیٚہ یِہنٛز شاہکار نظم۔ جدید نظم لیکھن والین منٛز چھِ درجنہٕ واد شأعر شأمل یِم جدید رُجحانن تہٕ موضوعن پانہٕ ناوان چھِ۔ یتھ منٛز ۱۹۶۰ء پتھٕ تا ایندم سأری شأعر شأمل چھِ۔ نأدم، راہی، فراق، ساقی تہٕ کأمل چھِ ناوٕ ہیٚنس لایق۔

نظمہٕ خأطرٕ چھُ ضروٗری زِ اَتھ منٛز گژھِ وحدتہٕ تأثر آسُن تہٕ ہیٚر پتھٕ بوٚن تام چھُ نظمہٕ باپتھ لازم زِ یہ گژھِ اکے خیالچ وکھنے کران آسٕنی۔ نظمہٕ منٛز چھِ استعارٕ، پیکر تہٕ تشبیہ تہٕ استمال سپدنکی سبٹھاہ امکانات آسان۔ انسان چھُ پننی خیالات مُفصل پأٹھی نظمہٕ منٛز وبوٚھناوِتھ ہیکان۔ غزلہٕ مقابلہٕ چھیٚہ نظم رنگارنگ موضوعن بیٚنی نانجن فرٕو پھراوان۔

## ناول

ناول چھِہ یورپُچ پَیداوار۔ ترقی ہِنٛدی منازِل طے کران کران وۄت ژیہ نثری صِنف برِصغیرس منٛز تہٕ ییتہِ یہ بیشتر زبانن ہنٛز موضوع بنیہ۔ اُردو، بنگالی، مَلیالم، کنٔڑ تِلگو، تامل، پنجٲبی، گُجراتی تہٕ آسامی زبانن منٛز آیہِ کٲفی ناولہٕ لیٚکھنہٕ۔

یۄ تام کاشُرِ زبٲنی منٛز ناول وجودس ینٛچ کتھ چھِہ تتھ مُتلق سپز گوڈنیُچ کوٗشش ۱۹۲۲ء منٛز ییلہِ پروفیسر شری کنٹھ توشخٲنی "لیلا" ناوِچ ناول تخلیق کران چھُ۔ یہِ ناول آیہِ اخبار "بہارِ گلشن کشمیرس" منٛز قسط وار چھاپ کرنہٕ۔ یہِ اخبار اوس شری کنٹھ توشخٲنی ہِندِ ہے اِدارتس تل شایع سپدان۔ اَمہِ پتہٕ کر حبیب کامرانن "بٔرات" ناوِچ ناول لیٚکھِتھ بیاکھ کوٗشش۔ "کوٗنگ پوش" ناوِکس رِسالس منٛز چھپیوو امیُک اکھ قِسط۔ تاہم چھُ ۱۹۵۸ء منٛز اختر محی الدین "دود تہٕ دگ" ناول بازرٕ آوان یتھ منٛز کم زیادٕ ناولہِ ہِنٛدی گون نظر آیہ۔ دوٗن یتیم کوربن ہِنٛدی ظلم وستم تہٕ اِستحصال چھُ اتھ ناولہِ منٛز بیان آمُت کرنہٕ۔ یہِ ناول چھِہ وقتہٕ کینٛن سیاسی نعرن ہِنٛدٕ بٔزی گمو۔ أتھی وقتس منٛز لیچھ علی محمد لونن "أسی تہٕ چھِ انسان" ناول یتھ منٛز امرناتھ یاترین ہنٛز صورتحال تہٕ درپیش مسائل بیترِ وبۄہاونہٕ آیہ۔ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ ناولہٕ پیٚیہ تھنہٕ یِمن منٛز غلام نبی گوہرُنی مُجرم، پُنٛز تہٕ پاپ، تہٕ میُٚل، بنسی نِردوٗشنی اکھ

دور، ڈاکٹر امر مالوہی صائنی ترٛ لیش تہٕ ترٛ پن، پران کشورٕنی شین تہٕ وتہٕ پوٚدتہٕ ڈاکٹر بشر بشیرٕنی داستان امیر جہاں بیترٕ قابلِ ذکر چھیٚ۔ کینٛہہ ترجمہٕ تہٕ آیہٕ کرنہٕ۔ علی محمد لونَن کوٚر رگورکی ہِنٛزِ ناولہِ ''موج'' ناوس تحت کأشُر ترجمہٕ۔ لیو ٹالسٹاے ہِنٛز ناول جنگ تہٕ امن گٔر مظفر عأزم ہأج بلہٕ، پروفیسر شمس الدین احمد، وورنگ ہاپٹس مظفر عأزم تہٕ مرٛن اِوان۔ ''اپچن'' ناولہِ کوٚر پروفیسر شفیع شوقن ترجمہٕ۔

ناولہِ منٛز چھُ کانٛہہ تہٕ موضوع وبۄ ھناونہٕ یوان۔ سیأسی، مذہبی تہٕ رومأنی موضوع تہٕ چھِ ناولہِ ہِنٛدی ذہنت بنان۔ افسانس مُقابلہِ چھیٚ ناول بڈٕ تہٕ وٚسیع آسان۔ اتھ منٛز چھِ واریاہ کردار آسان۔ ناولہِ ہِنٛدی سأری کردار وبۄھناوٕنی چھِ ضروری آسان۔ واقعات چھ اتھ منٛز اکہِ کھوتہٕ زیادٕ ویپان۔ اتھ چھُ پلاٹ تہٕ آسان۔ واقعاتن چھُ یہِ پلاٹ گنڈ کران تہٕ ڈلیل چھیٚ أکِس نِظامس تحت پایہٕ تکمپلس واتان۔ اتھ منٛز چھِ مکالمہٕ ورتاونکی کأفی امکانات موجوٗد آسان۔ واقعاتن ہِنٛز وبۄ ھنے چھیٚ اکھ لأزمی جُز۔ ناولہِ ہِنٛز ریڈرشپ چھنہٕ زیادٕ۔ ازکل کِس تیز رفتار دُنیاہس منٛز چھُ اَمہِ قسمُک ادب مُشکلے کانٛہہ أدٕہب پران، عام لۄکن ہِنٛز چھنہٕ کتھے۔

## واکھ

واکھس مُتلق چھیٚ کتابن منٛز مختلف تعوٗیلہٕ۔ واکھ چھُ ہندیورپی زبانن ہُند لفظ یُس اَمہِ خاندانچین لگ نچن منٛز مشترکہٕ طورٕ استعمال کرنہٕ چھُ یوان۔ سنسکرت

زبأنی منز چھُ امیُک معنہِ شوٗژ ، مُقدس تہٕ پوِتر کتھ باتھ۔ ویدن ہنٛد بن
رہت ریو اجن تہِ چھُ واکھ وَننہٕ آمُت ۔ واکھ چھِ بوٗلنکس طاقتس تہِ ونان تہٕ
کتھ کرٕنکس دیوتاتس تہِ ۔ واکھ چھُ جرمن زبأنی منز تہِ ورتاونہٕ یوان۔
یمیُک معنہِ آواز چھُ۔

کأشر زبأنی منز چھُ واکھ اکھ شعرٕ ذأژ ہُنٛد ناو۔ للہٕ دید کوٚر ریٚننہِ شأعرانہٕ باوٕژ
باپتھ اَمی صنفہِ ہُنٛد استمال۔ مثلاً

گورن دوٚپنم اَکے وژَن نیبر دوٚپنم اندراژُن
سُے میہ للہِ گوم واکھ تہٕ وژُن توے ہیوٚتُم ننگے نژُن

لل دیدِ ورتأوی سأری شأعرانہٕ موضوع واکھس منز۔ سمأجی یا مذہبی استحصال
کرن والین متعلق آسہِ ہے لیکھُن یا انسأنی یتس ززُر ژانن والین خلاف،
للہٕ دید شیر یمن سارِنے موضوعن واکھ صنفہِ منزٕ ے جاے۔ مثلاً

لل بوٚدژ ایس کپسہِ پوشہ سٕوی کأڈی تہٕ ڈوٗنی کرنم یژھی گتھ
تیہِ ییلہِ کھأرنم زأویکہِ تیسے ووِری وانہٕ گیم الأنزلتھ

للہٕ دید پتہٕ آیہِ واکھن ہنٛز شأعری سبٹھاہ کم کرنہٕ تاہم آیہِ ووہمہِ صدی ہنٛد بن
اَخری دون دٔہلین منز واکھ صنفہِ ہنٛز وأرث محترمہ بملا رینہ بروٗنہہ کُن ییمہِ
وُنیکتام واکھن ہنٛز زِسو مبرنہٕ بازرتژ اوِ۔ واکھس منز چھِ کم کھوتہٕ کم ژور تہٕ زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ اَٹھ شعر آسان

# وژُن

وژُن لفظ چھُ تحریری شہادتہٕ مطأبقِ گوڈنچہ لٹہِ للہٕ دیدِ نشہِ میلان ییلہِ سوٗ سُے میٚ للہِ گوم واکھتہٕ وژُن" شعر تخلیق کران چھ تاہم چھیٚہ شُرٲہمہِ صٔدی منٛز اتھ صِنفہِ حبہٕ خوتون مکمل پأٹھی پننہِ شأعری باپتھ ورتاوان۔ أمِس پتہٕ چھیٚہ وژُن شأعری صحیح واش کڈان تہٕ سُہ آسہِ نہٕ کہنے کأشُر شأعر ییٚمی نہٕ وژُن پننہِ باوتُک ذٔریعہ بنووتہٕ اَتھ منٛز کامیاب تجربہٕ کٔری۔ صوفی شأعرأسی تن یا لولہٕ شأعر، یِمو سارِوٕے کٔری وژُنس منٛز رنگہٕ رنگہٕ تجرُبہٕ۔ ترقی پسند شأعروتہٕ بوٚر وژُن صِنفہِ لول۔ وژُنس منٛز کٔری محمود گأمی، رسول میر، احمد بٹوأری، وہاب کھار، مہجور، عبدالاحد آزاد، احد زرگر، صمد جان تہٕ رجب حأمدن بیترِ سبٹھاہ جان فٔنی تجرُبہٕ۔ غزلس مقابلہٕ چھیٚہ وژُنس منٛز واریاہ آزأدی۔ وژُن تخلیق کرُن چھُ غزلہِ نسبت سہلے پہن آسان۔

وژُن چھنہٕ دون بندن ہندِس شعرس منٛز بلکہِ چھِ اَتھ منٛز ژور بند آسان۔ گوڈٕ شعرُک دوٚیم مصرٕ چھُ سأری سے وژُنس منٛز فی تریٚیو شعرَو پتہٕ بار بار پھِرنہٕ یِوان۔ اَتھ چھِ ووج ونان یُس ژوٚرِمہِ مصرٕچ کأم چھُ دِوان۔ باضے چھُ گوڈنکِہ شعرکہ دوٚیمہِ مصرُک رٔدیف ژوٚرِمس مصرس ستی ہمٕشر ہاوان تہٕ گُنہِ وِزِ چھِ گُنہِ وژُنس منٛز ووجہِ مصرٕ ورأے برابر ژور مصرٕ آسان۔ تاہم چھیٚہ اَتھ منٛز کُلہم پأٹھی ژور شعر آسان امیک موضوع چھُ تسلسل سان ہاوان تہٕ

جُدا اگانہٕ معنہِ تہٕ دِوان۔

کاشُرِ زبانٛی لِرلوٚ رچھُ دراوڑ خاندانچہِ کنز زبانٛی منٛز تہٕ وٕژن صِنفہٕ ہُند رواج۔

یہِ زبان چھےٚ کرناٹکس منٛز بولنہٕ یوان۔

## مضمون Essays

مضموٗن چھُ ئنہٕ کوٗششہِ یا تجربکس مفَصَل عبارتس وننہٕ یوان۔ مضموٗن چھُ کانٛہہ خیال رِتمن، موقعہٕ محل تہٕ حسبِ ضروٗرتھ لفظن منٛز پیش پوان کرنہٕ۔ مضموٗن نوٗیسی چھُ فن یُس لگاتار محنتہٕ تہٕ کوٗششہِ ستی ہیٚچھنہٕ چھُ یوان۔ رُت مضموٗن لیکھنس چھِ وارِیاہ طریقہٕ۔ یُس مضموٗن مختلف پرےگرافن منٛز لیکھتھ آسہِ، زانُن گوژھہِ یہِ چھُ بہترین مضموٗن۔ لیکھَن وول گوژھہِ لازِمن مضموٗنکس موضوعس پیٹھ عملی دسترس تھاوان آسُن۔ تس گوژھہِ مضموٗنچ ضروٗرتھ تہٕ اِفادِیت معلوم آسٕنۍ۔

**۱۔ ہیرتھ** ہیرتھ چھُ سانہِ مُلکُک اکھ مشہوٗر بوڈ دوہ یُس ساری سے ہندوستانس منٛز بڈٕ احترامہ، شوژِ شانہِ تہٕ چکہِ چاوِ سان مناونہٕ یوان چھُ۔ یہِ دوہ چھُ شِو جی تہٕ پاروٗتی ہُند لگنہٕ رسم تازٕ کران۔ کشیرِ منٛز چھے اَتھ دوہس بیِیہ تہٕ اکھ اہمیت۔ اَمہِ دوہہٕ چھِ کاشُری لوکھ زاپٹھس تہٕ کرپٹھس وندس روخصت کران تہٕ نوٚو بہار چھُ نِو زندگی ہنٛز شیچھ ہتھ پیاران آسان۔

ہیرتھ شروٗع سپدنہٕ برونٛہہ داہ دوہ آسی بازرسجاونہٕ یوان۔ قسمہٕ وار مال اوس

دُکانن پیٹھ سجاوِتھ آسان۔ کھین چینکی سامانہٕ، گندنہٕ درۄکنکی چیزٕ تہٕ رنگ بہ رنگی پلو آسی اَتھ دوہس پیٹھ خصوصی طور کِنٕنہٕ یِوان۔ تاہم چھُنہٕ ہیرتھ ہٕندِس موقعس پیٹھ وونی سوو وسہٕ درِوسہٕ لبنہٕ یِوان یوسہٕ ۱۹۹۰ ءتام اَتھ دوہس پیٹھ درِاینٹھی آس گژھان۔ ۱۹۹۰ ءمنز ییلہِ کاشرِ بٹن پنٕن ماجہِ وطن ترٛاوِتھ ژٔلُن پیٚو، اَمہِ دُہچ رونق تہٕ چمک دمک گیہِ ختم۔ یہِ بوڑ دوہ چھُنہٕ وونی پنٕنس ریوایتی اندازس منز مناونہٕ یِوان۔ دَے بوزِن تِم دوہ پین جلد پھیرتھ ییلہِ ہیرتھ بیٚیہِ پرٛانی پاٹھی بازرن تہٕ گرن سجاوِ۔

ہیرتُک آغاز گژھنہٕ بروٗنہہ اکھ ہفتہٕ چھےٚ بٹہٕ گرن منز زبردس وۄسہٕ درۄسہٕ لگان۔ اکہِ اَندٕ چھِ یِم وندٕ کِنی ساز و سامانن خاٲرباد کرِنچ تیاری کران آسان تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ چھِ زندگی ہٕندِس نۆس بہارس استقبال کرنہٕ باپتھ ساری ہے گرس ڈُوان تہٕ لِوان۔ شوجی ہٕندِس آو آوس منز چھُ پرٛبتھ کانٛہہ بٹہٕ گرٕ پننس گرس زُدٕل کران تہٕ پرٛبتھ جایہِ چھُ مُشک تہٕ عطر ملنہٕ یِوان۔

ہیٚرٛ ژ دوہ چھُ بٹہٕ گرن منز سُلہِ صبحٲے جشن ہیو آسان۔ لوکٕٹی کیو بڈی چھِ نۆی پلو لاگان۔ زنانہٕ چھیٚہ گرٕچ صفٲیی کران۔ شُری چھِ گندنہِ نیران تہٕ نۆی نۆی چیز مِلی ہٕنتھ چھِ خُشی ہُند اظہار کران۔ مرد چھِ پوزایہ ہُند سامانہٕ شیٚرتھ ندامتہٕ سان شوجیس اُہی کران تہٕ وٹک برنس منز آوِری روزان۔ وٹک چھِ تتھ رسمس ونان یِیمہِ مطابق لوکٕچہِ کھوتہٕ لوکٕچہِ وارِ پیٹھ بڑٕ کھوتہٕ بڑِس نٔژس تام باہ

بانہٕ سومبراونہٕ یِوان چھِ۔ یِم ساری بانہٕ پوشہِ مالو سٕتی سجاونہٕ پتہٕ چھُ یِمن

بانن پٹھ روپہٕ ورق لاگنہٕ یوان۔ اَمہِ پتہٕ چھِ باہٕونی بانن منز ہوٚکھی ڈوٗنی تہٕ آب برنہٕ یوان ۔ یتھہٕ پاٗٹھی چھیٚہ وٹک برٕنی اندواتان۔ ءتی چھیٚہ پوزا شروع گژھان تہٕ چوکس منز چھُ اُتھی وقتس دوران کھمن تیار سپدان۔ بے شمار سنٛی چھِ رننہٕ یوان۔ اَمہِ دوہہٕ چھیٚہ گورس تھپہٕ تھپ آسان زٕ سانے نتہٕ سانے کھیٚنہٕ بتہٕ یا سونٛے نتہٕ سونٛے ییہٕ۔

ہیٚرژ دوہ اُسی عام مسلمان بٹن ہُنٛد گرٕ گژھتھ تمن مختلف ڈالہِ پیش کران تہٕ مبارکباٗدی دِوان ۔ سارِنے بڈٕبن دوہن پٹھ اُسی مسلمان تہٕ بٹہٕ اکھاٗ کِس نِشہِ کھبنہٕ چینکی چیز نوان تہٕ اکھاٗ کِ ہِنٛزِ خشی منز شریک سپدان۔ بٹہٕ تہٕ مسلمان شُربن ، زنانن ، مردن ، جوانن تہٕ بُڈن اوس پانہٕ واٗنی سٕنٛ ماے محبت تہٕ یخلاص تاہم چھنہٕ اَتھ پہلوس منز تا ایندم کینٛہ فرق آمُت۔

## ۲۔ کالجس منز میون گوڈنیُک دوہ

کالجس منز پرٕنک شوق گس ہیکہِ نہٕ اُستھ ۔ لڑکہٕ تہٕ کورِ چھِ ہمہِ جماٗژ منزٕ ے کالج کھسنٕکی خاب وُچھان۔ مےٚ اوس سٕنٛ شوق زِ ئہ دوہ کرنٕنہٕ کریہ بیٚلہِ بیہٕ تہٕ کالجُک بُتھ وُچھِ۔ وتہِ پکان یا گاڈِ سفرس دوران ییلہِ کالج لڑکہٕ تہٕ لڑکی ووستادن، پرنس، پرناونس، لایبریری، کالج گراونڈس تہٕ بیٚیہٕ تہٕ ءکتھن موضوعن پٹھ کتھہٕ اُسی کران، بہٕ اوسُس یہ بڈٕ غورٕ سان بوزان تہٕ خوش گوہان۔ اَوٕ کِنہِ تہِ لوٚگس بہٕ سٕنٛ محنت کرنہٕ زِ بہٕ گوٚژھس جان نمبر نِتھ پاس گوژھن تاکہِ بہٕ تہِ وُچھِ ہا کالجُک ماحول۔ چنانچہ دژاومیاٗنس خابس ترتہٕ بہٕ آس ہُمہِ جماٗژ منز فسٹ تہٕ یتھہٕ کٕنی دژلیہٕ

میانہِ کالج گوہنٛج وَتھ۔ دٲخلہ فارم بھرنہٕ پتہٕ ییلہِ میٚہ اکہِ دوہہٕ اخبارس منٛز پٔرزِ سائنس کالجس منٛز گوہن ۱۵ مارچہِ پٹھہٕ کلاس شروع، بہ گوس زبردست خوش۔ میٚہ لٲجٕ بروٚنٹھے کالج گوہنٛج تیٲری کرٕنی۔ ییلہِ پنداہ مارچ ووت بہ ووٚتھس کالج گوہنکہِ شوقہٕ سُلہِ صُبحٲے ننٛدٕرِ۔ ٹھیک ساڑٕ نوٚ بجہِ وزٲس بہٕ کالج ٹن۔ پوٚرٕ دٔہہِ بجہِ ووٚتس بہ کالج گیٹس پٹھ۔ بہٕ اوسُس پانہٕ ہے ستی خبر کیاہ کیاہ سونچان۔ میٚہ اوس بوٗزمُت زِ کالجس منٛز ییہٕ والین نوٚبن طاٗلب علمن چھِ سینیر لڑکہٕ ریگنگ کران تہٕ بٔتی سوال پرٛژھان۔ اکہِ دوہہٕ اوس میٚہ اَکی ہم جماعتی دوٚنمُت زِ کالجس منٛز چھِ گوڈنکِ دوہہٕ نوبن طالب علمن دٕوٚٹلناوان تہٕ کنہٕ پکڑ کرناوان۔ یہِ بوٗزِتھ اوس میٚہ سخ ڈٕہمہٕ ژامُت۔ تام ژاس بہٕ کالجہِ گیٹہٕ اندر۔ گٔو تام کوٚر میون ناوہتھ میٚہ آلو۔ نظر دِتھ سپُدم معلوم زِ یہِ اوس میون اکھ ہم جماعتی، سُلیمان۔ اُمس ٹن دِ چھتھ گوس بہ بڈٕ خوش۔ اَسی لٔگی ووٚنی یکہِ وٹہٕ پکنہٕ۔ قدم جوراہ کڈِتھ کوٚر لڑکن ہٕنٛزِ اکہِ بجہِ چھوکہِ اَسہِ آلو ییم کالجِکس گِندن ماٗدانس منٛز یہتھ اَسی۔ آلو بوٗزِتھ ژِ ژایہِ میٚہ نٹھ۔ مے اوس ریگنگ ہُنٛد ناوٕ بے کھران مگر ووٚنی نہٕ اوس پوٚت ژلنس وارتہٕ نہ بروٚنٹھہ پکنس۔ بِی سونچان سونچان وٗتی اَسی آلو کرن والین لڑکن نِشہِ۔ اکھ خوبصورت تہٕ تھوٚد لڑکہٕ ووٚتھ میانِس ہم جماعتس ٹن۔ ناو کیاہ چھے۔ میون ہم جماعت ووٚتھس درجواب۔ سُلیمان۔ کتہِ چھکھ روزان اوس تٔمُند دوٚیم سوال۔ اَمہِ بروٚنٹھہ بِیوٚزہا اَمہِ سوالُک جواب ... ناو

پڑ ژھنہٕ پتہٕ گرٕ ی میہ اُمی واریاہ سوال۔ بیشتر سوال اُسی کشمیریتس ، زبانی تہٕ تمدنس پیٹھ۔ تاہم دژاونہٕ میہ بیشتر سوالن جواب۔ میہ سپز سخ ملامت خاصکر تمہٕ سلتہٕ ییلہٕ میہ یہ سوال پڑ ژھنہٕ آوزِ کاشرِ زبانی ہُند انقلابی شاعر کُس چھُ۔ اَتھ سوالس دیت میہ بڈٕ فخر سان جواب، مہجور۔ میون جواب بوزِتھے گیہٕ لڑکن ہنز یہ چھوکھ تھوٚد وٕ تھ۔ تقریباً اُڈِس گنٹس تورٕ ہم فکرِ زِ انقلابی شاعر کُس وَنو تہٕ تو پتہٕ ووٚنہم زِ کاشرِ زبانی ہُند انقلابی شاعر چھُنہٕ مہجور بلکہ عبدالاحد آزاد۔

کینژ کالہٕ پتہٕ وُتھی یم ساری لڑکہٕ تہٕ چاوکھ اُسی چاے تہٕ پانہٕ تہٕ چیکھ۔ ووٚنی آیہ یہنزن کتھن منز نرمی تہٕ حلیمی۔ یمو بناوی اُسی پنٕنی دوس۔ اَمہٕ پتہٕ کوٚرکھ اَسہٕ روٚھتھ تہٕ اُسی چھِ کران دَیس کُن شکر زِ کشام گیہ یمن نشہٕ آزاد۔ میہ ژوٚل واریاہس حدس تام ہاتھ تہٕ اُسی دوشوے ہیٹھی اندکُن تاف دِنہٕ۔ لگ بگ اوٚڈ گنٹہٕ کھنڈ گوٚھتھ آیہ ساری لڑکہٕ اکہے جلیہٕ جمع کرنہٕ۔ ساری ووستاد ہیٹھی کُرسین پیٹھ۔ کالجک پرنسپل لوٚگ نوبن لڑکن اکہٕ اکہٕ تعارف پڑ ژھنہٕ۔ تعارفچ مجلس روز ژریتام جاری۔ پرنسپلن ووٚن پننس تقریرس منزٕ کالج چھُ اکھ گرٕ۔ ییتہٕ چھِ ساری ہوٕ ی، پرتھ کانہہ لڑکہٕ تہٕ ووستاد چھُ اَمہٕ گرٕ ک باژ۔ لحاظہ چھیہ پرتھ کانسہٕ باژس یہ گرٕ تعمیر کرنچ ذمہٕ داری تہٕ فرض تہٕ پرتھ کانسہٕ پزٕ باژن ہُند احترام کرُن تہٕ اِہیکہٕ گرٕ ک پرتھ کانہہ نفر ترقی کرٕ تھ۔

**۳۔ چلہِ کلان** چلہِ کلان چھُ ۲۱ ماہ دسمبر شروع گژھان تہٕ پورٕ ژتجہن دوہن چھُ جاری روزان۔ اگرچہ سردی ہُند موسم نومبر ہے منٛز کلہٕ کڈان چھُ مگر ٹرٕ ہنٛدِس شُدتس منٛز چھُ بہر حال دسمبرس منٛزٕ ے تیز رسپدان۔ لۄکھ چھِ ٹرٕ نشہِ بچنہٕ باپتھ گرم پلون ہُند استمال کران۔ کانگر اگرچہ سردی ہُند مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ اکھ اہم ہتھیار چھُ تاہم چھِ ازکل روم ہیٹر، زِنی بُخاری تہٕ گیس بُخاری تہِ ورتاوس منٛز اَنہٕ یِوان۔ مگر اَمہِ باوجود چھےٚ ٹرٕ ہنٛز تیٚہہ تیز آسان۔ مُنٛلی پلو استمال کرنس ستی ستی چھِ لۄکھ بیرِوِ بنیانہٕ تہِ ناٹی لاگان۔

چلہِ کلانس منٛز چھیٚہ کشیر تہٕ لداخس منٛز خاص پاٹھی زندگی مکمل تھامہِ گژھان۔ کاروبار چھُ مۄلے ٹھپ گژھان تہٕ دوہ دِینٛچہِ زندگی چھُ زاف یِوان۔ بے روزگاری منٛز چھُ زیادے اضافہٕ گژھان۔ زِمۄ زۄری کرن والین ہنٛدِ خاطرٕ چھُ چلہِ کلان غربتک تہٕ بے کاری ہُند حُکم نامہ ہیٚتھ یِوان۔

سڑکہٕ چھیٚہ شدید سردی ستی تباہ وبُرباد گژھان۔ جایہِ جایہِ چھِ سڑکن چاکھ سپدان تہٕ پینس گژھنس منٛز چھیٚہ تھۄس یِوان۔ بجلی ہُند نظام چھُ خاص طور چلہِ کلانس منٛز زبردس مُتاثر سپدان۔ ٹیلی فون نظام چھُ درہم برہم گژھان۔ ہوٲیی سَروسہِ پیٹھ چھُ ناکارٕ اثر پوان تہٕ کھینہٕ خوردٕنی ہنٛد بن چیزن ہنٛز قلت تہِ چھیٚہ پاٛدٕ سپدان۔

چلِے کلانس منز چھُ بارٕ شین پیوان ۔ گُلی گُٹ چھِ سر بہ سجود سپدان ۔ ساٲرے وادی چھےٚ سفید شینہٕ ژادرِ ہُنٛد منظر پیش کران ۔ دوہ وادن چھُ ٹرانسپورٹ بہان ۔ بالاٲیی علاقن تام چھُنہٕ پنداہ دوہ بروٗنٛہہ ٹرانسپورٹ بحال گژھان ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ ییٚلہِ وندس منز شین چھُ پیوان ، وٕہرٕ وٲری لیس چھُ وادی منز سگہٕ وَنہٕ خاطرٕ آب میسر روزان ۔ چیٚنہٕ آیٚچ دِقت چھُنہٕ گژھان ۔ وٲری چھُ ہرلحاظٕ خوش تہٕ خوش حال نیران ۔ چِلِے کلانن پیٚتہِ زندگی قاٚدخانہٕ بناٚوتھ چھےٚ تَتی چھُ یہِ نَوِ زندگی تہٕ نوِ بہارُک موجد تہِ ۔

**۴ ۔ عبدالاحد آزاد** عبدالاحد آزاد زاو ۱۹۰۳ ء کیٚت سرینگرٕ پیٹھٕ ۲۱ کلومیٹر دوٗر رژوڑری تحصیلکِس مشہوٗر گام رانگرس منز ۔ یہُنٛد مول محمد سلطان ڈار اوس درویش صِفت اِنسان ۔ یمن اوس پنُن جان زمین زِراعت ۔ گرِ اوسکھ خواندگی ہُنٛد ماحول ۔ آزادن پوٚر رابتداٚیی سبق گرٕ ہے منز ۔ پتہٕ کوٚر رُکھ مولوی فاضل تہٕ أدیب بیترٕ تہِ ۔ میٹرک پاس کرنس پتی میج یمن محکمہ تعلیمس منز بحیثیتِ ووستاد نوکری ۔ آزاد صاٚب آو گوڈنتھ زُوہامکس پرائمری سکولس منز تعینات کرنہٕ تہٕ یتھٕ گٔیہ کوٚرٲمی پنٕنہِ ماٚشی زندگی ہُنٛد آغاز ۔

آزاد اوس بچپنہٕ پیٹھے فِطری حسنُک عاشق ۔ قدرتکین عجایاتن سنُن تہٕ فِطری کاٚری گٲری پیٹھ بحث کرُن اوس آزادُن وُرلن وتھرُلن ۔ نین ، جنگلن تہٕ

سأل گاہن پھیرنک شوق اوس آزادس عطأیی۔ آزاد اوس فطرت شناس تہٕ تہٕ حُسن پرست تہٕ۔ زمینی لول گِھوٗو أسی تھے، سُہ اوس فطری حسنک فلوآے تہٕ۔

شخصی راجکہن ظُلم وستمن اوس آزاد صحی پأٹھی مشاہد کران۔ لوٗکن پیٹھ زور زبردستی تہٕ رنگہٕ رنگہٕ مصیبت أسی آزاد ہنس ذہنس طلاطُم تُلان۔ لوٗکن چِک دأری، وُڑدأری تہٕ سوٗد خأری ہنِد ظُلمہٕ نِشہِ نجات دِنہٕ خأطرٕ اوس عبدالاحد آزاد ہمہ تن جدوجہد کران۔ سُہ اوس اکثر و بیشتر شخصی راجکہن کارندن ژینہٕ وُنی دِوان زِ کأشرِ ہستی ہند ورتاون والین پیٖہٕ ضروٗر اکہِ دوہ زبردست پشتاوُن تہٕ اَنہٕ گٹہِ کشیر تراوِتھ ژٔلُن۔

اَمہِ کِنی اُس عبدالاحد آزادس پیٹھ سرکارٕچ سخ نظر گذر روزان۔ آزاد روٗد لگاتار عوام پرور جدوجہد جأری تھأوِتھ۔ تِمہٕ لوٗگ ہمدرد ناوکس اُردو اخبارس منز تاناشأہی خلاف لیکھن یمیُک نتیجہ یہ درآو زِ سرکارن ہیٖہِ اَچھ سخت نوٹس تہٕ عبدالاحد آزادس متعلق آیہ باضابطہ اکھ پالسی وضع کرنہٕ یمیُک مقصد یہ اوس زِ آزاد گژھِنہٕ ترٛییو رُتو کھوتہٕ زیادٕ وقتس کُنہِ گامس منز تھاونہٕ یُن۔ آزاد آو ترال، اُری گام، ہنِدوور، بنڈپوٗر تہٕ پلوامہکین دوٗر دراز علاقن تبدیل کرنہٕ ٹرانسپورٹ تہٕ آیہِ کِنہٕ پیٛو آزادن صحتس پیٹھ زبردٔس نا کارٕ اثر

یٖمہِ کنٕز سہ بیشتر وٲنسہِ بیمار رُوٗد۔ صحت زیادٕ خراب گژھنہٕ موکھہٕ آو سہ ہسپتالس منٛز دٲخل کرنہٕ مگر وتھکو شخصی حُکمرانو دیُت نہٕ آزاد صابنِس بیمار آسنس کُن کہنے توجہ۔ چنانچہِ چھُ سہ صرف ژویہٕ تأجی وٕرشہِ وٲنسہِ منٛز ۱۹۴۸ ءکیُت رحمت حق گوٚھان۔ تُسنٛد مزار چھُ رانگرس منٛز۔

عبدالاحد آزاداوس بچپنہٕ پیٹھے شعروشاعری ہُنٛد شوق تھاوان۔ آزادٕنی باتھ چھِ رٕسلی، میٹھی تہٕ نغماتی۔ یِمو چھِیہ نظم، غزلہٕ تہٕ وژن صنفن منٛز شاعرانہ باوتھ کٔرمژ۔ یِمن اوس دیَن پرٛکشکش تہِ دِلس مُہوٗن قلم عطا کوٚر مُت۔ یِہندِس کلامس منٛز چھِیہ فطرتُک تیٖج اُڈرن تہٕ حُسنچ کاریگری رٕژھراُدتھ۔ وطنکی دٲدی تہٕ انسانہٕ ہِندِ غارزمہٕ دارانہٕ وطیرِ چھِ آزادنہِ شاعریٕ ہندی موضوع رُوٗدی متی۔ انسانٕی یتکِس ڈھانچس تہس نہس کرن والین لُوکن تہِ چھُنہٕ آزاد طنز کرنہٕ نِشہِ تژ اوان۔ آزاداوس ذات پات نِشہِ مُبراہ۔ مذہبی تعصبٗ ورتاون والین خلاف اوس آزاد سخت برہمی ہُنٛد اظہار کران۔ تس نِشہِ اوس آدم گٕنے۔ فرقہِ پرستی خلاف اوس آزاد ہمہ وقت بولان۔ مذہبی کٹر پسندی اُس نہٕ تس نٕہیٖم تہِ ہٹہِ وسان۔ تورے اوس ونان۔

بُت خانہٕ ژیٔے بنوٗوتھ کعبک بِناژیٔہ ژٕ ووٗتھ

گیتایہ گیاہ خطاہ کھوٗت ون تمٕ قرآنہٕ والے

قدرتس بیوٚن بیوٚن تھوٗنی یوٚ دآسہن ملتھ تہٕ قوم

پرٛتھ اکس بیوٚن بیوٚن زمینا آسماناہ آسہٕ ہے

آزاداوس پرٛتھ کانٛسہِ ہنٛدِ دینٛک احترام کران۔ تس اوس یہِ فکرِ توٚ رمٕت زِ عالمُک پالن ہار چھُ بس اَکُے، سُہ گوٚو دَے تہٕ تمام مذہب چھِ تٔمی سٕندی۔

دَین دارٕ ژے چھُ دین پنُن میہ چھُ پنُن دین

ایمان خوداچون تہٕ انسان مُدامیون

آزادس ییٚلہِ ترال تبدیلی کرنہٕ آیہ، سُہ اوس تتہِ شاہمدان صأبنس آستانس پیٹھ اکثر حأضری دِوان تہٕ سُہ اوس زبردس اعتقأدی۔ تُسنٛدگُن اولاد ییٚلہِ بیمار گوٚو۔ تسنٛز صحت یأبی باپتھ کٔرٕ تٔمی شاہمدان صأبنس آستانس پیٹھ سخ منگہٕ منگ۔ گوڈٕ اوس آزاد صأب جان باز تخلُص کران۔ مگر نٛچو فوت سپدنہٕ پتہٕ لوٚگ سُہ آزاد تخلص کرنہٕ۔ ونان چھُ۔ آزاد کوٚرنٛک شاہمدأنی۔

آزادن چھُ کأفی کلام وُٚ نمُت یتھ منٛز یہنٛز شاہکار نظمہٕ تہٕ شأمل چھیٚہ۔ دریاو، آرٕ ول، شکوہ کشمیر تہٕ بییہِ تہٕ درجن واد نظمہٕ تہٕ غزلہٕ چھےٚ آزادنہِ فٔنی بجرُک احساس ودتلاوان۔ یہنٛزِ بڈٕ بارٕ کأم چھےٚ کشمیری زبان اور شاعری یوسہٕ اُردو زبأنی منٛز ترٛین جلدن پیٹھ مَبنی چھیٚہ۔ اتھ منٛز چھیٚہ آزاد صأبن کأشرین شأعرن ہنٛز مفصل توأریخ درج کرمژ۔ کشمیری زبان اور شاعری

پرنہٕ ستی چھُ فکرتران زِ آزاداوس نہٕ صرف اکھ شاعر بلکہِ محقق نقاد، تذکرہ نویس تہٕ مورخ تہِ ۔ اُمِس چھِ کشیرِ ہُنٛد براوُن تہٕ شبلی نعمانی تہِ ونان۔

آزادس تیٚمی چیزن عوامَس منٛز مرتبہ کھول ۔ تتھ منٛز چھُ تہِنٛدِ انقلابی ذہنُک سارے کھوتہٕ اہم رول ۔ اُمی ہِنٛدِس پرِتھ شعرس چھیٚہ انقلابُچ بوٗے یوان تہٕ سُہ چھُ واقعی کاشرِ زبٲنی تہٕ قومُک انقلٲبی شاعر ۔ شاید چھُن توٗے وۄنمُت ۔

وُتھی نہٕ میانِو آلوٗ ستی نِنٛدرِ کیٚنہٕ کیٚنہٕ نوجوان

ازیگاہ اُخرتمن وزناوِ پانے انقلاب

**۵. لل دید** لل دید زایہ ۱۳۲۳ ءکیٚت سیمپور پانپر ۔ تس اوس لوکچہِ وٲنسہِ منٛزے دےٚ ژھارنُک تہٕ گارنُک شوق یمیُک نتیجہ ییہِ دراو زِ لل دید روز دُنیاوی زندگی لرِ لوٗر روحٲنی زندگی ہِنٛدِس تلاشس منٛز تہِ پیش پیش ۔ لل دید اُس ارداہوٚرِش ییلہِ تَس زمانکہِ رسم وربواجہ مُطابق پانپر خاندر کرنہٕ آو ۔ تاہم تَس وٲرِیو پھریوٗس ۔ لل دید روٗز وٲرِ وِکی ستم تقریباً بہن وُری ین پیوٚ دنہٕ تَس وٲرِیو پھریوٗس ۔ لل دید روٗز وٲرِ وِکی ستم تقریباً بہن وُری ین ژالان ۔ ہَش آس لل دیدِ اکثر و بیشتر ستاوان ۔ وٲرِوس منٛز ییم دوہ لل دیدِ قیسمتَس آسی، تِم گُذاری تمہِ مُصیبتس منٛز ۔ لل دید ہنٛز ہش روز لللہِ ہنٛدس خاندارس تہِ کن براں تہٕ عام لوٗکن منٛز بدنام کران ۔ ربوایت چھیٚہ عام زِ لللہِ چھُنہِ زہینے تہ وٲرِوگرس منٛز یڈ برابر بتہٕ میوٚلمُت مگر اَمہِ باوجود تھاوُ تمہِ

رُوحٲنی عبادت جٲری ۔ وارِ وارِ سپُد لل دید ہنٛز بۆ ر دبٲری تہٕ ندامتُک چرچہٕ عام ۔ تس لگی لُکھ بڈٕ احترام کرنہٕ ۔ للہِ ہنٛز شہرت بۄزِتھ سپز أہنز ہَش زیادٕ پریشان ۔ تس آیہِ نہٕ للہِ ہنٛز مشہوٗری پسند ۔ امیُک بدلہٕ ہینہٕ باپتھ بٔرِ تمہٕ للہِ ہنٛدِس خانہٕ دارس زبردس کُن تہٕ اکہِ دوہہ یلہِ لل دید آیہٕ توٗٹ اَنہٕ باپتھ یارِ بل گٔمژ أس، واپسی پٹھ لوے تمٔ ہنٛدی خانہٕ دارن آیہٕ نٔٹس کنہِ پھۆل ۔ چنانچہِ چھیٚہ ربوایت زِ آب روٗد معلق مگر نۆٹ پیوٚ فُٹتھ پتھر ۔ یہِ واقعہ چھُ سپُد مُت پانپرس منٛز تتھ جایہِ یتتھ ازکل للہٕ تراگ چھُ ۔ للہِ سپُد نہٕ یتھ راز فاش گژھن برداش ۔ چنانچہِ چھیٚہ سو گرٕ بارترٲوِتھ ژلان تہٕ سو سپز وونی دَیہ ہنٛدِس عبادتس منٛز مکمل پٲٹھی مشغول ۔ یہِ کتھ چھیٚہ عام زِ للہٕ دید یلہِ کٔشیرِ ہنٛد بن طرفاتن پھیرُن لوگ، تس سپُد شاہمدانس ؒستی ملاقات ۔ یتھ دوران تمو رازونیازٕ چ کتھ کٔر ۔ لل دیدِ چھُ شیخ العالمسؒ دودتہِ دیُت مُت ۔

لل دید اُس اعلیٰ پایچ روحٲنی بُزرگ ۔ سوٗ اُس مروجہِ شوٗچ (فلسفچ) نہٕ صرف قایٔل بُلکہِ پیروکارتہِ ۔ اَمہِ ٔچ (فلسفچ) ژھاے گراے چھیٚہ تسنٛدِس کلامس منٛز تہٕ درٲٹھی گژھان ۔ لل چھیٚہ ونان:

شِو چھے تھلہِ تھلہِ روزان — موے زان ہیۆند تے مسلمان

تُرک ہے چھکھ تے پان پرٕزناوُن — سوٗے چھے صاحبس زانی زان

لل دید چھیہ کاشُر زبأنی ہنز اہم شاعرٕ یمن ہِندِس کلامس منز شُتی کنٛتھس مُقابلہٕ کاشُر یوت زیادٕ تہٕ نمایان چھُ۔ أہنز شاعری منز چھُ دے ژھارُنُک فلسفہٕ ہمہ تن در ییٹھی گژھان۔ پٔنن پان پرکھاونس پیٹھ چھیہ لل دید سخ زور دِوان۔ سماجس منز سُدھارأنکی پہلو تہِ چھِ للہِ ہنزِ شاعری منز وبژھناونہٕ آمتی۔ طنز چھُ أہنزِ شاعری ہُند خوبصورت پہلو۔ تاہم چھُ للہِ ہُند پرِبتھ کانٛہہ موضوع فلسفانہٕ اندازٕ پیش کرنہٕ آمُت۔ روحأنی اعتبارٕ اگر وُچھو، لل دید چھیہ پرِبتھ کانٛہہ موضوع أتھی پوت منظرس منز واضح کران۔ مثلاً

| | |
|---|---|
| نبرٕ دوٗ پنم اندراٗژُن | گوٗرُن ووٗنم اکُے وژَن |
| توَے ہیوٚتم ننگےنژُن | سُے میہ للہِ گوٗوواکھ تہٕ وژُن |

لل دید چھےٚ کاشرِ شاعری، ادبٕچ، فلسفٕچ تہٕ کشیرِ ہٕچ نہ صرف علمبردار، پیرو کار بلکہ نشأنی تہِ۔ أمِس چھِ کأشرِ لوٗکھ عزت واحترام کران۔ أمِ سُند کلام چھُ اکثر و بیشتر استعمال سپدان۔ تمیُک بوٚڈ وجہ چھُ یہ زِ أہندی کلامن چھیہ لوٗکن منز ڈٕپژِ شکل اختیار کرٕمژ۔ مثالے

ہوٚنٛد مأری تن یا کھ للہِ نلہٕ وَٹھ ژلہِ نہٕ زانٛہہ

لل دید چھیہ ترُستتھ ؤرشہِ وأنسہِ منز ۱۳۹۴ء کُیت یجبیارِ فوت سپدان تہٕ تی آیِ دفن تہٕ کرنہٕ۔ أمِ ہِندِس ناوس پیٹھ چھیہ کشیرِ منز جایہِ جایہِ بُستی ،

ادار، سڑکہٕ تہٕ عمارژ تہِ۔ پانپرس منز چھُ للہٕ تراگ ازتہِ پننہِ زمانچ یادتازٕ کران۔ مگر سرکارٕچ عدم توجہی کِنی چھُ عام لُکو خاص طور اَمچہِ ہمسایگی منز روزن والیو پیٹھ صابُو اَتھ پیٹھ ناجایز قبضہٕ کۆرمُت۔ تاہم یُس حِصہٕ بچومُت چھُ، سُہ چھُ بلکل بشنیاہ باسان تہٕ تتھ پیٹھ قبضہٕ کرنچ کوشش چھُ پربتھ کانہہ ہمسایہٕ کران۔ للہٕ تراگ اوس لگ بگ وُہ (۲۰) کنال زمینس پیٹھ پھلِتھ۔ للہٕ تراگ ناوکھ یہِ تلاو اوس ۱۹۸۲ ءتام باضابطِ پاٹھی موجوٗد تہٕ اَتھ منز اَسی عام لُکھ اتھہٕ بتھ چھلان تہٕ سران کران۔ اَمچ گہرایی اَس منز باگ باہ تہٕ اندس پیٹھ ژور فُٹہٕ۔ اتھ آسہٕ گاڈِ تہِ۔ تاہم اَسی لُکھ حسبہِ روایت یمہٕ گاڈ کھنبس پرہیز کران۔ یہِ تراگ چھُ ازکل بلکل خُشک تہٕ اندازٕ مُطابق آسہِ وونی صرف داہ کنال زمین موجود۔ تِتھے پاٹھی چھُ زنانن ہُند ہسپتال للہٕ دبد ناوسے پیٹھ تھاونہٕ آمُت۔ لل دبد آباد، لل دبد سکول، محلے للہٕ دبد تہٕ بیٚیہِ تہِ کتی ناو چھِ للہٕ دبد ہنز یادتازٕ کران۔



## کتابیات(Bibliography)

1. Anvita Abbi; 1997, *Language of Tribal and Indigenous Peoples of India*, Delhi.
2. Braj B. Kachru; 1969, *A Reference Grammar of Kashmiri*, illinois, urbana, USA.
3. B.B.Rajapurohit; 1983, *Shina Phonetic Reader*, CIIL, Mysore.
4. C.C.Uhlenbeck; 1977, *A manual of Sanskrit Phonetics*, Delhi.
5. E. Gloyn Lewis; 1972, *Multilingualism in the Soviet Union*, Paris.
6. G. A. Grierson, 1968, *Linguistic Survey of India*, Vol 8, part.1, Delhi.
7. George A. Grierson, 1973, *Standard Manual of the Kashmiri Language*, Vol. I and II, Lucknow.
8. George Yule; 1996, *The Study of Language*, New York.
9. Gilbert stater; 1982, The *Dravidian Elements in Indian Culture*, New Delhi.
10. J.H. Greenberg; 1968, *Anthropological Linguistics*, New York.
11. Jawaharlal Handoo; 1973, *Kashmiri Phonetic Reader*, CIIL, Mysore.
12. Jayanthi Dakshina Murthyi; 2003, *Contemporary English Grammar*, Delhi.
13. Kashi Wali and Omkar Koul, 1996, *Kashmiri A Cognitive Grammar*, Routlege, London.
14. M.B. Bhaduri; 1931, *Mundari English Dictionary*, Delhi.
15. N.Ramaswami; 1999, *Common Linguistic Features in Indian Languages: Phonetic*, CIIL, Mysore.
16. Namita Catherine, Shadap Sen; 1981, *The Origin and Early History of the Khasi-synteng People*, Calcutta.
17. Norman H. Zide, 1966, *Studies in Comparative Austroasiatic Linguistics*, London.
18. Omkar N.Koul and Peter Edwin Hook; 1984, *Aspects of Kashmiri Linguistics*, Delhi.
19. Omkar N. Koul; 1977, *Linguistic Studies in Kashmiri*, Patiala.

20. Omkar N. Koul; 1996, *South Asian Language Review*, Vol. VI, No.1, Mysore.
21. Philip N. Jenner, L.C.Thompson and Stanely Starosta; 1976, *Austroasiatic Studies*, Vol II, Hawaii.
22. P.N. Dutta Baruah; 1997, Language of North East, CIIL, Mysore.
23. Robert A. Blust; 1988, *Austronesian Root Theory*, Series.19. Amsterdam.
24. Ruth Laila Schmidt and Omkar N.Koul; 1983, *Kohistani to Kashmiri*, Patiala.
25. S. P. Gupta; 1979, *Archaeology of Soviet Central Asia and the Indian Borderlands*, Vol. I, Delhi.
26. T.R.Wade; 1888, *A Grammar of the Kashmiri Language*, London.
27. *The Nilmat Purana*, 1968, Srinagar.
28. T. Grahame Bailey, 1924, *Grammar of the Shina Language*, The Royal Asiatic Society of Bangal, Calcutta.
29. U. Nissor Singh, 1904, *Khasi-English Dictionary*, Delhi.
30. آفاق عزیز، ۲۰۰۳ء، ملکھا۔ اکھ توارِیخی لسانی جائزٕ، سنٹر آف سنٹرل ایشین سٹیڈیز، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔
31. بشر بشیر، ۱۹۸۱ء، کاشرِس منزٕ تذکیر تانیث، سرینگر۔
32. ٹھاکر روگناتھ سنگھ (تحصیلدار لینڈر کارڈس گلگت)، ۱۹۸۸ بکرمی، شنا، جموں۔
33. رتن لال تلاشی تہٕ عادل کاک، ۲۰۰۲ء، کاشِر زبان۔ اکھ گرامری وبوٗھنے، سرینگر۔
34. غلام رسول طاہر، ۱۹۷۰ء، کاشُر گرامر۔ لولہٕ گُل، سرینگر۔
35. تاجی منور تہٕ شفیع شوق، ۱۹۷۳ء، کاشُر گرامر، کاپرن، کولگام۔
36. نشاط انصاری، ۱۹۷۹ء، توٗ کاشُر گرامر، سرینگر۔

☆

# VITASTA
## *KASHMIRI GRAMMAR*

**DR. AFAQ AZIZ**

**CENTRE OF CENTRAL ASIAN STUDIES,**
**UNIVERSITY OF KASHMIR, SRINAGAR.**
**2005**